یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

# انہار

۲۰۰۱




کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر حضرت بل سرینگر

# اَنہار

گوڈنیک چھاپ: ۲۰۰۱ء

کتابت :۔ معراج تُرکوی

چھاپ خانہ : میکاف پرنٹرس

ناشر :۔ کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر حضرت بل سرینگر

# ترتیب

۵

سرنامہ
پروفیسر شفیع شوق

۷

تقابلی ادب معنی، سکوپ تہٕ امکانات
پروفیسر جی، آر، ملک

۱۸

کاشُر شاعری تہٕ وَزنُک صوٗرتِ حال
پروفیسر رحمٰن راہی

۵۴

گُلریز ــ اصل تہٕ ترجمہ
محمد یوٗسُف ٹینگ

۷۱

اُردو تہٕ کاشُر افسانہ ــ تخلیقی تناظرس منز
پروفیسر حامدی کاشمیری

۷۹

ادبی ہیٚژ تہٕ تقلید ۔ مغرب تہٕ مشرق ۔ اکھ جایزٕ
پروفیسر غلام نبی فراق

۸۸

فارسی ہِس تہٕ کاشرِس منز شاہنامہ - اکھ تقابلی مطالعہ

پروفیسر مرغوب بانہالی

۱۰۱

یوُسفؑ زُلیخا ــــــ تقابلی سام

ناجی مُنور

۱۱۵

ادبی تجرُبن ہُند تقابلی مطالعہ

غلام نبی خیال

۱۲۶

شاعری ہنز زبان

پروفیسر شفیع شوق

۱۳۶

مہجورٕ تہٕ جوش - شاعرانہ رُویہ تہٕ تاریخی حقیقت

ڈاکٹر فاروق فیاض

۱۴۷

کاشرِس منز رامائن

ڈاکٹر رتن تلاشی

۱۵۷

اقبال تہٕ آزاد ــــ اکھ موختصر تقابلی جایزٕ

ڈاکٹر رُخسانہ تبسم

# سرنامہٕ

تقابلی ادب چھُ ووٚنی عالمی ادبس منٛز اکھ مُستند تہٕ خود کفیل علمی شعبہٕ بنیومُت تہٕ وارِہین یونیورسِٹین منٛز چھےٚ اَمِچ اہمیت پرٛزناوتھ یِتھ اَمِ شعبکۍ الگ ڈیپارٹمنٹ قایِم آمتۍ کرنہٕ۔ یِتھنہٕ یِتھ یونیورسِٹی منٛز کوٚر کاشُر ڈیپارٹمنٹن یُرس اَتھ موضوعس پیٹھ گوڈنِکۍ پھِر اکھ سےٚ روزہٕ سیمنار یِتھ منٛز۔ وُہ پیٹھی مقالہٕ پرٛنہٕ آے۔ سیمنارس منٛز کرٕ لۆبہٕ وادی ہندۍ وارِہو ادیبو تہٕ دانشورو شرکت تہٕ مقالن پیٹھ کوٚر کھ بحث۔ اَمِ سیمنارُک اکھ رُت نتیجہٕ دراو یہِ زِ ’اہار‘ کِہ یِمہٕ خصوٗصی شمارہٕ بابتھ سِہ مواد جمع لیُٚس سانٛہِن طالب علمن ہندۍ ضروٗرت کِنہٕ حدس تام پوٚرہٕ کرِ۔ یِتیٚن چھُ یہِ تہٕ یاد پاوُن ضروٗری زِ تقابلی ادب چھُ اَمِہ برونٛہہ ایم اے کِس نصابس منٛز اکہِ الگ کورسہٕ رٔنگۍ شامل کوٚرمُت۔ اَتھ سیمنارس منٛز ہاو سانٛہو لیکھن والیو رِسرچ سکالرو تہٕ طالب علمو تیٚزاہ دلچسپی زِ اَتی آو فیصلہٕ رنہٕ زِ اَمِ موضوٗعکۍن بیٚیِن کینٛژن پاسن پیٹھ پیٚیِ یِہُس تہٕ اکھ سیمنار مُنعقد کرنہٕ۔

تقابلی ادب چھُ اکھ نوٚو تنقیدی شعبہٕ آسِتھ تہٕ سیٹھاہ پرٛون تصور میتھو آرنلڈن دُیت اتھ ۱۸۴۸ ہِس منٛز یہِ ناو، نہٕ زن چھُ پرٛزِ زِ یہِ زِ پرٛیتھ کانٛہہ ادب پارہٕ چھُ یتھنہٕ فطرتکنی تقابلی نوعیتُک ہُند آسان تِکیازِ یُس تہٕ لیکھن وول یِتھ تہٕ زمانس منٛز لیکھِ، سُہ لیکھِ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ زبانہِ منٛز تہٕ تتھ زبانہِ آسہِ پننۍ ادبی روایت۔ پرٛیتھ کانٛہہ

انفرادی تخلیقکار ستہٕ انفرادی تخلیق چھےٚ اوکنۍ تخلیقکارٕ ہندٕن بیشرٕون تہٕ ہمعصرٕن ہترٕن بے شمار تخلیقن ہندِس تقابلس منزٕ یِکھنہٕ یوان تہٕ پرٕن والین ہندِ طرفہٕ قبول کرنہٕ یوان۔ ییٚتے یوت۔ تہٕ پرٕچھ کانہہ تخلیق چھےٚ مقامی روایژن پیٹھ قایم آسِتھ تہٕ عالمی ادبی معیارن تہٕ ادبی ترائِن ہندِس تقابلس منزٕ پرنہٕ تہٕ پرکھاوتہٕ یوان۔ اَتھ منزٕ چھےٚ لہٰذا مقامی روایژن، عالمی معیارن، زمانٕکس سماجی تہٕ معاشی صورتحالس، صنفن، ادبی تہٕ فکری تحریکن تہٕ زبانہٕ ہندِس ورتاوس پیٹھ بحثچ گنجایش تہٕ یتھ کنۍ چھُ تقابلی ادب اکھ بین شعبی علم تہٕ لہٰذا تیوت وسیع زاتھ پیٹھ چھُ مسلسل لیکھنک ضرورت ـــــ توقع چھُ اَہنارک دردس شمارٕ دِیہ اکھ مفید بحث وُتش۔

پروفیسر شفیع شوق

# تقابلی ادب

## معنی، سکوپ تہٕ امکانات

پروفیسر جی، آر، ملک

CHAUVINISM HAS CRIED HAVOC IN POLITICS; IT HAS NO PLACE IN LITERATURE. THE CRITIC .... IS NOT A MAN TO STAY IN HIS OWN GARDEN. (GEORGE STEINER, LANGUAGE AND SILENCE.)

علاقٲئی تعصُبن چھےٚ سیاست تباہ کٔرمُت۔ ادبس منٛز چھِنہٕ امہٕ خاطرٕ کانٛہہ جاے۔ نقاد چھُنہٕ پننِس باغس منٛز قٲد روزان۔

(جارج اسٹائنر۔ زبان تہٕ خاموشی)

سنہٕ ۱۹۵۸ء ہس منٛز کوٚر الفرڈ گیوراڈن (ALFRED GUERARD) اَکِس مضمونس منٛز اعلان کہ تقابلی ادب گژھہ منسوخ کرنہٕ یُن تہٕ کیازِ سورُے ادب چھُ پانٛہٕ پانٛنے تقابلی آسان۔

ABOLISH COMPARATIVE LITERATURE BECAUSE ALL LITERATURE IS COMPARATIVE.

امہٕ اہم تنقیدی بصیرتکۍ مضمرات سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ ضروری کہ تقابلی ادب کیا چھُ زانٛنہٕ برونٛہہ

گژھ واسے یہ زانُن کہ یہ کیا چھُ۔ تقابلی ادب چھُنہ تِتھ پاٹھۍ کُنہ خاص ادبُک ناو یِتھ پاٹھۍ
زَن مثلاً آسہِ چھِ وَنان انگریزی ادب کاشُر ادب یا فارسی ادب وغیرہ بلکہ چھُ یہ اکھ مخصوص نظریہ
(APPROACH, POINT OF VIEW) تہٕ اکھ خاص طرزِ تنقید (METHOD OF CRITICISM)
تقابلی ادب چھُ اکھ ووتہٕ زیادٕ ادبن مُنٛد یِتھ پاٹھۍ مُطالعہ کران کہ تِمن ہٕنٛد ہیترٕ تہٕ تِمن ہٕنٛد اختلافات
چھِ واضح گژھان تہٕ اَمہِ علاوٕ ہٕنٛدِس نتیجس منز چھِ تخلیقی ادب پرکھاوُنچ صحیح نظر تہٕ بصیرت پادٕ
سپدان۔ حق چھُ یہ کہ یہ نظر تہٕ بصیرت ہیکہٕ نہٕ اَمہِ ورأے پوٗرٕ وسعت تہٕ گہرائی سان زانہہ
تہٕ پادٕ سپدِتھ۔

اَمہِ برونٛہہ کہ بہٕ کرٕ تقابلی ادبس متعلق پنٕنہٕ اَمہِ تعریفِچ کینٛہہ وضاحت بہٕ تھاوٕ توٗہہ
برونٛہہ کنہٕ اَمہِ علمہٕ کیٚن کینٛژن ممتاز ماہرن ہٕنٛزٕ کینٛہہ تعریفہٕ (DEFINITIONS)
تاکہ میانہٕ کتھِ نیرِ زراواش۔ یِمو ماہرو یِم خیالات تقابلی ادبس متعلق ظاہر چھِ کرِمتۍ تِم ہیکن موٹۍ پاٹھۍ
دون قسمن منز تقسیم کرنہٕ یِتھ۔ اکھ گوو تقابلی ادبُک اکھ وسیع تصور تیٚیچ بہترین نمائندگی ہنزی ریمارک
چھِ کران۔ سُہ چھُ وَنان:

COMPARATIVE LITERATURE IS THE STUDY OF LITERATURE BEYOND THE CONFINES OF ONE PARTICULAR COUNTRY, AND THE STUDY OF THE RELATIONSHIPS BETWEEN LITERATURE ON THE ONE HAND AND OTHER AREAS OF KNOWLEDGE AND BELIEF, SUCH AS THE ARTS... PHILOSOPHY, HISTORY, THE SOCIAL SCIENCES..., THE SCIENCES, RELIGION ETC., ON THE OTHER. IN BRIEF IT IS THE COMPARISON OF ONE LITERATURE WITH ANOTHER OR OTHERS, AND THE COMPARISON OF LITERATURE WITH OTHER SPHERES OF HUMAN EXPRESSION.

تقابلی ادب گوو کُنہٕ اکھ ملکچ حد بنٛدی یونہٕ نیبر نیرِتھ ادبُک مُطالعہ کرُن تہٕ یہ وُچھُن کہ علمہٕ کیٚن

تہٕ اعتقادکین باقی مادان مثلاً فنونِ لطیفہ، فلسفہ، تارِیخ، سماجی علوم سائنس تہٕ مذہب وغیرہ
چیزن ستی کیاہ چھُ ادبُک رشتہٕ۔ ژھوٹی پاٹھۍ ونوٚ یہ کہ یہ گوو اکس ادبس بییس ادبس یا بییٚن ادبن
ستی مقابلہ کرُن تہٕ امہٕ علاوٕ ایمیک تقابل انسانی اظہارچین باقی شکلن ستی تہٕ کرُن۔

دوٚیم گوو تقابلی ادبُک اکھ نِسبتاً محدوٗد تصوٗر ییٚس اتھ ادبی دائرس منز ے تھاوِتھ چھُ
وُچھان۔ اکھ جامع تعریف چھِ کلاڈ پیشوی (CLAUD PICHOIS) تہٕ آندری روسو
(ANDRE M ROUSSEAU) یتھ پاٹھۍ پیش کران:

COMPARATIVE LITERATURE: ANALYTICAL DESCRIPTION, METHODICAL AND DIFFERENTIAL COMPARISON, SYNTHETIC INTERPRETATION OF INTERLINGUISTIC AND INTERCULTURAL LITERARY PHENOMENA, THROUGH HISTORY, CRITICISM AND PHILOSOPHY, IN ORDER THE BETTER TO UNDERSTAND LITERATURE AS A SPECIFIC FUNCTION OF HUMAN MIND.

تقابلی ادب: تجزیاتی وضاحت، طریقِ عمل، ہشرس تہٕ اختلافس منز مقابلہ
کرُن، بین اللسانی تہٕ بین التہذیبی ادبی مظاہرن ہنز تارِیخ، تنقید تہٕ فلسفہ کہ مدتہٕ جامع
تشریح کرنی تاکہ ادب یہ انسانی قلب وذہنچہ اکہ عملہ ہند ژنگی بہتر پاٹھۍ سمجھس منز یتھ۔

ساینہ زمانُک ممتاز تقابلی ماہر (COMPARATIST) رینی ولک چھُ ونان کہ تقابلی ادب چھُ
تمام حدبندیو نِشہٕ آزاد گژھتھ ادبُک مطالعہ کران تہٕ امی خاطرہ ساری اہم طریقہٕ مثلاً وضاحت،
موٗلون وغیرہ استعمال کران۔ یہ چھُنہٕ ضروٗری کہ یمن دون یا دوٚ یہ کھوتہٕ زیادٕ ادبن ہُند مطالعہ
کروٚ تمن گژھہِ کانہہ ٹاکارٕ ہشر تہٕ نوٚن تعلق آسُن۔ یمن ادبی روایتن بظاہر کانہہ تہٕ تارِیخی واتھ آسہٕ
تمن ہُند تقابل تہٕ چھُ ادبی قدر وقیمت تھاوان تہٕ کیازِ عظیم ادب پارٕ چھِنہٕ فی الاصل تارِیخی دستاویز
(DOCUMENTS) آسان بلکہ چھِ یم ادبی تارِیخی یادگار (MONUMENTS) آسان۔ یوہے
وجہ چھُ کہ میتھو آرنلڈ چھُ ونان کہ قانونِ فطرتکی پاٹھۍ چھُ اکھ قانونِ تنقید تہٕ تہٕ سُہ گوو یہ زِ

EVERY GREAT CRITIC SHOULD TRY AND POSSESS ONE GREAT LITERATURE, AT LEAST, BESIDES HIS OWN, AND THE MORE UNLIKE HIS OWN, THE BETTER.

ہر نقادس پزِ کوشش کرنی کرُن زِ پننہِ ادبہ علاوٕ کم از کم
بیَیس اَکِس بڈِس ادبس پیٹھ عبوٗر حاصل تہٕ سُہ یوٗتاہ ہمہ سند
پننہِ ادبہ نِشہِ مختلف آسہِ تیوٗتاہ روزِ بہتر۔

پیٹھے یاٚ کِھ چھُ کروچے (CROCE) یہِ اصوٗل اکہِ عالمگیر قدرِ ہِند حیثیتہٕ پیش کران کہ ادبچ تفہیم تہٕ اَمہِ نِشہِ حظ حاصل کرُن چھُ بالآخر تقابلی آسان۔ مائیکل باختین چھُ FROM THE PREHISTORY OF NOVELISTIC DISCOURSE عنوانہٕ مضموٗنس منز (WILLIAMOWITZ MOELLENDROFF) سُندِ یہِ قول پننہِ تائیدِ سان نقل کران۔

ONLY KNOWLEDGE OF A LANGUAGE THAT POSSESSES ANOTHER MODE OF CONCEIVING THE WORLD CAN LEAD TO THE APPROPRIATE KNOWLEDGE OF ONE'S OWN LANGUAGE.

پننہِ زبانِ ہُند صحیح علم ہیکہِ انسان تیلی حاصل کٔرِتھ ییلہِ سُہ ترٛتھ بیاکھ
زبان زانہٕ یتھ نِشہِ دنیا فہمہِ کِس گرفتس منز اَکھ نٔو طریقہٕ بدوٗن آسہِ۔

آرنلڈ یتھ قانوٗنِ تنقید وَنان چھُ، اگر ذرا سنرس گژھو تیلہِ چھُ سُہ قانوٗنِ تخلیق تہٕ گوئٹے، آرنلڈ، پاؤنڈ، یےٹس، ایلیٹ، پروست، پُشکن ٹیگور اقبال، جوائس تہٕ رِلکے ہوٚن عظیم فنکارن ہُند ادبی کارنامہٕ چھُ اَمہِ حقیقژ بہترین توضیح۔ یمن فنکارن ہُند ادبی کنوِیس چھُ انتہائی وسیع تہٕ کُشادٕ۔ یمیُک اکھ بوٚڈ وجہ چھُ یہِ کہ یمن نظر آسہِ اَکی سے ادبس تام محدوٗد۔ عالمگیر تناظرن دِژ یمہندِس عالمگیریتس اکھ نوٚشان تہٕ حرارت۔

یہِ چیز چھُ اَسہِ قدرتی طور اَکِس اہم موضوٗعس کُن نوان سُہ گوٚو ادبس منز عالمگیر،

ابدی تہٕ آفاقی عنصر تہٕ اَتھ مقابلہٕ تاریخی تہٕ وقتی عنصرن ہنز آمیزش ۔ ادبس منز چھِ یم دۄنوے
عنصر اکس نامیاتی رشتس منز منسلک آسان مگر ادب چھُ بنان ادب ییٚنہٕ عالمگیر، اَبدی تہٕ
ما فوق الزمان (TIMELESS) عنصر ییتو ۔ یوٚہے ما فوق الزمان عنصر چھُ تمن ابدی تہٕ عالمگیر
علامتن ہُند آگُر آسان یمن اُسی آرکی ٹائپ چھِ وَنان ۔ مثالہٕ پاٹھۍ ییلہٕ اُسی سفوکلیز، شیکسپیئر،
سعدی، حافظ، غالب تہٕ للہٕ دیدٕ ہندین ادبی کارنامن سام چھِ ہوان اُسی چھِ وُچھان کہِ تِم
اُسی تتھے پاٹھۍ ییٚنو زمانو خاطرٕ موزوٗن ییتھ پاٹھۍ سانہٕ خاطرٕ چھِ اما پوز تہندین زمانن ہندی برِن
والۍ اُسی تِمن ییٚنۍ پاٹھۍ پرِان تہٕ اُسی چھک ییٚنۍ پاٹھۍ پرِان ۔ اَسہِ تہٕ تمن لُکن ین رٕلاوان چھُ سُہ چھُ
تہندین تخلیقاتن ہُند ابدی عنصر ۔ فرائڈن کوٗر وُہمہِ صدی منز سفوکلیزس نِشہِ ایڈیپس کمپلیکس
تصور حاصل تہٕ قدیم یوٗنانی اُسی یہ ڈراما ییٚنہٕ جبر ییتھے روشنی منز پران ۔ ہیملیٹس چھِ تاریخی، اخلاقی
نفسیاتی، وجودی (EXISTENTIALIST) تہٕ باقی واریاہ ییٚنہِ جہتہٕ تہٕ پریتھ زمانکۍ لوکھ
چھِ اَتھ ییٚنہٕ ییٚنہٕ رنگہٕ وُچھان ۔ حافظ سُند:

دریں چمن گُل بے خار کس نہ چید آرے
چراغِ مُصطفوی با شرارِ بولہبی ست

تہٕ للہٕ دیدٕ ہُند

آمہِ ییٚنہٕ سۄدرس ناوِ چھس لمان

ہوی شعر چھِ اَسہِ نِشہِ واتان ، سانین ستّرن منز وسان اَمہِ سببہٕ کہِ یم چھِ عالمگیر تہٕ ابدی
حقیقتو منز وۄتلان ۔ اَتھ معاملس ییٚتھ لۄتاہ غور کرو اُسی تیوٗتاہ چھے یہِ کتھ اَسہِ فکرِ تران
کہِ کینہہ تخلیقی فنکار کیازِ چھِ وتنکۍ ، معاشکۍ تہٕ تہذیبکۍ فاصلہٕ مسمار کرِتھ اَسہِ نِشہِ واتان تہٕ ہمیشہ
زندٕ روزان تہٕ اَتھ برعکس کیازِ چھِ واریاہ فنکار ییٚنہٕ وقتہٕ پانے تاریخہِ کہِ صفہٕ ییٚتھ مٹاونہٕ
یوان حالانکہ یمو منز چھِ بیشتر تِم یم ییٚنہٕ وقتہٕ برٕ مقبوٗل چھِ آسان ۔ اَمِچ روشنی منز کرِو تو
ارسطو سُندِس ییتھ سادٕ تہٕ عظیم کتھِ ییٚتھ ییٚنہٕ اکہِ پھِر غور کہِ ادب چھُ تاریخہِ کھوتہٕ زیادٕ ابدی

## تہٕ عالمگیر آسان

POETRY IS MORE UNIVERSAL THAN HISTORY

یا ہاٹی ڈیگر سنٛدِس یتھ قولس پیٹھ کہ ادب گیہٕ سو بنیادی پیٹھ تاریخ دِرِتھ چھے۔ افسوس کہ
اَمہِ اہم نوقطچ وِرژھنے چھِ یمہٕ مقالہٕ کہٕ دائرٕ نبر۔

تقابلی ادب چھُ ادبی فن پارن ہنز۔ عالمگیر تہٕ آفاقی معنویت (RELEVANCE)
مشخص کران یوسہٕ زَن ادبی تنقیدچ بنیادی کام چھے۔ اَمہِ خاطرٕ چھُ قدرتی طور تقابلی طریق
علمے یوت موزوٗن حقیقت چھے یہ کہ تنقید صحیح ادبی تنقید (واقع نگاری تہٕ سوانح نویسی نہٕ) چھے ہمیشہ
تقابلی آسان۔ مثلاً یمہِ ساعتہٕ یہ کُنہِ منظوم کلامس وٕژن چھِس ناو دِوان یا غزل یا مثنوی چھِس وَنان یہ
چھِس تقابل شروع کران یتھ پاٹھۍ زِ شعوری یا غیر شعوری طور چھِس یہ وٕژن یا غزلہٕ ہنز
یا مثنوی ہنز پوٗرٕ روایت برونہہ کُن انان تہٕ تتھ اندر تھاوِتھ چھِسَن سہٕ کلام منظوم وِرژھناوان
پرکھاوان تہٕ مولہٕ ناوان۔ یہ ہرگاہ یہ کتھ وَنہٕ نہٕ کرٕ یہ ہسأ چھِس اَتھ مقابلہٕ کران مگر تو تہٕ چھِس
یہ تی کران آسان۔ نارتھروپ فرائی چھُ LITERATURE AS CONTEXT: MILTON'S LYCIDAS'
عنوانہٕ مضموٗنس منز بجا طور لیکھان کہ EVERY POEM IS INHERENTLY CONNECTED
WITH OTHER POEMS OF ITS KIND.

ہر نظمہٕ چھُ پننہٕ قسمہٕ چہن نظمن سٟتۍ اندروٗنی رشتہٕ آسان۔

فرائی سُند پنُن سوٗرے تنقیدی کارنامہٕ چھُ اَتھۍ محورس اندۍ اندۍ پھیران۔ موجوٗدٕ
پس ساختیاتی (POST-STRUCTURALIST) تنقیدکِس اصطلاحس منز چھُ اتھ اندروٗنی
متنی ہانکل (INTERTEXTUALITY) وَنان۔ تقابلچ یہ عمل چھنہٕ ہیتی سطحس تلے
محدود بلکہ چھُ موادکس سطحس پیٹھ تہٕ یتھے پاٹھۍ موجوٗد۔ اکے مواد مثلاً داستانِ لیلےٰ مجنوٗن (یس فارسیس
اُردوٗہس تہٕ کاشرِس منز مختلف شکلن منز لبنہٕ چھُ یوان) یا مغربی ادبس منز فوسٹ لیجنڈ (یمہٕ چہٕ
زِ نمایاں ادبی شکلہٕ مارلو سُند ڈاکٹر فاسٹس تہٕ گوئٹے سُند فاؤسٹ چھُ) یا پرومیتھیس اسطور (یُس

لےٚ اسکلاس سٕنٛد PROMETHEUS BOUND، شیلی سٕنٛد (PROMETHEUS UNBOUND) تہٕ بائرن سٕنٛز پرومیتھیس PROMETHEUS نظمہٕ ہُنٛد موضوع چھُ۔ یا تلاشک تہٕ ژھانٛڈ دِنک موضوع (QUEST THEME) چھ نمایاں مثالہٕ ODYSSEY، شاہنامس منٛز رستم تہٕ اسفندیارٕ سٕنٛز داستانہٕ تہٕ سکندر نامس منٛز آبِ حیاتچ تلاش چھےٚ۔ چھُ مختلف دورن تہٕ مختلف تخلیقی فنکارن ہٕنٛدین اتھن منٛز مشترک عالمگیر عنصر و باوجود مختلف طریقو ظاہر سپدان۔ تقابلی نقاد چھُ وُچھان کہ کتھ پاٹھۍ چھُ اکِہ دورٕ بیٚیہٕ بٔنیس دورس تام یا اکِس شخصس بیٚیہٕ بٔنیس شخصس تام اَکےٚ مواد ورتاونہٕ وِزِ زور (EMPHASIS) بدلان روزان۔

تقابلی ادبُک ماہر چھُ یہٕ وُچھان کہ روایتہٕ نِشہٕ لوسہٕ سٕنٛزِ تہٕ مواد تخلیقی فنکارس میلان چھُ سُہ کتھ پاٹھۍ چھُ پنٕنہٕ رنگہٕ، پنٕنہٕ دورکہِ تقاضہٕ رنگہٕ اَتھ منٛز تصرف کران۔ دوٚیمین لفظن منٛز چھُ سُہ روایتس منٛز ندرت تہٕ نوٚوِر پاٚدٕ کران تہٕ یہٕ چھُ تخلیقکہِ اہم نشانو منٛز اکھ۔ یہٕ کتھ واضح کرنہٕ خاطرٕ نموٗنٕسی مثالہٕ پاٹھۍ مثنوی 'شاہنامہ' مولانا رومی سٕنٛز مثنوی۔ اقبالہٕ سٕنٛز 'اسرار و رموز' تہٕ مقبول شاہ کرالہٕ واری سٕنٛز 'گلریز'۔ ژٕ نوٚے چھےٚ مثنوی یہٕ۔ ژٕ نوٚنی منٛز چھ کیہنہ قدرٕ وٕ حال مشترک مگر ژٕ نوٚے چھ نمایاں طور مختلف تہٕ کیازِ ژٕ نوٚے چھ اکھ مخصوص ہیٔت پنٕنہٕ پنٕنہٕ رنگہٕ تہٕ پنٕنہٕ پنٕنہٕ مقصدٕ خاطرٕ استعمال کران۔ بیاکھ مثال ملٹن سٕنٛز نظم LYCIDAS شیلی سٕنٛز "ایڈونیس" تہٕ اقبالہٕ سٕنٛز "والدۂ مرحومہ کی یاد میں"۔ ترٛنوٚے نظمہٕ چھےٚ مرثیہ۔ گوڈنچہٕ زٕ چھےٚ اعلانیہ طور PASTORAL ELEGY تہٕ اَمہٕ مخصوص ELEGY ہٕنٛدی ترےٚ اہم عناصر ترکیبی چھ ژٕ نوٚنی منٛز موجود۔ تم گےٚ التجا (INVOCATION)۔ ماتم (LAMENT) تہٕ تردید (RECANTATION)۔ التجا (INVOCATION) گوو نظمہٕ منٛز کامیاب گژھنہٕ خاطرٕ فوق الفطری طاقتن ہُنٛد مدد طلب کرُن چاہے سُہ خدا آسہٕ یا روح القدس یا دیوی دیوتا (مثلاً MUSES یا سرسوتی)۔ ماتم گوو مرن والِس پیٚٹھ ماتم کرُن تہٕ تٔمِسٕنٛدی وصف گنٛزراونی۔ تردید (RECANTATION) گوو آخرس پیٚٹھ کُنہِ نہٕ کُنہِ طریقہٕ اَمہٕ کتھ ہُنٛد اعلان

کرُن کہ مرِن وول چھُ کرُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ زندٕ چاہے یہ روٗحٕچ زندگی آسہٕ یا آواگمنٕچ زندگی آسہٕ یا حیات بعد الموت آسہٕ۔ ملٹنس نِشہٕ چھِ یہ تردید خالص عیسائی رنگس منز ظاہر سپدان تہٕ شیلی چھُ اتھ پننس مخصوص وحدۃ الوجودی رنگس منز پیش کران:

THE ONE REMAINS, THE MANY CHANGE AND PASS:

HEAVEN'S LIGHT FOR EVER SHINES, EARTH'S SHADOWS FLY.

اقبالن ییٚلہٕ والدہٕ مرحومہ کی یاد میں' لیچھ مے چھُنہٕ خبر کہ تمس آسا سِہی ڈیلس تہٕ ایڈونیس ذہنس منز۔ مگر تمی آسہٕ یمہٕ پرمژ تہٕ دوٚیم اکھ بڈٕ شوق سان پننین شاگردن پرناوِمژ تہٕ۔ گورنمنٹ کالج لاہورس منز یتھ زمانس منز تم انگریزی پرناوان آسی تمہٕ زمانکُ تہُند اکھ شاگرد میاں عطاء الرحمٰن چھُ لیکھان کہ اقبال اوس بڈٕ شوق تہٕ مزٕ سان ایڈونیس پرناوان تہٕ امہِ کِس اکِس اکِس بندس پیٹھ یوٚر اکھ اکھ لیکچر دوان۔ ممکن چھُ نظم لیکھنہٕ وِزِ ما آسہٕ ہن نہٕ شعوری طور یمہٕ نظمہٕ تمس بروٚنٹھ کُنہٕ مگر یمن ہُند اثر چھُ واضح پاٹھی تمی سندِ نظمِ پیٹھ بیوٚ مُت گرتردید ( RECANTATION ) چھُ سُہ پننی پاٹھی پیش کران:

مرنے والے مرتے ہیں لیکن فنا ہوتے نہیں

وہ حقیقت میں کبھی ہم سے جُدا ہوتے نہیں

بیا کھ اکھ مثال چھِ تم نغماتِ محبت یم مغربی تہٕ مشرقی ادبی سرمایس منز بڈٕ س تعدادس منز موجود چھِ مثلاً مارلو سُند COME LIVE WITH ME AND BE MY LOVE، یا والٹر ریلی سُند لوسانگ یا بیٚن جانسن سُند DRINK TO ME WITH THINE EYES یا مارول سندِ نظم TO HIS COY MISTRESS یا ایلیٹ سُند THE LOVE SONG OF J. ALFRED PRUFROCK یا راہی سُند لولہٕ باتھ 'کتھِ میانہٕ معشوقہٕ متہٕ دِتہٕ دول'۔ یمہٕ پانژ وُے چھِ لوسانگ' پانژوَنی منز چھِ کینہہ عالمگیر تہٕ مافوق الزمان عناصر مشترک مگر پانژوَے چھِ پننہِ پننہِ آیہٕ ORIGINAL

امی منز ہیکو اَسی تمہ اہم اصطلاحچی تعریف تہٕ اخذ کٔرتھ یتھ اثر اندازی تہٕ
اثر پذیری (INFLUENCE) چھ ونان تہٕ یُس تقابلی ادبہٕ کین بُنیادی تصوراتن منز
شامل چھُ۔ INFLUENCE چھُنہٕ یتہٕ کہ اکہ شخصس یا دوران یا تحریکس کینہہ پانٔٹھ چھ کانہہ
شخص یا دور یا تحریک متاثر کرمٕژ بلکہ تقابلی ادبس منز چھ امہ کھوتہٕ زیادٕ اہمیت تھتھ
اثر اندازی تہٕ اثر پذیری یوسہ تہٕ ٹاکارہ پانٔٹھ لبنہٕ چھنہٕ یوان بلکہ چھے یُس تہٕ مواد س منز نامیاتی
عنصر کہ حیثیتہٕ پوشیدٕ آسان۔ موجوٗدٕ زمانک نظریہٕ مسماریت (DECONSTRUCTION) چھُ
اکہ اعتبارٕ اثر اندازی تہٕ اثر پذیری (INFLUENCE) کے اکھ انتہائی (EXTREME) تہٕ
نامتوازن اظہار۔

یمہ مضموٗنک بُنیادی نقطہ چھُ یہ کہ تقابلی ادب چھُنہٕ اصلاً کانہہ نوٚو چیز بلکہ چھ
تمام ادبی تنقید بُنیادی طور تقابلی آسان مگر اکہ علیحدٕ شعبہٕ رنگۍ آو تقابلی ادب کُنوٗہمہ
صدی ہندِ اختتامہ پیٹھ وُہمہ صدی ہندس گوڈنکس نصفس تام بارس۔ انگریزی یس
منز کٔر گوڈنچہ پھِرِ یہ اصطلاح میتھو آرنلڈن تمہ ساعتہٕ استعمال ییلہٕ تمۍ AMPÈRE ہندِ
اصطلاح HISTOIRE COMPRATIVE ہُک ترجمہ امہ ترکیبہ ستۍ کوٚر۔ کلچرُک دلدادٕ، آرنلڈ اوس
اکہ تِتھہ ادبُک متمنی یتھ گوئٹےہن WELTLITERATURE ناو دیت تہٕ یتھ روندرناتھ ٹیگور
وشوہ ساہتیہ ونان اوس۔ کُنوٗہمہ تہٕ وُہمہ صدی منز ییٚر کینہہ ترقی پیش رفتہٕ (DEVELOP-
MENTS) یمہ ستۍ عالمی ادبُک یہ رجحان پھانپھلیو تہٕ مضبوٗط گوو۔ ترجمہ کاری لوٚب
اکھ نوٚو فروغ تہٕ ترجمہ کاری چھے تقابلی ادبچہ ترقی ہُند اکھ انتہائی اہم زینہ تہٕ کیازِ یہ چھے
بیک وقت تنقید تہٕ تہٕ تخلیق تہٕ۔ تنقید امہ کِنہ کہ ترجمہ کارس اگر تنقیدی شعور آسہ تہٕ تیٚلہ
تہٕ اکھ ادب پارٕ سمجھتھ تہٕ مولہ ناوتھ تہٕ یتھ سمجھ تہٕ مولونہ بغیر چھ ترجمہ ناممکن تہٕ تخلیق
امہ کِنہ کہ تخلیقی ادبُک ترجمہ چھُ ناممکن۔ یُتھ ترجمہ چھُ فی الاصل اکھ قسمہ بازآفرینی (TRAN-
SCREATION) آسان۔ سلطنتِ برطانیہ ہُک تقریباً عالمگیر استیلاہُک اکھ روشن پہلوٗ

(بنٛتہٕ اوس یہٕ زیادٕ بہن گڈٕ زوٚنہٕ) اوس یہٕ کہ یُتھ ترجمہٕ کاری سیتۍ عام تہٕ دُنیاہکۍ بیشتر ادب آیہٕ
اَکس اکھ واریاہ نزدیک۔ فرانسیسی ادبُک اوٚسۍ انگریزۍ ییٚس پیٹھ اثر گمژ وُہمہِ صدی منز بیٚیو و
چینی، جاپانی، ہندوستانی تہٕ افریقی تہٕ مشرقِ بعیدکین ادبن ہُندٕ تہٕ انگریزۍ ییٚس پیٹھ بار اثر ۔
پاؤنڈن کرٕ چینی زبانی پیٹھٕ ترجمہٕ۔ ہَیکوٚہُک گوو انگریزۍ ییٚس منز بحیثیتِ اکھ فارم آغاز۔ ییٹسن
کوٚر پروہت سوامیس ستۍ رلتھ اُپنشدن ہُند ترجمہٕ۔ ایلیٹن ییوٚچھ ہارورڈٕ سنسکرت تہٕ انگریزی
منز کرٕ اَمۍ لفظ استعمال۔ تو یہ آسہٕ فوراً تمۍ ہُنز نظمہٕ ویرانہٕ (THE WASTE LAND) ہُک
اند یاد بیوٚمُت۔

DATTA, DHAYADVAM, DAMYATTA

SHANTI, SHANTI, SHANTI

یاہٕ کتھ زٕ تَس بیمٕ شکہٕ DRY SALVAGES ناوٕچہٕ نظمہٕ منز چھُس بھگوت گیتاہکۍ حوالہٕ دِوان۔
انگریزۍ ییٚس پیٹھ یوٚت اثر باقی زبانن تہٕ ادبن ہُند بیوٚو تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ اثر ترٕو و
انگریزۍ یَن باقی زبانن تہٕ ادبن پیٹھ۔ برطانوی استیلاکس نتیجس منز بنیہٕ انگریزی زبان ساروے
کھوتہٕ پرنہٕ ینہٕ واجنۍ تہٕ ہیچھنہٕ ینہٕ واجنۍ زبان۔ انگریزی ادب یاو گیہٕ لازمی (COMPUL-
SORY) کورسن ہُندِ حیثیتہٕ شامل نصاب۔ امیُک نتیجہٕ چھُ ظاہر۔ ٹیگورس اَمۍ اکثر بنگالی صاحب
نظر ونان تہٕ وُنہٕ تہٕ چھِس ونان بنگالیس منز یوٚرپی شاعر (A EUROPEAN POET IN
BENGALI) فارسکۍ تہٕ اردوٗہکۍ موجودٕ شاعر چھِہ ساری یوٚرپی بالخصوص انگریزی زبانہِ تہٕ
ادبہٕ ستۍ متاثر گامتۍ۔ سانِس شاعر راہی صابس پیٹھ چھُ حافظس تہٕ غالبس نِشہٕ نِشہٕ انگریزی
روٗمانی شاعری تہٕ ایلیٹ ہُندٕ تہٕ بار اثر۔ مشرقِ وسطاہس خصوصاً ایرانس، مصرس تہٕ لیباہس
منز چھُ انگریزی کھوتہٕ زیادٕ فرانسیسی زبانہٕ تہٕ ادبن بار اثر ترووُمُت۔
زبانن تہٕ ادبن ہندی اَمۍ لین دینَن دیُت تقابلی ادبس اکھ نوٚو زُو زنہٕ۔ نتیجہٕ چھُ
یہ کہ وُنی چھُ دُنیاہچن اکثر یونیورسٹین منز تقابلی ادب اکھ مضموٗنہٕ زنگ پرناونہٕ یوان۔ امریکہ

یونیورسٹین ہندین بہلہِ پایہِ پروفیسرن ہنز DESIGNATION چھِ ووہنی PROFESSOR OF ENGLISH AND COMPARATIVE LITERATURE تہٕ بجن بجن یونیورسٹین منز چھِ انگریزی تہٕ تقابلی ادب اکی شعبکی حصہ۔ ہندوستانس تہٕ مشرقکین باقی ملکن منز تہٕ چھُ تقابلی ادب فروغ لبان۔ یہِ رجحان چھُ نوِس عالمیتس سٟتۍ مکمل طور ہم آہنگ۔ یتھ چھُس بہِ یہِ کتھ واضح کرنچ ضرورت چھِ کہ ییٚلہِ اَسۍ ہرگز ہرگز تہٕ تمہِ سیاسی، اقتصادی تہٕ تکنیکی مفاد برآری ہنز وکالت کران یوس گلوبلائزیشنکس پردس منز چھ بروہہ پکناونہ یوان مگر اتھ عالمیتس چھُ اکھ روشن پاس تہٕ سُہ گوو یہ کہ تہذیب تہٕ ادب چھِ پانہ وانی نزدیک یوان تہٕ یہے چھِ سو واحد وتھ یمہِ سٟتۍ انسانی اتحاد قایم ہیکہِ گژھِتھ تہٕ کیازِ تخلیقی ادب چھُ یتھ دلک معاملہ تہٕ ییلہِ دل چھ رلان صحیح یکتہِ چھُ دجودس منز یوان یہ یکُت یادکرنس منز چھُ تقابلی ادبُک رول ساروے کھوتہٕ زیادٕ اہم تہٕ یوہے چھُ اَمیُک وجہ جوازِ تہٕ اَمہِ کہ روشن مستقبلچ ضمانت تہٕ۔

# کأشِر شاعری تہٕ وَزنٕک صوٗرتِ حال

(۱)

پروفیسر رحمان راہی

موٗجوٗدٕ وُہِمہِ صدی ہِنٛدِ ہِندِن پٔتِمِن کینٛژَن دٔہلِین دوران آو کأشِرِ شاعری ہُند وَزنی صوٗرتِ حال خاصہ پأٹھۍ زیرِ بحث۔ تحریری طور کَمے تہٕ زبأنۍ زیادٕ۔ اَتھ سَپد اکھ وَجہ یہِ زِ سانِن کینٛژَن عزیزن سَپد اُردوٗکِ توٚسلہٕ عربی فارسی عروٗضُک کم یا زیادٕ تعارف حاصِل تہٕ اَمۍ بظاہِر مشینی ضابطہٕ بندی باسیوکھ تِہنٛز مُعتبر تہٕ وَرتاوِکۍ تِہنٛز موٚیَن زِ تِمو ہیوٚت اَمۍُک یہِ ڈٕنٛزِ تہٕ کٔلۍمہِ یَرُن۔ تہٕ اَتھ دوران یِیلہِ تِم کأشِرِ شاعری وٕنٛن دِنہٕ بیٹھۍ تِمو ہیٚتۍ بٔرنٛڈی ہوی کٔڈٕنۍ۔ خاصکٔرِتھ باسیوکھ پرانِن کأشرِن شاعرن ہُند کأفی کلامہٕ وَزنہٕ لحاظ اوٗرۍ نہٕ پوٗری۔ چنانچہ تِہنٛز کینہہ جُملہٕ بأزی یہِ تہٕ کینہہ نظرِ تہٕ تِہنٛز کینہہ گِنگرایہٕ تہٕ گیہِ کٔنِن یِمَن کأشِرِ شاعری نِسبَتھ یا تہٕ ہِنٛز بَر پرٛیشان اوس تہٕ نتہٕ قلم فروشیہ زامُت رٔچھن ہٲری زوٕی یہِ۔ نتیجہ یہِ زِ اکھ طرفہٕ آو پرانِن شاعرن ہُنرِ بُزرگیہ چار وناچار زوم رٔچھاں رٔچھاں یہِ وَننہٕ زِ چوٗنکہِ تِم بچأری آسۍ سیٚدۍ سادٕ لوٗکھ تہٕ فنی زاوی جاروٗ نِشہِ ناواقف تۄکِنۍ گو خطاے بُزرگاں گرفتن خطا، تہٕ بییہِ طرفہٕ آو تِہنٛدِس بظاہِر اوٚگرِس تھوٚگرِس کلامَس اَتھ ڈٲلِتھ موزوٗن بناونُک سَنٛز کرنہٕ، بلکہِ آو یہِ تام

صَلاح دِنہٕ زِ ییٚتہٕ یور پیٚز اَسہِ ربواَیتی ''یلہٕ گی'' منساؤتھ واکھ وٚژُن ہیٚتھ
ساٗرے کاشُر شاعٕری ضابطہٕ پاٹھۍ عربی فارسی عروضٕچ پابند بناونۍ!
یہٕ چھُس نہٕ پانہٕ کانٛہہ عروضی۔ ڈٔل گوو مذکورٕ صورتِ حالَس
پیٹھ چھُم اَکِس مشق مصروف Practicing شاعِر آسنہٕ کِنۍ تہٕ پنٕنۍ کم کاسہ
مُطالہٕ نظرِ تَل تھاوِتھ رٔژھاہ پیٚوناہ سوچ کوٚرمُت تہٕ چھُس ییٚتھ نتیجس
وٚوتمُت زِ زیرِ بحث صورتِ حالَس نِسبتھ نہ چھُ کانٛہہ ہٕژ باس ناگزیر
تہٕ نہ کانٛہہ رٔچھُن ہٮ۪ارِ رُوی یہِ پانہٕ ناوُن مناسب بٔلکہِ چھُ ضروٗرُ رتھ
گوڑٕ عومٔمی طور شاعٕریہِ منز وزنُک تصوٗر وارٕ وبستارٕ سٕرٕکھ کرُنک تہٕ
پتہٕ پننہٕ کاشرِ شاعریہِ منز وزنُک واقعی صورتِ حال پرزناونُک ــــــ،
پرکھاونُک تہٕ مولناونُک۔

مےٚ چھُنہٕ یہِ اعتراف کران کانٛہہ رۄٹ باسان زِ پٔنِنِس
یاوَن کالَس منز کٔریوو میٲنۍ پٔنِنِس اَکِس مرحوم دوستہٕ ہِندِ وَننہٕ پٔننیٚن
اَکِس ہمکال کاشرِس شاعر ہِندِس کلامَس پیٹھ مذکورٕ عروضٕچہ مشینی
ضابطہٕ بندی ہِندی حسابہٕ تبصرٕ۔ یودوے سُہ تبصر مےٚ اَز تہٕ تمہِ حسابہٕ
ڈنٛجہ ڈوٗلمُت باسان چھُنہٕ مگر کینژھا سوخن گوٚیی ہُنر پٔنِنۍ مزید مشق
نظرِ تَل تھاوِتھ تہٕ کینژھا پٔننۍ مُطالہٕ کُشادٕ بہن بناوِتھ بدلیوو کاشرِ شاعرِ
ہِندِ تعلُقہٕ عربی فارسی عروضَس متلق میٲنۍ سوچ کم کاسہ۔ توے چھےٚ
گُذارِش زِ ییٚتہ قبرٕ ٹٕنس منز وکھ ضایہ کرنہٕ بجایہ سپدِ زیرِ نظر مقالَس
منز پیش کرنہٕ آمتین معروضاتن پیٹھ برۄنٛہِم کانٛہہ تہٕ ممکنہٕ کٔرِ ہیٚتھ
دور گٔرِتھ غور۔ اُنظُرْ مَا قَالَ لَا تنظر مَنْ قَالَ (وُچھو وَنمُت کیاہ چھُن،
مہ وُچھو وَنمُت کمۍ چھُ)۔

شاید چھُنہٕ یتھ ایحساسس زیادٕ وٲے وٲے باوَتھ کرنٕک حاجتھ زمیوٗن مُطالہٕ ہیکہٕ موٗحدوٗد آسِتھ تہٕ میوٗن سوٗنچ خام، تہٕ تمہٕ تلہٕ کوٗڈمُت مذکوٗرٕ نتیجہٕ تہٕ ہیکہٕ نوقص زَد بٲسِتھ۔ یہٕ مقالہٕ لیکھنٕک کُن تہٕ کیوٗل مُدا چھُ زیرِ نظر موضوٗعس نِسبتھ پٔزٕ پاٹھی سَنجیدٕ، ذٔری جہِ وَتھ، حقیقتھ پسندانہٕ تہٕ مُسلسل غور و فِکرٕ وولساوُن، یُتھ کاشُرٕ زبانی ہُند مخصوٗص نظرٕ تَل تھاوِتھ کاشُرٕ شارٕ باوَژٕ ہنز ضٔدی یَن ییٹھ پھہلِتھ رٕلوانژ مولانٕکہِ فَن گَرِتھ کُلھم کاشرٕ شاعِریہٕ ہِندِ وَزنیاتی یا وَنو میٹرٕ نظامُکی اہم خولہٕ خط بَدِ کَڈنٕچ تہٕ یتہٕ موٗلہٕ اُصوٗل مُقرر کَرنٕچ کام آسان سپدِ۔

شارٕ باوَژٕ باپتھ یتھ پاٹھی نہٕ رَدیف تہٕ قافیہ لازمی مانِنہٕ آمُت چھُ تِتھے پاٹھی چھُنہٕ وَزن یا وَنو میٹرٕ تہٕ اَمہِ جہِ موٗلہٕ ماہیژ منز شامِل گنزرنہٕ یِوان۔ تہٕ شارس تہٕ غارٕ شارس فرق کرنٕچ بُنیادی کہہ وٹ چھےٚ شارٕ باوَژٕ منز وَرتاونہٕ ییِنہٕ واجِنٕی خاصُل خاص جدلیاتی زبان مانِنہٕ یِوان۔ توٚے تہٕ چھےٚ حقیقی شاعِری محض منظوٗم کلامہٕ نِشہٕ بیوٗن کَڈنہٕ یِوان۔ ڈُل گوو یتہٕ چھُ اکھ تواریخی پٔزرٕ زِ شارُک مفہوٗم چھُ قدیم کالہٕ پیٹھٕ دُنیہِ کین سارِنٕی قومَن نِش وَزنہٕ کِس کُنہٕ نَہ کُنہٕ مفہوٗمَس سیتی مُنسلِک رُودمُت۔

عموٗمی آیہِ ہیکَو وَزنہٕ تلہٕ مُراد سو تنظیم نِتھ یُس فِکری تہٕ ایحساسی سرگرمیہٕ ہِندِ اَتھواسہٕ کلامہٕ چِین مختلف آوازَن منز قایِم سپدان چھےٚ تہٕ تتھ کلامَس کُنہٕ مخصوٗص قالبس منز تراوِتھ تہٕ کانہہ مخصوٗص صوٗرتھ دِتھ اکھ لذّت بخش تنوٗسُب عطا کَران چھےٚ۔

قومَن تہٕ قومَن چھُ ثقافژ رنٛگی بیٚیرِ آسان تہٕ ثقافژَن منز چھےٚ

مختلف عوامِلو ڈسی تبدیلی یا پرٛہتھن پلے تہٕ رونما سپدان ۔ یمن
عواملن منٛز چھ قومن ہنٛزن مختلف زبانن ہندی مخصوص مزاز تہٕ
کارفرما روزان ۔ چنانچہ شارٕ وزنس متلق تہٕ چھےٚ قومن ہندین
تصوٗرن منٛز فرق یوان۔ بلکہ ہیکو یہ تامتھ ونتھ زِ بعضے چھنٕہ اَکی سےٚ
قومس منٛز تہٕ وزنس متلق تصوٗر اکی ڈنٛجہ روزان۔ تِژن گوو کُنہٕ زبانٕ
ہنٛز شاعری منٛز آسہٕ اکہِ وقتہٕ وزنیاتک اکھ نظام مروج روٗدمت تہٕ
حالاتن ہنٛز تبدیلی سببہٕ گژھ تمی زبانٕ ہنٛز شاعری پیٹھ وزنیاتک
بدل کانٛہہ نظام حاوی ۔ یونانی تہٕ لاطینی زبانن ہنٛزن شاعرن
ہندی تواریخ چھ امہٕ ادلہٕ بدلی ہندی نٔز ثوبوتھ ۔ گوڈٕ اوس مقداری
وزن رایج تہٕ وونی چھ کیفیتی وزن ۔ تہٕ کانٛہہ قوم چھ مختلف دورن منٛز
پرٛتھیمتی وزنیاتکی مختلف نظام بییک دور لرلوٗر ورتاوان ۔ وزن
دِتھ چھ نان زِ اکہِ طرفہٕ چھ اَجن زبانن منٛز مثالے اچھرآوازن ہندِس
محض تعدادس پیٹھ منحصر وزنک رسم مقبول روٗدمت تہٕ اَجن منٛز
اچھرآوازن ہندِس ژھوچرِس زیچھرِس کیٛو تگ ترتیبہٕ تہٕ تعدادس پیٹھ
مشتمل مقداری وزنک رسم، تہٕ بیٚین کینٛژن زبانن منٛز تلفظٕچ تہٕ معنے کہ
اعتبارٕ لفظن ہندی مختلف ہیٚجلی پھورٕ زورٕ ہِشن مختلف خوٗصوٗصیژن
سیتی وابستہ آسنہٕ کنی دوہپدن دول کیفیتی وزنک رسم ۔ کینٛہہ زبانہٕ چھےٚ
ترژھ تہٕ یمن منٛز مقداری تہٕ کیفیتی وزنکی زٕ مختلف نظام لرلوٗر ورتاونہٕ
یوان چھ ۔ اچھرآوازن ہندِس محض تعدادس پیٹھ منحصر وزنٕچ مثال
دِوان چھ کینٛہہ زانٛی کار ایرانہٕ کین قدیم اوِستاے منظوٗمن ہنٛد ناو

ہیوان ۔ ییلہِ زن کلاسکل سنسکرت کیٛو فارسی دوشوٕنۍ شاعرِیہ مبقدأری
پٔتھر نظامہِ چہ مثالہٕ گنٛزرنہٕ یوان چھےٚ، تہٕ ییلہٕ انگریزی شاعرِ دٲرِ عینٛتی وزنہٕ
نظامح نمایندٕ مانہٕ یوان چھےٚ ۔ کینٛژن زبانَن منٛز چھ معروف باناو شاعرِیہ
علاوٕ بےٚ ناو لگہِ شاعرِیہ ہندی نوٗمونہٕ تہِ ڈٕسی یاب (مثالے کأشرٕ تہٕ فارسی
زبانَن منٛز) یمَن منٛز چھِ امبقدأری وَزنہٕ بجایہ غلبہٕ پأٹھی کیفیتی وزن
وَرتاونہٕ آمُت چھُ، یا وٕنو بیک وقت مبقدأری کیٛو کیفیتی وَزن ۔
کأشر زبأنۍ چھےٚ بیاکھ پھیرہٕ خوصوٗصیتھ زِ امہِ چہ معروٗف شاعرِیہ ہُند
تہِ چھُ اکھ واریاہ بوٚڈ حصہٕ وزنہٕ لحاظٕ لگہٕ شاعرِیہ سٕتی رَلان ۔

خُلاصہ یہِ زِ شاعری آسی تَن کانٛہہ تہِ سو گژھہ تمی وَزنیاتہٕ یا پٔتھر نظامہٕ
مُطابق مینٛنہٕ تولنہٕ یِنہٕ ییٚمہ مُطابق سو گنٛڈنہٕ آمٕژ آسہِ ۔ تکیازِ دُنی ہیٚک
کانٛہہ تہِ اکھ وَزنہٕ یا پٔتھر نظام چھُنہٕ بذأتی نہ رُت تہٕ نہ کرٕٹ، نہ لگہٕ ہار
تہٕ نہ نالگہٕ ہار ۔ کینہہ تہِ نظامٕک ہٕژر کرٕژرِ تہٕ لگہٕ ہأری نالگہٕ ہأری چھےٚ
شاعرِیہ ہٕنٛز رَلن ہار مثالہٕ بروٗنٛٹھہ کنہِ رُٹی تھےٚ نَنان، تہٕ وَزنہٕ یا پٔتھر حسابہٕ
ٹھیک یا نا ٹھیک شاعرِیہ ہنٛز نِشاندہی تہِ چھےٚ مخصوٗص نظامہٕ کِہِ
گاشُس تَل مناسِب روزان ۔ مگر اَتھ کیا ڈٕنی زِ اَسہِ دَرمیان چھِ
دُنہٕ تہِ کینہہ صاحب موٗجوٗد یِم عربی فارسی عوٗرُوضکی تیٚھی تٕتی عاشق
باسان چھِ زِ یمَن چھُ سہٕ عوٗروٗض مثالی باسان تہٕ چھ صرف تمی چی
یوت کِہہ وچہ کھأرِتھ کٔلہم کأشر شاعرِیہ متلق غأر ضروٗری ہٕنٛز باوان
یا نامناسِب فتوا صادِر کران، ییٚتھ حقیقتٕ واتنہٕ وَرأے زِ گوٚڑ چھےٚ
شاعری آمٕژ تہٕ اَدِ عوٗروٗض، تہٕ دُنی ہیٚکی اکثر رٕتی تہٕ ٹھدی شاعر چھ

وَزنہٕ کِس مالِس منٛز وَزنیاتی زاوِی جارَن منٛز ہیٚنہٕ یِنہٕ بجایہِ زیادٕ پہَن
یِنہٕ نِس باذوق ذیٖہنَس ، یِنہٕ نِس نبضہٕ وُچھوارِس تہٕ یِنہٕ نِن تربیتھ یافتہ
کنہٕ نے کام ہیوان ۔ سانین کاشرِ عورُوضہٕ عاشقن چھُنہٕ ژٕ بتیبے
روزان زِ عربی عورُوض نہٕ چھُ کاشرِ زبانیٚ ہُند مزاز نظرِ تَل تھاوِتھ تھٔرنہٕ
آمُت ، نہٕ وزنس مُتلق کاشرِ ہندی عادتی رُوی یہِ زانِتھ تہٕ نہٕ کاشر
شاعری وُچھِتھ ۔ تعجب چھُ یِزِ تِمَن چھُ امہٕ عورُوضک تہٕ خاص کٔرِتھ
مشینی پابے مَنہٕ مون باسان تہٕ تِمے نظرِ تَل تھاوِتھ چھُ وزنہٕ کِس
مالِس منٛز تٔرِژھ شِٹھ گیہِ ہُند مُظاہرٕ تہٕ مُطالبہٕ کران یِتھ نہٕ خود عربی
شاعر رَوادور رُودی مِتھ چھُ تہٕ نہٕ ساری فارسی یا اُردو شاعر ۔ تِمَن عاشقن
چھُنہٕ یِتہٕ خیال روزان زِ امہِ قسمٕچہ تنگ نظر شِٹھ گیہِ سَببہٕ ماوو تلہِ یہِ
اندیشہِ زِ وَزنہٕ کِس مالِس منٛز سپدَن تجرُبن ہندی درواز بند تہٕ سانی
شاعری بنہِ صوتی تہٕ ایحساسی اعتبارٕ محض اکھ دووری وانگ یک آواز
ٹھک ٹَھک تہٕ ٹھک ٹَھک ۔ تِمَن چھُنہٕ شاید یہِ ظون تہٕ پیوان زِ
اَتھ عورُوضَس ما چھُ کُن تلِے کانہہ قوٗصور رُودمُت تہٕ توکنی تہٕ ما چھُ
اَتھ تیتھ پاٹھی اونکھرِس منٛز جونکھر ژانُن پیومُت زِ بڈین بڈین عورُوض
دانن چھُ توس دِوو ٹھان تہٕ مِتے ہوٚن عربی نہٕ زانَن والین بے صبر
مُبتدی لوکن چھُ امہٕ کین افاعیلن ، ازاحیفن تہٕ عِلتن بیک وقت
وِحاظ کرُن تہٕ امہٕ کین وارِیہن نامونوس اِصطلاحن تہٕ
دائیرٕ وار بحرن ہندین عجیب وغریب ناوَن ویٚیرن کرٕنی ناممکن نے تہٕ
حدٕ رِوٗس کٔرِتھ باسان !

چونکہ تفصیلی گنجایش چھنہٕ تۄکنی کرٕو صرف کینہہ وۄنی پوٚتھی اشارٕ
یُتھ اکہ طرفہٕ مذکورٕ عروضس پیٹھ مطلبہٕ مفید تبصرٕ سپدِتھ ہیکہٕ تہٕ بینہٕ طرفہٕ
پیتہٕ نِنہٕ زِ مذکورٕ شیٹھ گیہ ہُند مطالبہ کوتاہ مناسب یا نامناسب چھُ، تہٕ
سیتی یُتھ کُلہم کاشُر شاعری نظرِ تَل اَنِتھ تمہِ بأپتھ لگہ بار تہٕ سہل ہیٚن وزنیگ
اصوٗل کینٛہ قاعدٕ مرتب کرنٕک ضروٗرتھ توجہ طلب بنہٕ۔

عربی عروضس مُتلق اوس پتہٕ وَتھ عقیدٕ روُدمُت زِ امیک
تَن تنہا ایجادکار چھُ دۆیمہ صدی ہجری دوران عربہٕ کِس بصرہ شہرس منٛز
زندگی بسر کرن وول اکھ عرب دانش مند خلیل بن احمد اوسمُت۔
زانن والین ہُند گُف چھُ زِ اَتھ عروضس مُتلق یمو پرانیو تواریخ نوٚیسو
تہٕ عِلمِ لوغاتہٕ کیو عالِمو کتھ کرمٕژ چھےٚ تِمن سارنے چھُ بہتھ اوسمُت زِ
خلیلس بروٚنٛہہ چھنہٕ کانسی عربی شاعریہ ہندِس وزنس متلق کُنہٕ
قسمہٕ کین قاعدن ہنٛز کانٛہہ زان آسمٕژ تہٕ نہ چھُ خلیلس بروٚنٛہہ کُنہٕ
اَمہٕ نوعیتٕچ ہُند بیٚیہ کُنہٕ زبأنی ہُند کانٛہہ رہنما نموٗنہٕ اوسمُت، تہٕ تۄیٚ کِنی
چھُ تسُند ڈۆسی عروض اختراع سپدنُک واقعہ یہ ڈِیِ زِ تہٕ الہامُک نتیجہ
گنزرنہٕ آمُت۔ حالانکہ ابوریحان البیرونی اَس "کتاب الہند" ناو
مشہور پنٛنہٕ کتابہٕ منٛز ییمہٕ اِمکانچ نِنہٕ وانہٕ ژینہٕ وَن دِژمٕژ زِ خلیلن ما
آسہے سنسکرت زبأنی منٛز موجوٗد عِلمِ عروضہٕ نشہٕ استفادٕ کوٚرمُت،
تہٕ سیتی آسن تِمن وارِہِن ہشرن ہنٛز تفصیلہٕ سان نشاندہی کرمٕژ
یِم تس عربی تہٕ سنسکرت وزنیاتن ہندین اصوٗلن تہٕ قاعدن منٛز
لبنہٕ آمتی آسی، بلکہِ اوسن تتھ مُشابہژ کُن تہٕ اشارٕ کوٚرمُت یوٚسہ تس

مذکورٕ دوٚن زبانَن منز مُروج لوغوی تہٕ عوٗروٗضی اِصطلاحن منز دٕرینٛٹھی آمژ
اَمس، مثلَن عربی "سَبَب" تہٕ سنسکرت "سَبدَ" ( Sabda )، عربی "وَتَد"
تہٕ سنسکرت "وَرتہٕ" ( Varta ) تہٕ یتھَے پأٹھی عربی ترکیب "سَبَب و وَتَد"
تہٕ سنسکرت ترکیب "سَبدَ وَتَت" ( Sabdavattat ) ۔

ہرگاہ البیٖروٗنی ہندی یِم مُلاحظات نظرِ تل تھاوِنہٕ ینَ تہٕ یِتی ہرگاہ
یتھ سوالس پیٹھ تہِ غور سپدِ زِ عوٗروٗض ہیوٚ اکھ باگہِ بوٗرت عِلم آندٕوَند
کأنسہِ اَکِس نفرٕ ہندی ذٔسی ایجاد سپدُن ماچھ بعید از امکان باسان تیلہِ
چُھنہٕ یہِ ظوٗن قیاسہٕ دوٗر زِ عربی عوٗروٗضکی اوٗصوٗل تہٕ قاعدٕ اختراع
کرنس دوران آسہٕ نَن خلیلَس شاید سنسکرت وَزنیاتکی اوٗصوٗل تہٕ
قاعدٕ تہٕ نظرِ تَل روٗدی متی۔ حالانکہِ جدید ایرانکی کینہہ عالِم چھِنہٕ البیرٗونی
ہندین شوٲہدن پوٗرٕ پأٹھی تسلی بخش گنزران۔

اَلبتہٕ اَتھ ضِمنس منز چھُ یہِ اِمکان تہٕ باونہٕ یوان زِ خلیلس ما
آسِہے یتھٕ عوٗروٗض وَضع کرنس دوران پرانہٕ فارسی شاعریہِ ہندِ
وزنہٕ طرح وُچھتھ تہٕ کم یا زیادٕ مَدد میوٗلمُت۔ یتھ اکھ ثوٗبوٗتھ عربی
عوٗروٗضس منز شأمِل سو بحرِ متقارب مُثمن محذوٗف ( فعوٗلُن،
فعوٗلُن، فعوٗلُن، فعِل ) چھےٚ یتھ مُتلِق بہلہِ پایکی ایرأنی عالِم دلیل
دِتھ دعوا کران چھِ زِ یہِ بحر چھےٚ خلیلُن عوٗروٗض وَضع سپدنہٕ بروٚنہہ
فارسی شاعریہِ منز ورتاونہٕ یوان آمژ۔ تہٕ یتھَے پأٹھی رُباعیہِ ہندِ وَزنک
موٗلہِ تلہٕ ایرأنی آسنک ماملہٕ۔

بہرحال خلیلنہٕ ذٔسی عربی عوٗروٗض اِختراع سپدنس یہِ پوٚت منظر

رؤدمُت آسہ تہٕ تہٕ۔ یہ اِختراع چھُ فی نَفسِہی اکھ بوڈ دانشمندانہٕ کارنامہ یُس فارسی تہٕ اُردوٕ ہِشن اہم شاعرَن پیٹھ صَدی یَہ وادَن حُکم فرماروٗد مُت چھُ، تہٕ یتھ کُن مایِل سپدِتھ کاشرِ شاعرِ یہ ہُند تہٕ اکھ باگہٕ بوٗرت حِصہ وارِیاہ کالہٕ پیٹھ گنڈنہٕ آمُت چھُ، تہٕ یُس ازکل تہٕ وَرتاونہٕ یِوان چھُ، تہٕ یُس نہٕ اَسی کاشرِ شاید زٕنہٕ تہٕ مؤلے نظرانداز کٔرِتھ ہیکون۔ یہ چھے الگ کتھ زِ ڈاکٹر شفیع شوقَس ہِوی سنجیدٕ نقادَن چھےٚ پنٕنِس اَکِس حال حالہٕ کِسے مضموٗنَس منز مےٚ نِحقیٚ ہانٛز لاجمٕز زِ یہٕ چھُنہٕ مذکوٗر عروٗض کاشرِ شاعرِ یہ باپتھ لگہٕ ہارے مانان۔ پَزر چھُ صرف یُتےیوت (تہٕ اَمیُک چھُ مےٚ اِکثر پھِر اظہار کوٗرمُت) زِ یہٕ چھُنہٕ عروٗضی مامِلَن منز گنہٕ تہٕ پَیٹہٕ بند شِتھ گیہٕ رَوادور، تہٕ بَس۔

ڈٕل گو وخلیل نہٕ عروٗضِچ اہمیتھ تہٕ افادیتھ تسلیم کٔرِتھ تہٕ چھُنہٕ شاید یہ وَنُن پوٗتھ زٕ اَسہ کاشرِن ہِندِ باپتھ چھُ اَمیُک حَدٕ روٗس پیچید آسُن یکدَہے توجہہ طلب بَنان۔ سانی یوت باپتھ نہٕ۔ اَمہ پیچیدگیہٕ چھُ عربی والین کیتھ فارسی والین تہٕ توس تُلمُت۔ چنانچہ خلیلَنےٚ اکھ ہمکال تہٕ نامور عربی نقاد جاحظ (وفات ۲۲۵ھ) چھُ عروٗضِچ افادیتھ ناہنتھ تہٕ وَنان زِ یہ چھُ اکھ نونومٕود دوغلہٕ عِلم، اکھ اوزٕک یور وَنَن وول شِتھیومُت ادب، اکھ مقروٗض دوٗستوٗر تہٕ اکھ مجہوٗل کلامہٕ تہٕ توموٗجوٗب بےفایدٕ تہٕ بے حاصِل، بَلکہٕ یُس پننہٕ فاعِلاتُن فاعلاتُنہٕ ڈسی عقلہٕ رَنجناوان چھُ۔ تہٕ قدیم عربی تنقیدکِس توارِیخَس منز سارِوے کھوتہٕ سرکردٕ نقاد قدامہ ابنِ جعفر (وفات ۳۳۷ھ)

چھُ وَنان زِ عربی شاعرِیہِ ہندی یِم نفیس نوٗمونہٕ آسہٕ دَردِس چھِ تِم
ساری چھِ تِمَن شاعرَن سیٖتی مَربوٗط یِموٗ شاعریہِ ہُند عروٗض مرتب
سپدنہٕ برونہہ شار ؤنی مِتی آسی ۔ قدامہٕ چھُ پننِس پیشرَو ہندی
یاٹھی ہنا مبالغہ ورتاوِتھ یہِ تام وَنان زِ چونکہِ عروٗض ( یعنی
وَزنُک ایحساس ) چھُ انسانَس طبیعتَس منز شامِل توٗ کِنی چھُنہٕ سُہ
ہیٖچھنُک تہٕ ہیٖچھناونُک حاجتھے۔

ابوالعتاہیہَ اوس خلیلُن اکھ نامور ہمکال شاعِر یُس تَس نیٖتہٕ
تہٕ کینژَن ؤریَن زِندٕ روٗد ۔ دَپان تِمی سُند اکھ منظوٗمہ بوٗزِتھ وَون
تَس کُمی تام زِ اَتھ منز چھکھ ژِ عروٗضی قاعدو نِبَر دراموٗت' ابوالعتاہیہ
وونُس درجواب زِ چھُس عروٗض پتھ کُن ترٛاوِتھ پیش قدمی کَران،
یِم آسی خلیلی عروٗضَس مُتلِق تِہندِ ہم زبان تہٕ ہمکال یا
وقتہِ حِسابہٕ نَزدیکی بہلہِ پایہِ عالمَن ، اَدبی نقادَن تہٕ شاعرَن ہندی
کینہہ تاثراتھ ۔ تہٕ یوٗتام اتھ ایرانیَن ہُند تعلُق چھُ تِمَو منز تِہ چھِ کینژو
اَمہِ عروٗضہِ چہِ افادیَت نِسبتھ بڑیڈی گُڈی مِتی ، مِثالے اِبتدآیی
سلجوقی دورُک ( یعنی پونژِمہِ صدی ہجری یُک ) کیکاوٗس
بِن اسکندر مُصنِف " قابوٗس نامہ " ۔ تہٕ واریاہو عالمَو چھے اَمہِ عروٗضچ
پیچیدگی دوٗر کَرنہٕ موکھہٕ تہٕ یہِ عروٗض پننِس قومی مزازَس تہٕ
فارسی زبانی تہٕ شاعرِیہِ ہندِس مزازَس نکھہ اَننچ کوشِش کرمژ۔
بلکہِ چھکھ عربی عروٗضَس بَرلوٗر " فارسی عروٗض " مرتب کرنُک
ضرور ؤرتھ تہٕ ژیوٗنمت تہٕ یہِ بدل اِصطلاح ورتوومت تہٕ۔

خلیلی عوٗروٗضس منٛز یمہِ کوتاہیہِ ایرانیو وِزِ وِزِ موٚحسوٗس کرمٕژ
چھےٚ۔ تمیُک اکھ مفصل تہٕ توجہس لایق مُطالعہٕ چھُ سانٮ۪ اکی ہمکال
برگزیدٕ ایرانی محقق ،عوٗروٗض دان تہٕ ماہر لسانیاتھ مرحوٗم ڈکٹر پرویز
ناتل خانلری ہنٛز ''وزنِ شعرِ فارسی'' ناوٕ کتابہِ منٛز میلان ۔ یُس
مُطالعہٕ باسیٚوو مےٚ کاشر شاعری ہندِ حوالہ تہٕ کافی مطلبہٕ مُفید ، تہٕ
مےٚ کوٚر زیرِ بحث عربی عوٗروٗضس نِسبتھ خانلری ہندِ مذکوٗرٕ اِنتقادٕ چَن
مُتعددِ عبارژن یا تہٕ سیدِ سیود ترجمہ تہٕ نتہٕ کرِم یمِنٛہِن تلفظن منٛز تمن
ہُند خُلاصہ پیش کرنٕچ کوٗشِش ۔

خلیلن چھےٚ یمِنٛہ وزنیاتچ یعنے میٛٹرٕچ کھاوِچ بُنیاد اچھرن ہنٛز
حرکتھ تہٕ بےٚ حرکتی بناوٕمژ تہٕ تی چھُ تہندِس عوٗروٗضس منٛز پیچیدگی
پادٕ سپدنس موٗلہٕ سبب بنیومُت ۔ یہ چھےٚ اکھ بلکُل موٗلوٗم کتھ زِ وزنہٕ
تلہٕ چھُ مُراد آوازن ہنٛز باہمی تنظیم تہٕ تنوسب ۔ شار چھُ مشتمل آسان
لفظن پیٹھ تہٕ لفظ چھُ بجایہِ خود مشتمل آسان گُنہٕ اکس یا کینژن
آوازن پیٹھ ۔ گُنہٕ لفظس ہرگاہ آواز و حسابہٕ باگرن کرو حاصِل
سپدن وول سارِوے کھوتہٕ لوکُٹ حِصہ چھُ اکھ واحد آواز ننان ۔
سایموگراف (Cymograph) ہِشو مشینو ذٕریہٕ بدِنیرن والی
صوتی زاوٕی جار اکِتھ کُن تژاوِتھ ہیکو وٚثوٗقہ سان وٚنِتھ زِ واحد آوازِ تلہٕ
چھُ مُراد سُہ اکھ آواز یُس نہٕ مُرکب (Compound) آسہِ ، یعنے
یتھ نہٕ مزید حِصہ باگےٚ سپدِتھ ہیکہِ ۔ ( مثلن اَ ، آ ، اِ ، ای وغارٕ )
اِصطلاحہ پاٹھی چھےٚ یژھہ گُنہٕ تہٕ آوازِ بسیط (Simpie) آواز وَنان۔

تہٕ بسیط آواز چھےٚ یا تہٕ پانٕے تِ تنہا کانٛہہ معنہٕ دِوان ( مثلَن ژٕ ، ہُہ ، بہٕ وغارٕ ) تہٕ نتہٕ چھےٚ بیٚیہٕ کُنہٕ أکِس یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ آوازن سٟتی زٕلِتھ کانٛہہ معنہٕ سوو لفظ بنان ( مثلَن بتہٕ ، گلہٕ ، قلم ، کوٗستوٗر وغارٕ ) ۔ لفظچہ امہِ وِژھنیہِ کِنیٚ ژارنہٕ آمژ پرٛژھ پزتھ أکِس آوازِ آسی پرٛأنی عرب کیٚو ایرأنی ووستاد " مُقطَّع " وَنان ، انگریزی پأٹھی چھ أتھی syllable وَنان ، ازکل چھس فارسی وألی " ہِجا " وَنان ، تہٕ أسی وَنوس پنٕنی پأٹھی ہِنٛجل ۔

واحد آوازن ہُند ژھوچر زیچھر نظرٕ تَل تھأوِتھ ( یا تمِن ہُند پھوٚرٕ زور وُچھتھ ) چھ ہِنٛجلِس زٕ قسم ۔ اکھ ژھوٚٹ ( مثلَن اَ ، اِ ، اُ ، اوٚ ، او وغارٕ ) تہٕ بیاکھ زیوٚٹھ ( مثلَن آ ، ای ، اوٗ ، او ، اوٚ آ وَغارٕ ) ۔ ہِنٛجلِن ہِندِس اَتھ ژھوچرس زیچھرس چھ نشاندٔہی بایتھ یِم زٕ نشانہٕ وَرتاونہٕ یِوان : ژھوٚٹہِ ہِنٛجلہِ بایتھ : " ⌣ " تہٕ زیٛٹھِ ہِنٛجلہِ بایتھ : " — "

امہِ وو کھنیہِ تلہٕ چھُ یہِ نوکتہٕ نوٗن نیران زِ وَزنُک سنگِ بُنیاد چھُ ہِنٛجل ، تہٕ یہِ چھُ سُہ اکھ نوکتہٕ یُس کُل عالمکی دأنِش مَند دُرست مانان چھ ، تہٕ اَتھ منز چھنہٕ کُنہٕ تہٕ چوٗن وچراہچ گنجٲیش ۔ اما پوٚز خلیلی عروٗضس منز چھےٚ ہِنٛجلی ناوچ یٔہے گنہٕ کنیٚ نظرانداز سپٕزمژ تہٕ امہِ بجاے چھُ وَزنس متحرک تہٕ ساکِن اَچھرن پیٹھ کُن کھارنہٕ آمُت ، بظاہر یہِ حقیقتھ مُشرتھ زِ ساکِن اَچھرس چھنہٕ توٚتام پزٕنہٕ پأٹھی پھوٚرُے ممکِن سپدان یوٚتام نہٕ تتھ زبر ، زیر ، پیش وَغارٕ ہِش کانٛہہ حرکتھ مدد کرِ ۔

سوال ہیکہ وُتھتھ زِ اَما خلیلس ہیوس دٲنِش مندس کیازِ چھےٚ اَمہِ آیہِ بظاہر ژٕجمٕژ؟ غالبن چھُ تمہ باپتھ عربی زبانی ہُند رسم خط ذمہ وار، تکیازِ تمہ رسمِ خطہٕ موجوب چھِنہٕ حرکژ اَچھر مانہٕ یوان یلکہِ اَچھرن ہندی عرض (نہٕ زِ جوہر) ۔ باسان چھُ خلیلس چھُ پانس اَمہِ کتھہِ ہُند ظون او سمُت، توَے تہٕ چھِ تمی یہِ مولی مشکل دوٗر کرنہٕ موکھ مُتحرک تہٕ ساکِن اَچھر رلاوِ رلاوِ ترٛین زُمرن پیٹھ مشتمل اسباب، اوتاد تہٕ فواصِل بناوِ متی، تہٕ تِمے چھِن وزنکی اَولین جُز مانی متی ۔ یمو زُمرو منٛز چھُ پرٛتھ اکھ زُمرٕ دون دون قسمن ہندین جُزن پیٹھ مشتمِل، یعنی (ا) سبب خفیف تہٕ سببِ ثقیل، (ب) وَتد مقرون تہٕ وَتدِ مفروق تہٕ (ج) فاصلہٕ صُغریٰ تہٕ فاصلہٕ کُبریٰ ۔ گویا کُل شےٚ جُز یا وَنو شےٚ رُکُن ۔

دونی ہیٚیتو یِمن شنہٕ وِنی رُکنن ہنا نکھہٕ نِکتھ سام ۔ رژھہ کھنڈ برونہہ وُچھ اَسہِ زِ وزنٕچ اَولین گنہٕ گنی یا وَنو اَولین رُکُن چھےٚ یکراے سَپدتھ سو آواز مانہٕ آمژ یوسہ واحِد تہٕ بسیط آسہِ (یعنی غار مرکب آسہِ، یعنی یتھنہٕ مزید حِصہ بلگے سَپدِتھ ہیکہِ) تہٕ یتھ اَسہِ ہیٚچِھ ناوکوٗر، اَدٕ ژھوٹ یا زیوٗٹھ ہیٚچھ، مگر خلیلن یم شےٚ رُکن مُقرر کٔرِ متی چھِ تمو منٛز چھُنہٕ گوڈنکہِ رُکنہٕ وراے، یعنی سَبَبِ خفیفہٕ وراے بیٚیہِ کانہہ تہٕ رُکن بسیط، تکیازِ دوٚیم رُکن (یعنی سَبَبِ ثقیل یُس دون متواتر مُتحرک اَچھرن پیٹھ مشتمِل آسان چھُ) ہیٚکون مزید وٕژھنے کٔرِتھ دون الگ الگ حِصن منٛز باگرِتھ ۔ ترٛن گوو یتھہ پاٹھۍ:

"بَتہٕ" (بَ+تہٕ)، "سُلہٕ" (سُ+لہٕ)۔ یِتھے پأٹھۍ ہیکون ترٛیٛیُم رُکن (یعنے وَتدِ مقرُون یُس ترٛیٛن اَچھرَن ہنٛزٕ مشتمِل آسان چھُ، مطلب ژٕ متواتر متحرک اَچھر تہٕ پٔتٕس پیٚنہٕ وول اکھ سأکِن اَچھر) تہٕ مزید حِصَن منٛز بأگرِتھ۔ مثلَن "اَگر" (اَ+گر)، سَرٕ پھ (سَ+رٕپھ)۔ اَمی طریقہٕ ہیکون مذکورٕ ترٛیُم رُکن (یعنے وَتدِ مفرُوق یُس ترٛیٛن اَچھرَن ہنٛزٕ مشتمِل آسان چھُ، مطلب اَندَن دۄن ژٕ متحرک اَچھر تہٕ منٛزس اکھ سأکِن اَچھر) مزید الگ الگ حِصَن منٛز بأگرِتھ۔ مثلَن "دُدہٕ" (دُ+دہٕ)، مَلہٕ (مَل+ہٕ)۔

ژوٗرِیُم رُکن (یعنے فاصلہٕ صُغریٰ یُس ترٛیٛن مُتواتر متحرک اَچھرَن تہٕ پٔتٕس پیٚنہٕ وٲلِس اَکِس سأکِن اَچھرس ہنٛزٕ مشتمِل آسان چھُ) تہٕ ہیکون مزید الگ الگ حِصَن منٛز بأگرِتھ۔ مثلَن "وَرٕمُل" (وَ+رٕ+مُل)، کنہٕ لیٛوڑ (کَ+نہٕ+لیٛوڑ)۔ تہٕ شیٛیُم یعنے آخری رُکن (یعنے فاصلہٕ کُبریٰ یُس ژوٚن مُتواتر مُتحرِک اَچھرَن تہٕ پٔتٕس پیٚنہٕ وٲلِس اَکِس سأکِن اَچھرس ہنٛزٕ مشتمِل آسان چھُ) تہٕ ہیکون مزید بأگرِتھ۔ مثلَن "چھلہٕ وُدٕر" (چھ+لہٕ+وُ+دٕر)، "کولہٕ بَطُخ" (کو+لہٕ+بَ+طُخ)

خلیل چھُ شار مذکورٕ شَن رُکنَن منٛز بأگران۔ ہرگاہ اَمہٕ بأگرٕنی ہُند مقصد شارٕچہٕ بیٛون بیٛون بُسیط آوازٕ (یا وَنو ہیٚنجلی) باہم رَلأوِتھ تِمَن بُسیط آوازَن ہنٛزٕ مشتمِل مُرکب تیار کرٕنی اوس تیٚلہٕ کوٚ باپتھ چھِن اَفاعیل تہٕ دَلس ترأوی مِتی؟ تہٕ تیٚلہٕ کیازِ اَفاعیل تہٕ مزید ضِمنی رُکنَن منٛز بأگرٕنہٕ یِوان؟ تہٕ تیٚلہٕ کیازِ صرف کینژَے مُرکب صورژٕ رُکنَن منٛز

شُمار کَرنہٕ یِوان تہٕ بلکہِ پتھ تراونہٕ یِوان ؟ یہِ گُھمرِ کیازِ ؟

بہر حال یہِ گوٚو خلیلی غور وٚضنُک یہِ ڈٔپی زِ تہٕ ناہنجارٕ گن ، یعنے لفظن ہِندین ہِنجلین ہِندِ ژھوچہٕ ژیچھرِ بجایہِ اَچھرن ہِنزِ حرکژ تہٕ بےٚ حرکتی پیٹھ مشتمِل اَسباب ، اَوتاد تہٕ فواصِل ۔ ووٚنی تلیٚ توٚ بحرَن تہٕ افاعیلَن ہُند مامِلہٕ (ضِمنَن وَنوزِ فعل چھُ واحد ، اَفعال جمع تہٕ اَفاعیل جمہُک جمع )۔
خلیلَن چھ عربی شاعرِیہِ ہِندی پَنداہ وزن پانٔژَن دایرَن منز سوٚمبرٲوِتی تہٕ تِم پَنداہ عدد وزَن چھِن اَصلی وزَن مانَنہٕ یِتی ، تہٕ تِمو منز پرٕتھ کانٛہہ وزَن اکھ بیوٚن تہٕ اَصلی قِسم قرار دِیتمُت تہٕ تَتھ "بحَر" ناو کوٚرمُت ۔
مَطلب یِہ زِ بحر چھُ پرٕتھ تتھ وَزنس وَننہٕ آمُت یُس مذکوٗرٕ پَندٕہن اَصلی وَزنَن منز شامِل آسہِ ، تہٕ یِتھہٕ پاٹھی چھےٚ پَنداہ مختلف تہٕ اَصلی بحر مقرر کَرنہٕ آمٕژ ۔ تِمَن اَصلی بحرَن ہِندی ناو چھِہ یِم : طویل[1] ، مدید[2] ، بَسیط[3] ، کامِل[4] ، وافِر[5] ، ہَزج[6] ، رَجَز[7] ، رَمَل[8] ، مُنسَرِح[9] ، مُضارِع[10] ، سَریع[11] ، خفیف[12] ، مُجتَث[13] ، مُقتضِب[14] تہٕ مُتقارِب[15] ۔
اَمہِ پَتہٕ چھےٚ خُلیلَن یِمَن پَندٕہن اَصلی بحرَن تانہٕ بلگے گٔرمٕژ تہٕ چھِن تِتھی اَٹھ تان یا وَنو تِتھی اَٹھ جُز بدِ گٔڈی یِتی یِم مذکوٗر پَندٕہن اصلی بحرَن منز سرٕوٗدی لَبنہٕ آس ، یعنے اَٹھ اَفاعیل ، مَطلب :
(۱) فاعِلُن (۲) فعوُلُن (۳) مَفاعیلُن (۴) فاعِلاتُن
(۵) مُستَفعِلُن (۶) مَفاعِلتُن (۷) مُتَفاعِلُن (۸) مَفعوُلاتُ
چوٗنکہِ یِم اَٹھ وَے جُز آسن مذکوٗرٕ اَصلی بحرَو منز گٔڈی یِتی توٚے گٔژھن کوٚرُن یِمَن اَٹھن جُزَن تہٕ اَصلی جُز ناو ۔ رٕوٗدی تِم وَزن یِم نہٕ

مذکورٕ پانژَن دأیرَن منز وٕپیس تِمَن کوٚرُن ناو فَرعی بحرٕ۔ (اَصل گوو مۆل تہٕ فرع لَنٛڈ)۔ تہٕ تِمو فرعی بحرَو منز کڈٕنہٕ آمتِن جُزَن وونُن فرعی جُز، مطلب تِم جُز یِم مذکورٕ اَصلی أٹھو جُزو ورأے چھِ۔

خلیلَس پَتہٕ چھےٚ مختلف ووستاد عوٚروٗضیو عربی کیٚو فارسی شاعریہِ ہِنٛزَن رنگہٕ رنگہٕ شارٕ مثالَن پیش نظر مزید کینٛہہ فرعی بحرٕ ہُرراوِ مٕژ تہٕ واریاہ واریاہ فرعی جُز ہُرأوی مِتی۔ مثلَن مشہوٗر عوٚروض دان شمسِ قیس رازی یَن چھ ۳۵ فرعی جُز گنٛزرٕ ری مِتی، یِہنٛدی چھِرا ناو بوٗزی تھےٚ کم از کم مےٚ ہِوِس أکِس عام کأشرِس ڈُبوٗدُر ووتھان چھُ۔ ناو چھِ:

۱۔ قبض ۲۔ قصر ۳۔ حذف ۴۔ خبن ۵۔ کف ۶۔ شکل ۷۔ خرم ۸۔ خرب ۹۔ شُتر ۱۰۔ قطع ۱۱۔ تشعیث ۱۲۔ طے ۱۳۔ وقف ۱۴۔ کشف ۱۵۔ صلم ۱۶۔ معاقبت ۱۷۔ صدر ۱۸۔ عجز ۱۹۔ طرفان ۲۰۔ مُراقبت ۲۱۔ اسباغ ۲۲۔ اذالہ ۲۳۔ جدع ۲۴۔ ہتم ۲۵۔ جحف ۲۶۔ تخنیق ۲۷۔ سلخ ۲۸۔ طمس ۲۹۔ جب ۳۰۔ زلل ۳۱۔ نعر ۳۲۔ رفع ۳۳۔ ربع ۳۴۔ بتر ۳۵۔ حذذ

"دایرۃ المعارف اسلامی" مطلب اسلامی انسایکلوپیڈیایہس منز چھُ یِمَن فرعی جُزَن ہُنٛد تعداد ۶۶ پیٹھٕ ۸۵ تام وَنہٕ آمُت۔ یاد پاوُنی لایق کتھ چھےٚ یِزِ یِم ساری فرعی جُز (یا وَنو فرعی افعال) چھِ مختلف تُھرٕ آمتِن قاعدن ہِنٛدِ مدتہٕ اصلی اَفعالو منز لگِن ہِنٛدی پأٹھی کڈٕنہٕ یِوان تہٕ تِمَن قاعدن چھِ زِحاف تہٕ عِلّت وَنان، یا جمع بناوِتھ

ازاحیف (یا زحافات) تہٕ عِلَل۔

دوٕ کھنے گرِتھ وَنو زِ اَصلی اَفاعیلن ہندِ ین رُکنَن منز یمہٕ تبدیلیہٕ سَپدَن تِمَن چھ حَذف (مَطلب چھوٚنراوُن)، زیادت (مَطلب ہُرراوُن)، حرکت تہٕ سکوٗن وَنان۔ ممکن چھ یمہٕ تبدیلیہٕ سپدن گنہٕ شارکس گوڈنکہٕ مِصرکِس اَندس پیٹھ (اَتھ اَندس چھ عروٗض وَنان)، نتہٕ دوٚیمہٕ مِصرکِس اَندس پیٹھ (یتھ ضرب وَنان چھ) یمَن دوٚشونی جایَن سَپدن واجہٕ ین تبدیلیَن چھ عِلَل وَنان۔ یتھے پاٹھی چھ ممکن زِ تبدیلیہٕ سَپدَن کُلہُم گرِتھ دوٚن مصرن ہندِس ابتداہَس تہٕ اِنتہاہَس درمیان (یعنے دُ مِصری شارکِس "حَشو" س درمیان)، تتھ صوٗرژ منز سَپدن واجہٕ ین تبدیلیَن چھ زِحافات وَنان۔ مختلف اَفاعیلَن منز یمہٕ علَژ تہٕ زِحاف رونما سَپدان چھ تِمَن چھ پنٕنی پنٕنی مختلف ناو مُقرر تہٕ تمہٕ سَببہٕ چھُ وَزنَن ہُند تعداد تہٕ واریاہ ہُران تہٕ یہندی ناو تہٕ القاب چھ گوٚن درگوٚن تہٕ پیچیدٕ ثابتھ سَپدان تہٕ یاد تھاوٕنی سیٹھاہ مُشکِل۔

چوٗنکہِ خلیلَن اوس گوڈے پندہن[15] بحرن اَصلی بحر ووٚنمُت تہٕ تِمو منز کڈِنہٕ آمتِن آٹھن جُزن اوسُن اصلی جُز ناو کوٚرمُت تو کُنی لوگنہٕ تَس چارَے زِ فرعی بحرن منز یِم مختلف جُز نظر گاٚس تِمَن سارِنے مانہٕ اَصلی آٹھو جُزو منز دژامژ لَنجہٕ۔ تہٕ توٚے سَببہٕ پیٚیے تَس اَصلی کُلبو منز فرعی لَنجہ کڈنک مامِلہٕ موقوٗل بناونہٕ موکھ ازاحیف تہٕ علَل ناو رَنگہٕ رَنگہٕ تہٕ پیچیدٕ قاعدٕ تھٔرنی، تہٕ تس پاٚروی کرن والین تہٕ

پیٚو خاہی نہٕ خاہی تمی گاچھ قاعدٕ ترٲشی ہُند وَرَل تہٕ ڈُھٹھی نٕبل سِلسِلہٕ
چلہٕ وُن تھاوُن۔

ژٕبتھ دِنٕس لایق سَوال چھُ یِہِ زِ خلیلَن کتھ بُنیادَس پیٹھ چھُ مذکورٕ
پَندہَن بحرَن اصلی بحر ناو کوٚر مُت؟ تہٕ تِمَن پَندہَن بحرَن تانہٕ باگے
گرِتھ یِم مذکورٕ آٹھ اَصلی جُز (اَفاعیل) مُشخص کٔرِمتی چھِن تِہُند
اِشتِقاق کِمہِ اُصوٗلہٕ مُطابق چھُ سپدُمُت؟ خلیلَن چھُنہٕ پانہٕ کانٛہہ جواز
پیش کوٚرمُت۔ کانٛہہ ہیٚکہِ پرٛژھتھ زِ مثلَن "مُستَفعِلُن" کیازِ کرُن
اَصلی تہٕ سایِم اَفاعیلَن منٛز شمار تہٕ "مَفاعِلُن" کیازِ مانون مُزاحِف
تہٕ فرعی؟ اَتھ چھُنہٕ بظاہر کانٛہہ معقوٗل جوازے۔

ووٚنی نیٚتو تقطیعُک مامِلہٕ، مَطلب میٖٹرٕ باگیُک ہُند مامِلہٕ تہٕ وُچھتو
سُہ تہٕ کوتاہ ہرٕ مرٕ، کھٔرِ لَد تہٕ بےٚ ؤٹھر باسان چھُ۔ یہِ کتھ چھےٚ بڑو نٕٹھے
کھر گمژ زِ وَزنہٕ تلہٕ چھُ مُراد موزوٗن کلامہٕ کین جُزَن ہُنٛز باہمی تنظیم
تہٕ تنوُسب۔ ظاہر چھُ زِ یہِ بُنیادی نوکتہٕ نظرِ تل تھاوِتھ گژھہٕ کینہٕ تہٕ
وَزنہٕ نِظامُک مقصد آسُن موزوٗن کلامَس منٛز موجوٗد تنظیم تہٕ تنوُسب
بَد کَڈُن۔ میٖٹرٕ باگے کرنُک مقصد تہٕ گژھہِ تی آسُن۔ اما پوٚز ییٚلہِ
زیرِ تبصرٕ عوٗرُضکی ماہر مقررٕ قاعدٕ وٕ مُطابق شارَن تقطیع (مَطلب میٖٹرٕ باگے
کران چھِ اکثر صوٗرژَن منٛز چھُنہٕ سُہ مُدا بامَل یِوان۔ یَیلہٕ پاٹھی چھُ
سپدان یِہ زِ مُتلقہٕ وَزنہٕ کین جُزَن (مَطلب اَفاعیلن ہُنٛز) گٔنی تنظیمہٕ
ہُند تہٕ گٔنی تنوسبُک چھُنہٕ کانٛہہ باس لگان تہٕ سیٚتی چھےٚ زیرِ تقطیع
کلامِ موزوٗنَس منٛز بجایہٕ خود موجوٗد تنظیمہٕ تہٕ تنوُسبَس تہٕ اَدرٕ کھل گژھان۔

مثالہِ باپتھ ہنیتوَ رُباعی ہندِ بوٗ مُقررٕ وَزنوَ منٛز اکھ وزن۔ اَمہِ وَزنک محض ناو بوٗزِتھ ہیکہِ کانٛسہِ تہِ کاشُرس تلواس وٕتھِتھ۔ ناو چھُ "ہزج مُثمّن اخرم اُشتر ازل" تہِ اَتھ وَزنَس چھےٚ ژورو مُقررٕ میٖٹرٕ باگو مُطابق تانہٕ باگے کرنہٕ یِوان یعنے مَفعوٗلُن، فاعِلُن، مَفاعِیلُن فَع۔ تِرَن گوو شارُک اکھ مِصرٕ چھُ تِتھین ژٕون حِصَن منٛز باگرنہٕ یِوان یِمن پانہٕ وانٛنہٕ کانٛہہ تووُزُن چھُ تہِ نہٕ کانٛہہ ہِشر۔ وضاحتہِ موکھہ نِمون یہِ کاشُر رُباعی:

سون روٗپھ گٕری گٕری تِپسارٕ پاوی دُنیہ
ہٕری ہٕری پھولنک نظارٕ   ہاوی دُنیہ
عِشقٕچ تِتھبرے وُجارٕ سینس   دوٕ پدی
مَرُتٕ خانَس مَشالہِ تژاوی دُنیہ

گٕرتوَ اَتھ مُقررٕ عروٗضی قاعدو مُطابق تقطیع تہِ وُچھتوَ کو سہٕ نامناسب میٖٹرٕ باگے چھےٚ اَتھ گٕژھان تہِ کِتھ پاٹھی چھےٚ رُباعیہِ ہُنٛز پننہِ موزوٗنیتَس نِیہ لہراوَس اَدرٕ کھل گٕژھان:

| مفعوٗلُن | فاعِلُن | مَفاعیلُن | فَع |
|---|---|---|---|
| سون روٗپھ گٕری | گٕری تِپسا | رٕ پاوی دُنی | یہہ |
| ہٕری ہٕری پھول | نک نظا | رٕ ہاوی دُنی | یہہ |
| عِشقٕچ تِتھب | رے وُجا | رٕ سینس دوٕپ | دی |
| مَرُتٕ خا | نَس مَشا | لہِ تژاوی دُنی | یہہ |

حالانکہِ مُقررِ قاعدن تحتِ نے گرِتھ اگر یوٚ ہے وَزَن بَدل پاٗٹھی باگروِن وَزنہٕ کِین اَفاعیلن ہٕنز باہمی تنظیم تہٕ تنوٗسُب نیرِ گوڈنچی نظرِ ٹاکارٕ پاٗٹھی نوٚن، تہٕ یِتی سَپدِ منقوٗلہٕ رُباعیہ ہندین جُزن منز گوڈے موٗجوٗد تنظیم تہٕ تنوٗسُب تہٕ آشکار۔ مِثلے اَتھی وزنَس کُنہٕ تہٕ قسمُک ہیرپھیر پاوِنہٕ وَراۓ ژورَو بجایہِ پانٛژھ اَفاعیل بناوِتھ یہِ تقطیع:

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ |
|---|---|---|---|---|
| فع لُن | فع لُن | فعوٗلُ | فع لُن | فع لُن |
| سون روپھ | گرٕی گرٕی | پَسارٕ | پاوِی | دُنی یہہ |
| ہٕری ہٕری | پھولنگ | نظارٕ | ہاوِی | دُنی یہہ |
| عشقِچ | تِمبرٕے | وُجارٕ | سِنٛنس | وۄپدی |
| مَرنٕچ | خانَس | مَشالِہ | ترٛاوِی | دُنی یہہ |

مُقررِ عروٗضی قاعدو مُطابِق ہیٚکہِ مثالے حقّانی صابنِس یتھ نعتیہ مَطلعَس تہٕ دۄلہٕ باش گرٛزِتھ:

(i) گوٚ وجہاں تا زِ برو خسا رِ رَسوٗلے عَرَبی

فاعِلاتُن فَعِلاتُن فَعِلاتُن فَعِلُن

(ii) روٗٹ گُلو مُش کِ زنے گفتا رِ رَسوٗلے عَرَبی

فاعلاتُن فَعِلاتُن فَعِلاتُن فَعِلُن

مُبتدی نَفرن چھےٚ مُقررِ عروٗضی پَرمانو دِسی تقطیع کرنہٕ وِزِ عومٗوٗمَن

دلقتھ یوان۔ تتھ چھُ بسا اوقاتھ سَبَب آسان زِ تمَن چھُ ژرکہِ شارَس منز موجود حقیقی وزنس تہٕ لیَہِ ہٕراوس پیٹھ توجہہ مرکوز آسان تہٕ عروضی پرمانو منز ہم وزن پرمانہٕ ژھارنَس چھکھ تھوس یوان۔ تہٕ ہرگاہ کُنہِ وِز تم پنٕنی آنکہِ وٕنی کُنہ مُقررِ میٹرَو بجایہِ بدل میٹر ورتاوِتھ تقطیع کران چھ سو تقطیع چھکنہٕ معیآری مانہٕ یوان۔ مثلَن مقررِ معیارِ مطابق چھےٚ بحرِ متقارب مُثمّن محذوفس ژورَو رُکنو ذٕسی تقطیع کرنہٕ یوان یتھ گوو فعوُلُن، فعوُلُن، فعوُلُن، فعِل۔ وُں زَن کرِ کانٛہہ اَتھی وزنس مَفاعیلُ مُستفعِلُن فاعِلُن، یا فعوُلُن، مفاعیلُ، مُستفعِلُن یا پھرا آوازن پیٹھ مُشتمِل یتھی ہوی سیدی سادٕ پرمانہٕ مُشخص:

ت تم تم    ت تم تم    ت تم تم    ت تم

تہٕ مُشخص کرِتھ کرِ کُنہٕ زَلَن ہار شارَس تقطیع، مثلَن یتھ شارَس:

خودایا ژِ کَس دار چھُکھ بے کَسَن

زُوَن آش مُمتن، یَنہہ عاجزَن

ظاہر چھُ زِ وزنَس پیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ پھیر مگر تقطیع کرنُک یہ طریقہ پییس نہٕ معیآری مانہٕ۔

دِیان عربو آسی وزنہٕ میٹر مختلف آوازہٕ بوزِتھ وضع کٔری مِتی، مثلَن "رَجز" بحرِ متلق چھُ وَنہٕ آمُت زِ سو چھےٚ وُونٹَن ہُند پکُن وُچھِتھ وَضع کرنہٕ آمٕژ۔ مانٛی تو یہ دوپ آسہِ پوٚز مگر اَسہِ کاشرٕن یِیلِہ نہٕ وُونٹہٕ پکُن وُچھنَس ہٕلے چھےٚ اَسی کِتھہٕ پاٹھی ہیکو وُنِتھ زِ رَجز بحرِ ہُند وزن چھا فطری کِنہٕ نہٕ۔ تہٕ اَمہِ قسمِچ ہال نہٕ آسنہٕ سببہٕ ہرگاہ

اَسہِ منز کانٛہہ شخص اُتھی رَجز بحرِ منز گنڈنہٕ آمتِس گنہٕ شارَس بَدل آیہِ میٖٹر باگَے کَرِ سہٕ دوتا مارُن ؟ ہزج بحرِ ہٕنٛز معیاری میٖٹر باگَے چھےٚ مَفاعیٖلُن ، مَفاعیٖلُن ، مَفاعیٖلُن ، مَفاعیٖلُن ۔ اَمہِ بَدلہٕ زن کروٗس یٖمہِ آیہِ حِصہٕ باگَے : فَعَل فَعِ لُن ، فَعَل فَعِ لُن ، فَعَل فَعِ لُن ، فَعَل فَعِ لُن ۔

وَزنَس پیٚیہِ نہٕ کانٛہہ پھیر تہٕ مُقررٕ معیارٕ ڈلنَس کیازِ وَنو اَتھ ؟ اَتھ ضِمنَس منز گژھہ یہِ اَکھ اَہم حقیقتھ تہٕ نظرِ تَل روزٕنۍ زِ کاشُرِ زبانۍ ہندِس اَصلی لَفظٕ راشَس منز چھ عَرَبی زبانۍ مقابلہٕ ژُ ہیٚجلی تہٕ پانٛژٕ ہیٚجلی لفظ سیٹھہے کَم ۔ اَمہِ لِسانۍ اِمتیازُک تقاضہٕ چھ زِ کاشُر شاعِر تہٕ با یتھ ین زیادٕ یہن تِمے وَزنہٕ میٖٹر وَرتاوُس اَنہٕ یِم کمہٕ نے ہیٚجلین پیٹھ مُشتمِل آسَن ، تِکیازِ تتھ ین تِمے ژھوٚٹی میٖٹر بَرہ تہٕ تقطیعی اَدرٕ کھل تہٕ گژھہ کَم ۔

تقطیعہِ ہندِس ضِمنَس منز اَگرچہ یہِ کتھ خاہی نخاہی مانٛنۍ پیوان چھےٚ زِ وَزنہٕ پَرمانہٕ اَدِ یٖمہِ آیہِ تہٕ تھٕرنہٕ ین تِمن تہٕ شارٕکین لَفظَن منز پوٗرٕ تہٕ پیوستہٕ مُطابقتھ قایِم کَرٕنۍ ہیٚکہِ نہٕ ہمیشہٕ مُمکِن سپدِتھ ، مگر تہٕ اُسیتھ تہٕ چھنہٕ یہِ یِژھا شایَد نامناسِب زِ یُوتاہ مُمکِن سپدِ تیوٗتاہ گوٚژھ موزوٗنَس تہٕ میزانَس منز ہشَرٕ تہٕ تَنوٗسُب آسُن ۔

یِتہٕ چھ پزرٕ زِ میٖٹر باگَے کراں کراں چھنہٕ مذکوٗرٕ قسمٕچ مَسخہ صوٗرتھ پٔرتھ وِزِ نظر گژھان ، مگر یِتہِ پیٚیہِ مانُن زِ وارِہہن صوٗرتن منز چھےٚ یقینَن نظر گژھان ۔ چنانچہ تِتھین موقن پیٹھ چھ سوٗنچس بُبر کھسان زِ اگر عَروٗضی اَفاعیٖلن منز قایِم کرنہٕ آمُت اَصل تہٕ فرع

آسنگ بلا جواز پھیرے کُنہ پاٹھی موکلہٕ ہے تہٕ ماروزِ ہے جانے تہٕ
تِتھٕ پاٹھی ما ووتِھ ہے وارِیہس حدس تام گھرِ کِلد زِحافن تہٕ عِلّتن
زاوِی جارن ہنٕز تھپ تہٕ !

زِحافن ہُند ماملہٕ تہٕ چھُ وارِ پاٹھی سٕہنس لایق ، خاصکر تھ اَسہ
کاشرِن ہند باپتھ ، تِکیاز ساٮ۪ن مشینی مزاز یار چھِ مُقرر رِکھ ہنا تہٕ
اور یور ڈلنس یا تہٕ وُچاپگی مانان تہٕ نتہٕ نہٕ زانُن ، بامے سٕہ ڈلُن کونہٕ
اَسہِ نَیہ لِہراوِ تہٕ مِٕسنہٕ کِہ اعتبارٕ مُفیدٕ ہے ۔

یہ چھُ پوٗز زِ وارِیہو فارسی عرُوض دانو تہٕ چھُ یِژھ ہِشہٕ شٕٹھ گیہ
ہُند بار ہا مُظاہر کوٗر مُت ۔ چنانچہ خاقانی ہوی بہلہٕ پایہٕ شاعرن یِیلہٕ
پننِس اَکِس منظوٗمس منٕز رِکھ ڈلنگ اِرتکاب کوٗر ، سخت گیر لوٗکن
آوٕ نہٕ تہٕ پسند ۔ خاقانی سُند شار اوس :

کیسہ ہنوز فربہ است باتو ازاں قوی دِلم
چارہ چہ خاقانی اگر کیسہ رسد بہ لاغری

اَتھ منظوٗمس چھُ کلُھم گرِتھ فی مصر وزن مُفتَعِلُن مفاعِلُن
مُفتَعِلُن مَفاعِلُن ۔ مگر منقوٗلہٕ شارکِس دوٗیمِس عرُوضی پھٕرس
تَل چھُ شاعرن "مَفاعِلُن" بجایہ "مُفتَعِلُن" وَرتوومُت ، تہٕ سٕہ
وَرتاو دِیُتھوس قابلِ اعتراض قرار ۔ وُٕں اگر سانِن کاشرِن
یارن کُنہ اَتھ یِیہ ہے تِم دٕیہنس بٕبا مذکوٗرٕ خلاف وَرزِیہ علاوٕ تہٕ
چھی شارَس وَزنہٕ حسابہ زٕ نوقص : اَکھ یِز "آست" لفظُک اَچھُر
"ت" چھُ وُسی پیوٗمُت تہٕ "خاقانی" ناوس چھُ "خاقانہٕ" بنیوٗمُت ۔

حالانکہٕ ژیٖھ خِلاف وَرزِ یہِ چھےٚ بارہا سپز مژ تہٕ حافظس تہٕ غالبس
ہِوو بڈ بوٚ بڈ بوٚ شاعر وَ کَرمٕژ ۔ مثلن "پنج گنج" تخلیق کرن وول نظامی
گنجوی چھُ ہزج مُسدس محذوف (مطلب مفاعیلُن مفاعیلُن فعوٗلُن)
وَرتاوِتھ "خُسرو شیرین" ناوٕ پننہِ مشہور مثنوی ہِنٛزِ ییٚمہِ شارٕ ستی دس تُلان :

خداوندا درِ توفیق بکُشا        بندگاں را رہِ تحقیق بنُما

نٕژ کتھ چھےٚ زِ اَمہِ مطلعہٕ کِس دوٚیمس مصرس منز چھُ گوڈنِکِس عروٗضی
میٖژِ بٲگس تل "مفاعیلُن" بجایہِ "فاعلاتُن" وَرتاونہٕ آمُت ۔ چنانچہ
ایرانُک اکھ مشہور شِٹھہ عروٗض دان یعنے شمس قیس رازی چھُ اَمہِ
قسمہٕ چَن خِلاف وَرزیٚن ناپسند کران ، تہٕ ساہن کاشرِن شِٹھہٕ گیٖ ییٚند
دوستن ہندی پاٹھۍ چھُ رٕچھن ہارِ رُوی یہِ وَرتاوِتھ یا عالی ؤشارکی
( High brow ) لاگیتھ اکہِ طرفہٕ یہِ وَنان زِ کینہہ شاعر آسی مقامی بولِن
ہُند طور طریقہٕ پاپہٕ ناوِتھ یتھی ہیر پھیر محض عادتہٕ کِنۍ کران تہٕ تہٕ کرُن
اوشکھ نہٕ ناکار باسان ، تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ اُتھی ہیر پھیرس پیٹھ مُجادلہٕ
لاگان ۔ یتھین موقن پیٹھ چھُ بیٚیہِ زٕ بتس پادٕن پیوان زِ کُنہِ تہٕ قومس
یا جماعژ منز چھُ موزوٗنیژ ہُند کانٛہہ مخصوٗص تصوّر گوڈ پھاپھلان تہٕ اَدٕ
چھےٚ تمہِ قومِچ یا جماعژ ہنٛز شاعری تتھنہٕ پیوان ۔ تہٕ وَزنُک تصوّر تہٕ
ذوق پھانپھلاوِنس منز چھُ اِجتماعی عادتھ پوٗرٕ پاٹھۍ کارفرما روزان ۔
چنانچہ وَزنس متلق یُس تہٕ کانٛہہ تصوّر کُنہِ قومس منز یا کُنہِ مخصوٗص
دورس منز مقبوٗل آسہِ ضروٗری چھنہٕ زِ بیٚیس کُنہِ دورس منز کیا
ییٚیہِ سُے تصوّر معیاری مانٛنہٕ ۔ تَوے تہٕ چھےٚ شاہِج اکھ عموٗمی تعریف

یہ ڈ۪نتھ کرنہٕ آمژ زِ شارچھ نفظن ہنز سو تنظیم یتھ منز کانٛہہ اکھ یا بیاکھ وَزَن وَرتاونہٕ آمُت آسہٕ۔ اکھ ناقابِلِ تردید پزر چھُ یتہٕ زِ کُنہٕ زبانٕ ہنٛزِ شاعرِیہٕ منز چھ اکی وَقتہٕ مختلف منظوٗمَن منز وَزنیاتکی زِ مختلف نِظام وَرتاونہٕ یوان، بلکہِ اَکی سے منظوٗمَس منز تِمَن ہُند رَل، مثلَن کاشرِ شاعرِیہٕ منز۔

بیالہِ اَندرِم کتھ چھےٚ یہِ زِ وَزنکی اوٗصوٗل تہٕ قاعدٕ چھنہٕ اَسمانہٕ وَسان۔ تِم چھ اکھ یا بیاکھ شاعری نظرِ تل رٔتھِتھے اَخذ کرنہٕ یوان۔ توٚے تہٕ چھُ عربی عوٗروٗض وَضع کرَن وٲلِس خلیل بن احمدَس وَنُن پیومُت زِ الشعراءُ اُمراء الکلام وَجائز لھُم مالا یَجوز لِغیرِ ھِم (یعنے شاعر چھ کلامکی سَردار تہٕ تِہندِ خاطرٕ چھُ تتہٕ جأیز یُنہٕ باقین ہندِ خاطرٕ چھُ۔)۔ اَتھ ضمنَس منز چھُ قدامہ بن جعفر سُند یہِ اظہار دُبارٕ ژٕتنَس یاوُن لایق زِ قدیم عَربی شاعرِیہٕ ہِندی یِم نفیس نموٗنہٕ اَسہٕ دَردس چھِ تِم ساری چھِ تِتھێن شاعرَن ہِنٛدی مربوٗط یِمو عِلمِ عوٗروض وَضع سپدنہٕ برونٛہہ تِم شاروٗ ہِنتی آسی۔

تاہم گوٚژھ نہٕ سانین کتھَن یہِ مطلب کڈنہٕ یُن زِ اَسی چھ کُنہٕ ناہنجار خود راہیہٕ جاے شیرِ فی تَزھان یا کُنہٕ گمراہیہٕ ہندِ حقہٕ جواز پادٕ کرُن یژھان، تِکیازِ عرب اُدبوے چھُ پانہٕ یہِ حد گوٚنڈمُت زِ وَزنہٕ کِس مامَلَس منز کانٛہہ آزادی وَرتاوَن وٲلِس گژھِ کافی مہارتھ تہٕ تربیتھ یافتہٕ ذوق آسُن۔ چنانچہ زِحافی ہیر پھیر کرنَس مُتلق چھ وَننہٕ آمُت زِ یہِ گوٚو تیتھے ہیو اجازتھ یُتھ شَرعی مالَن نسبتھ تعبیر کرنک یختیار

صِرف کأنِسہ مُعتبر فِقتھسِے آسان چھُ۔ بڑ ہتھ کانھہ سُلہٕ گلہٕ ہیکہِ نہٕ یہِ اقدام کٔرِتھ۔ اَلبتہٕ اَمہِ آیہِ کٔرنہٕ آمتہِ کُنہٕ تہٕ اِقدامہٕ کہٕ مُناسب یا نامناسِب آسنُک چھیکرٕسی فاصلہٕ چھُ مُتلقہٕ ہیرِ پھیرِ چ تخلیقی اِفادیتھ وُچھتھے کرنہٕ یوان۔ مولانا رُومَن چھُ وَنمُت زِ

شعر می گویم بہ از قند و نبات

مَن ندانم فاعِلاتُن فاعِلات

خبراَتھ ماہیکہِ یہِ تعبیر تہٕ سَپدِتھ زِ بٔ چھُسنہٕ فاعِلاتُن فاعِلات مانأنی تہٕ مےٚ چھُ شأعرِ سُند تخلیقی میچھرے اَہم باسان۔

بہرحال چھےٚ اکھ کتھ زوردِتھ وَننہٕ لایَق، تہٕ سو یہِ زِ وزنکس مامَلس منز یوسہٕ آزادی پانہٕ عَربی شأعرَو وَرتاوِمٕژ چھےٚ سانہِ کانٹرِ عَرُوضہٕ عاشقن وَسہٕ نہٕ سو سَہل ہٕتی۔ مِثلَن کانہہ عَرب شأعِر ہیکہِ پننِس کُنہٕ منظوٗمَس منز اکھ مِصرٕ کُنہٕ سألِم بَحرِ ہندِ بوٗ اَصلی عَرُوضہ میٖژَو (یعنے اَفاعیلو) مُطابِق وَنِتھ تہٕ تِمہٕ کِنہٕ بَدل مِصرٕن منز وَرتاوِ تِمہٕ بَحرِ ہندِ بوٗ مُزاحِف میٖژَو منز کانہہ اکھ یا بیاکھ میٖژ، تہٕ کانہہ کٔڈنہٕ بڑیڈی۔ یِتھہ آزادانہٕ وَرتاوِچ اَکھ مِثال:

| | | |
|---|---|---|
| بَیاضُ شَیبٍ قَد نَصَعْ | مَفَاعِلُن مُستَفعِلُن | بُجرُک چھٕرِد آو پھوٚلِتھ |
| رَفعُتہُ فَمَا ارتَفَعْ | مَفَاعِلُن مَفَاعِلُن | تِمہ ییٚژھوو سہٕ ہٹاوُن مگر سہٕ آس نہٕ ہٹاونہٕ |
| اِذا رَأی البَیضَ انقَمَعْ | مَفَاعِلُن مُستَفعِلُن | تِمہِ ییلہٕ چھٕرِ وُچھ سہٕ آو ہینہٕ |
| مِن بَینِ یَاسٍ وَطَمَعْ | مُستَفعِلُن مُستَفعِلُن | نا وٕمیدی یہِ تہٕ لالچِس منز |

لِلّٰہِ اَیَامُ النَّخعُ مُستَفعِلُن مُستَفعِلُن خوداین ہندِ خاطرِ چھےٚ اِطاعتھ خالِص
یَا لَیتَنِی فِیھَا جَذَعُ مُستَفعِلُن مُستَفعِلُن کاش مےٚ سپدِ ہے تمہٕ منٛز کینٛہہ نصیب
اَخُبُّ فِیھَا وَاَضَعُ مَفَاعِلُن مُستَفعِلُن[1] یُتھ بٕہ پتھٕ پان تھٕہندِ باپتھ وقف تھوَن!

ییٚتےٚ یوت نہٕ، عَرَبی شاعِریہِ منٛز چھُ ییتہٕ ممکِن تہٕ جائیز زِ کُنہِ منظوٗمہٕ کِس
اَکِس شارَس منٛزِ سالِم عوٗروٗضہ میٖٹر وَرتاوِنہٕ تہٕ بیٚیَن شارَن منٛز
تِمہٕ نِے سالِم میٖٹرَن ہنٛز مقصوٗر یا محذوٗف صوٗرژ، ییٚمِیُک نتیجہ یہِ نیرِ
زِ مِصرٕ باسَن نہٕ بظاہر ہموزن۔ مثلَن یِم زٕ شار:

(i) یَا قَتِیلاً مِنُ یَّدِہ فاعِلاتُن فاعِلُن ہے پننہٕ دَستہٕ مارٕ گژھن والِہ
مَیِّتاً مِنُ کَمِدِہ فاعِلاتُن فَعِلُن پننہٕ مویُوسی ڈٕسی موٗنٛگ تسکار سیدن والِہ

(ii) قَدَحَتُ لِلشَّوقِ نَاراً فَعِلاتُن فاعِلاتُن ژٕے وُسِنووُتھ تمہٕ شوقہٕ ییتی نار
عَینُہُ فِی کَبُدِہٖ فاعِلاتُن فاعِلُن[2] ییٚمِیُک آگُر چانٛژ واٚنِج چھےٚ

عربی شاعرَس چھےٚ یِمو آزادیو ہُرِیمانہٕ بیاکھ اکھ آزادی تہٕ حاصِل
یوسہٕ اَسہٕ کاشرِن ہندِ باپتھ خاصہٕ پاٹھی توجہس لایق چھےٚ، مطلَب
اَچھرٕ آوازَن ہیر پھیر کرُن۔ موٗمتاز ایرانی نقاد ڈکتر زرّین کوٗب چھُ
"شعرِ بی دروغ، شعرِ بی نقاب" ناوِ پننہٕ کتابہٕ منٛز مذکوٗرہ آزادِیہ کُن
یہِ ؤنِتھ اِشارٕ کران زِ عَرَب شاعرَس چھےٚ آزادی زِ سُہ وَرتاوِ حَسبِ
ضروٗرَتھ مکسوٗر آواز ممدوٗد مانِتھ تہٕ ممدوٗد آواز مکسوٗر مانِتھ۔ تیتھے پاٹھی

---

[1] تہٕ [2] عقد الفرید بحوالہٕ ڈکتر خانلری۔ یِمَن عربی اِقتباسَن ہُند تلفُظ تہٕ
مفہوٗم زانٛنی روٗس بٕہ کشمیر یونیورسٹی ہندِ عربی ڈیپارٹمنٹکی سربراہ موحترم پروفیسر منظوٗر احمد
صابَن، تہٕ بٕہ چھُس تمہٕ باپتھ تہُند سیٹھاہ شکر گزار۔ تاہم اگر کینٛہہ غلط گوٗمُت آسہ
تتھ چھُس بٕے ذِمہٕ وار (ر۔ ر)

وَرتاوِ مُخفَّف آوازٕ مُشدَّد آیہٕ تہٕ مُشدّد آوازٕ مُخفّف چالہٕ، یا مُتحرِک اَچھر
مانہٕ سائکن تہٕ سائکن مُتحرک۔

کلاسکل فارسی شاعر (خاصکٔر تِتھ شاہی دَربارَن سِتی وابستہٕ تِم
قصیدٕ بَرِن وٲلۍ شاعر یِم پَنٕنۍ وۄستادِل ہاوِتھ اکھ اَکِس پیٹھ برتری پراوٕنۍ
یَژھان آسی) اگرچہ بحرَن ہُند مُقررٕ اَفاعیلی نظم وضبط سختی سان
وَرتاواں رۄدی مگر ہیٚچلی آوازٕ سَبب ضۆور وَرِتھ زیچھر دِتھ یا تِمہٕ
ژھۄٹرٲوِتھ یا ساقِط کٔرِتھ یوسہٕ آزادی تِمَو وَرتاوِژ چھےٚ سو چھےٚ
کٲشرِ شاعرِ منٛز وزنک صوٗرتِ حال زانٕنَس سِتی دلچسپی تھاوَن
والین اَسہٕ کٲشرِن ہندِ باپتھ خاصہٕ پاٹھۍ سبق آموز۔ شمسُ الرّحمان
فاروقی یَن چھ ”عرُوض آہنگ اور بیان“ ناوِ پَنٕنہِ کتابہٕ ہہندِس
دۄیمِس بابس منٛز اَتھ نِسبتھ اکھ مُفصل تہٕ نوکتہٕ سنٛج مُطالہٕ قلمبند
کۆرمُت۔ چوٗنکہِ تحصیلِ حاصِل سپدنک اَندیشہٕ چھ ٹھاک کران تۄہۍ
دِمَو مذکوٗرٕ باب سپدِ سپدِ زیرِ مُطالہٕ اَننُک مشورٕ تہٕ بَس۔

ہرگاہ اَسی پنٕنہِ کٲشرِ شاعرِ باپتھ یِتہٕ یور تہٕ پتہٕ ہٕکٔنَ پاکِھ اِمکان
پزٕ بزٕبوٗنۍ ژھنۍ یَژھان چھ تیٚلہِ چھُنا یہٕ سوال سوچنَس لایق بنان زِ
یتھٕ پاٹھۍ مختلف زبانَن ہندی بہلہِ پایہٕ شاعر پَننٕو مخصوٗص تخلیقی تقاضو
مُطابق زحافَن تہٕ علتَن وَغارَن ہندی قسمہٕ قسمہٕ وۄبۍ ژٔٹۍ ژٔٹۍ
نظرگشاہی ہُند مُناسب بۄندبس کران رۄدی مِتۍ چھ کٲشرِ شاعر کیٚاز
تھاوون تِمہٕ بۄندبسہٕ کِہ فائدٕ نِشہٕ مَحرُوم، بٔلکہِ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ اَہم یہٕ
سوال زِ کٲشرِ زبانۍ ہُند مخصوٗص مِزاجٕ نظرِ تل تھاوِتھ، کٲشرِ قومہٕ کین

دیرپینہ اِجتماعی عادتَن ہُند ظوٗن تھاوِتھ تہٕ انفرادی سوٗتھرس پیٹھ اُکس یا بیٚیس شاعرٕ سندِ ن تخلیقی ضوٗرٕ تَن ہُند خیال تھاوِتھ گرٛھنا مزید زِحاف تراٛشیہ تہٕ عِلتھ ساٛزِیہ علاوٕ باوٕژ موکجارکی بیٚیہ تہٕ کینہہ مُرادٕ مُفید ذٔری چھ وٕتھی تراونگ اِجازتھ آینہٕ باپتھ تہٕ برقرار روزٕن ؟ عربی فارسی عوٗرُوضہ کِس محض مشینی ظاہرس آویزٕ روزٕنس چھ نیتیجہ نیران زِ اَسی چھ بعضے زٕ بِن کیٛو بڈِ ین شاعرن ہندی کینہہ شار وُچھتھ پریشان ہوی گرٛھان زِ تِمَن کُس تُل کرٕ و یا مِیٛژ ہمو۔ مثالے ہنٛجٕری پاٛٹھی ژٔارنہٕ آمتی بوٚنہ کَنہٕ دَرج کینہہ کاشُر، فارسی تہٕ اُردوٗ شار:

گُھٹِتھ سینَس اَندر بو نالہٕ رٔٹِتھ شامہ سوٚندر
چھو جامہ سَروِ نازس پان ؤلِتھ آیو مَدٕ نو



شہمارِ زُلفو نال وٕڈلِہ ہَم روٗد اَفسانے
دہٕ نی وَنتہٕ کَم افسانہٕ پَرے بال مرآیو



چھ شراوَن ہیٚیہ چھاوُن نارٕ اَنہار
سو یاوَن مَژ چھُے پیرَتھ جامہ چھیٚنتی ییے



عشقہٕ آدرینہٕ مشرٕ چھُ پوشُر!
نارٕ پان وارٕ زالِن تہٕ لولو



بے کام و زباں سوز وَنے بوز نے بے گوش
چھُے برگ و نوا عاشقن بے برگ و نوائی
(رسُول میر)

---

نیٚہہ گٹہِ گوس بیدار گَنَن گَتی جہِ بولُن گوم
زونُم زِ وَندہِ سوریو پرتَو تژوو سونتھ کالَن

○

کاہہ دِو کَرِ ساںٕ ڈل بوٗزُم شَبَس ترِ تیل بَل
دَرشنَس آبَس اندر پمپوشس لاگِتھ پژارہِ ہا

○

دوٚ بیچھم ژےٚ پیٚترے پیارہِ وَن کیاہ چھےٚ ژےٚ تمنّا
خُمارہِ ہیٚتیو دارہِ مےٚ گُن کر نظر وَنے

○

اڈش گوم جاگری یام ژہِبَس پیوم شہ جانان
بیوٗٹھ ناوِ اندر پانہٕ مےٚ شہلاب اَنِتھ گوو

○

شاہہ ژھلیے واو گرایے پوشہِ دُتھراہ پیو وِیتھر
پان زِندے زالنگ ووت پوشرِس پروانہٕ چون

○

پوشہٕ ٹوٗری رٕشکہٕ بٔری تھٕکھ رٕسہٕ پأٹھی گٕنڈ مٕژری تھٕکھ
اَسہٕ وٕنہٕ دٕہانہٕ کٔری تھٕکھ آوارٕ وارٕ وائے

○

پھری پھری مے وُچھو مارٕمتی سٕنٕز بزأنٕژ پوشٕن کُن
خاموشس گُل آسی بُلبُلو دٕپ فِتنہٕ مہٕ وُزناو

○

ہوٗنٕز تہٕ چھٕنڈ ریمٕژ مٕسوٗل وٕنان چھے واوٕس
دامانہٕ میوٗن ییمی چھوٗل تٔس زٕنہٕ قرار آسیا
(مہجورؔ)

---

گہی چون آئینہ چینی نُماید ماہ دو ہفتہ
گہی چون مُہرہٕ سیمیں نُماید زہرۂ زہرا
(فرخیؔ)

---

این چراغِ شمس کو روشن بُود
نز فتیلۂ پنبہ و روغن بُود

○

سرگشتگانِ عشقیم نے دِل نہ دین نہ دُنیا
از نیک و بد بروٗن آ، آنگہ نظر بما کُن

○

قدحی ڈوز دستِ خود بِدہ ای جان بہ مستِ خود
ہلہ تا رازِ آسمان بِشنَوی جُملہ مُو بہ مُو



آئینہ دل چون شود صافی و پاک
نقش ہا بینی برون از آب و خاک

(مولانا رُوم)

---

از پردہ بِرُون آمد ساقی قدحی در دست
ہم پردۂ ما بِدَرید ہم توبۂ ما بشکست

(عَراقی)

---

آن کعبۂ وفا کہ خُراسانش نام بُوَد
اکنون بہ پائی پیلِ حوادِث خراب شُد



فتراکِ عشق گیر نہ دُنبالِ عقل آنکہ
عیسیٰست دوست بہ کہ حوارِیِ آشنا

(خاقانی)

---

گرم حیات بِماند نماند این غم و حسرت
وگرنہ میرد بُلبل درختِ گُل بہ بر آید



خوشا هوای گُلستان و خواب در بُستان
اگر نه بوُدی تشویشِ بُلبلِ سحَرَم

(سعدی)

---

قصرِ فردوس که رِضوانش به دربانی رفت
مَنظری از چمنِ نُزهتِ درویشانست



(بَر سَرِ آنم که گر زِ دَست بَر آیَد
دَست بکاری زَنَم که غصه سَر آیَد)
مَنظرِ دِل نیست جائی صحبتِ اَغیار
دیو چو بیروُن رَوَد فرِشته دَر آید
صحبتِ حُکّام ظُلمتِ شَبِ یَلداست
نور ز خورشید خواه بوُ که بَر آید
بُلبلِ عاشق تو عُمر خواه که آخر
باغ شوَد سبز و شاخِ گُل بَبَر آیَد
غفلتِ حافظ دریں سَراچه عجب نیست
هر که به میخانه رفت بی خبر آید

(حافظ)

---

در ہای فردوس وا بُوَد امشب
از بی دماغی گُفتیم فردا

(بیدل)

---

(ای بخلاو مَلا خوئ تو ہنگامہ زا
باہمہ در گفتگو بی ہمہ با ماجرا)
شاہدِ حُسنِ تُرا در روِش دلبری
طُرّہ پُرخم صِفات موئ میاں ماسِوا
آب نہ بخشی بزور خونِ سکندر ہدر
جاں نہ پذیری بہ ہیچ نقدِ خضر نارَوا
گرمئ نبضِ کسی کز تو بدِل داشت سوز
سوختہ در مغزِ خاک ریشۂ دار و گیا
کم مہ شُمر گریہ اَم زانکہ بہ عِلمِ اَزل
بُودہ درین جوئ آب گردشِ ہفت آسیا
سادہ زِ علم و عمل مہرِ تو وَرزیدہ اَم
مستئ ما پایدار بادۂ ما نا رِشتا
خُلد بہ غالبؔ سپار زانکہ بدان روضہ در
نیک بُوَد عندلیب خاصہ نوآئین نوا

(غالبؔ)

---

پائے نگار آلودہ کہیں سانجھ کو میر نے دیکھے تھے
صبح تلک اب بھی آنکھوں میں اُسکی پاؤں نمے پھرتے تھے



لڑکے جہان آباد کے یک شہر کستے ناز
آجاتے ہیں بغل میں اِشارہ جہاں کیا



وے زُلفیں عُقدہ عُقدہ ہیں آفتِ زمانہ
عُقدہ ہمارے دِل کا اُن سے بھی کچھ کُھلا نہ



کُشتہ ہوں میں تو شیریں زبانیٔ یار کا
اے کاش وہ زبان ہو میرے دہن کے بیچ



سَرو لبِ جو لالہ و گُل نسرین و سمن ہیں شگوفہ ہے
دیکھو جدھر اِک باغ لگا ہے اپنے رنگیں خیالوں کا

(میر تقی میرؔ)



فریاد کی کوئی لَے نہیں ہے
نالہ پابندِ نَے نہیں ہے



میں نے کہا کہ بزمِ ناز چاہیے غیر سے تہی
سُن کے ستم ظریف نے مجھ کو اُٹھا دیا کہ یُوں

(غالبؔ)

مےٚ چھُ باساں یِمہٕ مثالہٕ چھےٚ شاید اَسہٕ کاشرِ بٕن خاصہٕ پأٹھی
مَنگ کَران زِ أسی منساوَو عورُوضی مأ ملَن نِسبتہٕ کانہہ تہٕ پٔتہٕ بَند
مشینی زٕوی یہِ تہٕ غأر ضوٗروری شٕٹھ گی، تہٕ کَرو زیرِ بحث موضوٗعس پیٹھ
نِو سرٕ تہٕ وارٕ وِستارٕ سوچ یُتھ آیندہ باپتھ کانہہ مبنی بر حقیقتھ مُعتدِل
وَتھ بدِ نیرِ۔ عربی فارسی عورُوضس مُتلق یِنٛہ سوچ نظرِ تَل تھاوِتھ کر
اَسہٕ کأشرِ شأعری مَنزٕ تِمے یازِ مِثالہٕ پیش یِمن منز بظأہر سُے عورُوض
وَرتاونٕچ کوٗشِش نظرِ گژھان چھےٚ۔ رُوٗد آمہٕ شأعری ہُندٕ سُہ باگہٕ یُس زُ
حصہٕ یتھ پیٹھ نہٕ مذکوٗرٕ عورُوض مُحکم فرمارُوٗد مُت چھُ، ظأہر چھُ زِ تتھ
مُتلق گژھہ وَکھ پأٹھی کتھ کرنہٕ ییٚنہ، تکیازِ تتھ چھُ پوٗت منظرس منٛز
وَزنیاتُک اکھ تِیتھ نظام کأم کران باسان یتھ آسہٕ چارٕ وَناچار کأشر
وَزنیاتھ یا کأشر مِیٹرٕ نظام وَنُن پیٚیہِ۔ سُہ مِیٹرٕ نظام چھُ میأنی کِنی کأشرِ
زبأنی ہِندِس بناوَس تیوٗت ہم نفس تہٕ کأشُر بوٗلَن والین ہِندِس مزازَس
غأر شعوٗری آیہٕ تیوٗت شٔرٛپیتھ گوٗمُت باسان زِ یِسلہٕ کأشرِ بٕن شأعرَن
چھُنہٕ عربی فارسی عورُوض وَرتاوان وَرتاوان تہٕ بسأو قاتھ تِمہٕ نِشہٕ
پوٗرٕ پأٹھی لوٗب ہیوٚن مُمکنے سپُد مُت۔

# گُل ریز — اصل تہٕ ترجمہ

محمد یوسف ٹینگ

مقبوٗل شہٲن چھہٕ اصل مثنوی ہندی لگ بگ ساری واقعات ترجمہ کری متی۔ مگر اُمی چھُ اوّلہٕ پیٹھٕ آخرس تام منظوم ترجمہ کورمُت تہٕ مثنوی ہنز اکے بحر ورتاوِمٕژ۔ ترجمہ کرن وِزِ چھِنہٕ اَمی اصل داستانٕچ کانہہ لوکٕٹ کھوتہٕ لوکٕٹ لنٕڈ تراوِمٕژ۔ مگر کینٛہہ تمثیلی واقعات تہٕ اقوال وامثال چھُن الگ تراوِی متی۔ یِم اقوال امثال تہٕ تمثیلہٕ چھِنہٕ داستانہٕ ستی کانہہ سیود واٹھ تھاوان تہٕ نہٕ چھےٚ داستانٕس برونہہ پکنس منز کانہہ مدد دِوان۔ مگر یِم چھہٕ نخشٕین بڈٕ موزوٗن جایَن واٲڈِ متی تہٕ یموسٕتی چھُ قصکِ حُسن بڑان۔ ظاہر چھُ مقبوٗل شہٕس چھُ باسیومُت زِ یِہند کٕنہٕ سطر ترجمہ کرنہٕ ستی لگہِ کتھ زیچھر۔ اتھ سلسلس منز چھےٚ اکھ مثال عبدالاحد آزادن "کشمیری زبان اورشاعری" منز درج کرمٕژ۔ یوس زن تمہٕ وِزِ نخشٕبن چھےٚ اَنِمٕژ۔ یِلہٕ عاشق سیدہٕ برونہہ عجب مُلکٕنہٕ غوٗروٗرچ کتھ وۄتھان چھےٚ، تمہٕ وِزِ چھُ نخشٕبی اکھ مزدار ڈلیل بیان کران۔ ڈلیل چھےٚ یہِ زِ اکھ جوانا اوس بڈٕ مغروٗر یُس پننس وٕرٕ برٕس منز آفتابس ستی کاڈ برٕتھ کھوواں اوس۔ یِلہٕ سہٕ گراوس یوان، دروازن ہندی ٹنگ آسی جِکہٕ رٕچ کران۔ اکہِ دوہہٕ پزٕتھ جوانَن یِمن برٕتھگن زِ امہٕ کرٕکہٕ ناڈک باعث کیا چھُ۔ تِموّ دوٚپُس زِ اَسہٕ چھُکھ ہانکل تراوِمٕژ تہٕ بیتر مٔتی جگرس پرٕ کاڈی کٔری متی۔ وٕنی کینٛہہ چھُس لیہہ موجب تہٕ کانہہ قدرا چھِنہٕ۔ بگر یہِ چھُ منے پانس راہ۔ لوکچارس اوٚس منے تہٕ کلہٕ کھایرٕ منز تکبُر۔ یہِ اوٚسُس پانس پہاڑی شمشاد زانان تہٕ دُنیا پننِ بندٕ۔ اکہِ دوہہٕ آو اکھ تبردار تہٕ تِمہٕ وُن منے زِ یہِ چھُس چون غوروٗر چھلہٕ چھلہٕ کرنہٕ باپتھ آمُت

ہٕ بہٕ ساوتھ ژٕ پھرس پیٹھ۔ مے دیُت یہٕ بوُزِتھ تس بڈٕ خشمہٕ سان جواب۔ تمؠ کڈ لیہٕ تہٕ ہیٚژن مے وانہٕ مے کرے یہٕ لیتر بڈٕ آہ وزاری ولیکن تس گو وُنہٕ کانہہ عار تہٕ بہٕ ہیوس یتھ۔ وونی چھ میون حال ژٕ نے برونہہ کنہٕ۔

یتھے کٕنؠ ییلہٕ نوش لبہ ہنزٕ آج تس نازمستہٕ ہندِس باغس منز۔ عجب ملکس ستی نالہٕ موت کرِتھ شوگھتھ چھِنے وُچھان۔ سو چھِنے نازمستہٕ نصیحت کران تہٕ دیان چھس توہہ گوٚو ناصیا تہٕ یتہٕ آسنک حیا۔ اکھ موقعس پیٹھ چھِنے سو اکھ لطیف مثال دِوان۔ وُناں چھس زٕ نوشیروان اوسہٕ تتھ مجلسہٕ منز، یتھ منز یِمہ زالہٕ نوش آسہ ہے، کانہہ ترٛٹھ کام کران یِمہٕ ستی حیا چن حشمن ٹھکر لگہ ہے ییٚلہٕ اکہٕ دوہہ پرٛژھ ہس زامیک سبب کیاہ چھُ، تمؠ دوُنکھ درجواب

"شرم دارم در مجلسی کہ صورتِ چشمے ناظر بود من فعلِ بد نکنم"۔

یٚژھے یٚژھے سٕنہٕ وٚرٕ تمثیلہٕ تہٕ بیٚنہٕ لوکچہ لوکچہ ڈلیلہٕ چھِنے نخشنی ہنزٕ۔ ڈلیلہٕ منز۔ واجہ ہند کرینگو پاٹھؠ سجاوتھ تہٕ آسندِس بیانس بڈٕ پرٕ لُطف بناوان۔ مگر کاشرِ گلریزٕ منز چھِنے تمہٕ عام طور نظر انداز کرنہٕ آمہٕ۔ اما پوزٕ امہٕ ستی چھ اکھ فاید یہٕ یِیُدمُت زِ کتھ چھِنے سیوٚدٕ تہٕ رواں اندازس منز برونہہ پکان۔

امہٕ علاوٕ تہٕ چھُ فارسی تہٕ کاشرِ گل ریزٕ منز کینژن لوکچن لوکچن تفصیلن منز تضاد تہٕ یہٕ چھُ صاف فکر تران زِ مقبولن چھِنے شیرٕ زارٕ کام ہیٚژمٕژ تہٕ کرِن ڈالِتھ واقعات زیادٕ فطری بناوٕ کمٕتؠ مثلن ییلہٕ گو ڈٕ نیتھے نازمست نوش لبہ عجب ملکہ کنہٕ عشقک حال باوان چھِنے فارسی "گلریز" مطابق چھِنہٕ تس شرارت کھسان، سو چھِنے اکھ موقعس پیٹھ نومن لفظن منز تس جواب وُنان؛

"چوں من ایں سخن بشنیدم تعجب من یکے بدہ شد و تحیر من
از یکے بہ ہزار شد گفتم عجب حالے و طرفہ مقامے او مرا چہ
داند و چہ شناسد و چہرہ مرا از کجا دیدہ و نام از کجا شنیدہ است؟
او کیست، و کہ خواہد بود۔ مولد از کجاست و منشا او انچہ جائے

۔۔۔۔۔۔ چوں من ایں حکایت دِل سوز و قصۂ جاں دوز کہ
ضمن آں نیم مکافاتے آیدُ و از طے آں ریاح حوالات مے
زآید اصغا کردم و استماع نمودم۔ باخود گفتم کہ سبب دلاو
محبّت من مُلک و مالِ خود برباد دادہ و از پے تولائے مودت ما
روئے در اکنافِ گیتی نہادہ نارسیدن او از قاعدۂ مروّت
خارج بود و نادیدنِ او از قانونِ فتوت بعید باشد۔
شرایطِ محبّت و مراسم مودّت آں است کہ تشنگانِ بادیۂ
محبّت را از شربتِ مشرب و باید داشت و مستعطشان کلبۂ
مودت، را از زُلال منہل رضا سیراب باید گرداند۔"

اَکھ منز۔ چھُنہٕ نوش لبہٕ ڈکس دٕرٕ کھسِتھ کتھے۔ اَکھتے چھُ تس یکدم اَثر گژھان تہٕ سُہ
پھیران۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ کاشُر گُلریز منز۔ نوش لبہٕ یہ بوٗزِتھ تہٕ سخ خشم کھسان (سو چھے ظاہر تی کران
تہٕ تِتھِس موقعس پیٹھ چھُ یہ بڈ فطری عمل) تہٕ سو چھے بتنہٕ پاک بازی ہند لاف نون لفظن منز
دِوان ؎

ژکھ ہُنز یورٕ دوٗہس چھا یہ شایان | ژے تے منے دوٗستی دوہ نی وازٕ پایان
نہ زانِن کانہہ نہ زونمُ کانہہ منے از تام | ژٕ کوٗ ہُنز چھک کران ناحق منے بدنام
بہ پرٕ دیتھ دوہس تامتھ منے چھم ناو | چھُنہٕ لوٗ نگمُت منے یادن لنجہ زانہہ واد
کتھو چانو کرُس غمگین و دل تنگ | موٗہٕ ژھم شیشہٕ لوٗیتھ آینس سنگ
رواچھا یہ اَپز تو سمنہ منے اَتی ژھم | زہر بڈ سُنہٕ اَکھ زن وآلنجہٕ ژھنی ژھم

امہٕ رنگہٕ بیلہٕ نازٕ مستہٕ ناکامی گیہٕ، سو چھے نوش لبہٕ بتنہٕ ژوہ لہٕ رام کران۔ سو چھے تس
وَنان زٕ امی کیاہ کیاہ کوٗر میانہٕ خاطرٕ۔ امہٕ ستی چھُ نوش لبہٕ تہٕ اقرارک واریوان۔

مفصل تمی سُندے تمہٕ حال وٗ ونم | سُہ غار تھ لوٗزی تھے میٖنہٕ حال اوٗ ونم

لوٗبِ منٛز باگ لوٗکچ پاٹھی رٔچھرٕ بن     مےٚ سیٚٹھہ یمی یوٗت غارتھ کوٗرُس وٕچھرٕ بن

مقبولن یمہٕ آیہ یہ واقعہ وۄنمُت چھُ، سُہ چھُ زنانہٕ ہنٛدس فطرتس زیادٕ نکھہٕ۔ یوٚسہٕ گوڈٕ گوڈٕ عشقُک اقرار پننہٕ جگری ویٚسہ نشہٕ تہٕ پتھ چھےٚ نازوانداز ہاوِنہٕ پتےٚ کران۔

بٔنیس جایہ چھُ فارسی مثنوی منٛز عفریتہٕ ہنٛدِ نازمستہٕ ٹلنک سرِ یہ باوتہٕ آمُت رٚنیلیہ سوٚ وٕلسن زٕہ نزن ستۍ گنٛدان آسی، عفریتس ییٚنہ نظرٕ سُہ گوو تُس عاشق تہٕ اوّے کنہٕ اَتھ اُنِن تِمتھ۔ مثنوی ہنٛز متعلقہٕ چھل چھےٚ یہ ع

" وقتی باد ختری چند ہم جنس وہم عہد ویک منزل ویک مہد درباغِ نشاط میگردیم وانجمن مے پیمودم، عفریت کہ ایں قصر مقام اوست واین خانہ بنامِ او بدان طرف میگذشت۔ نظر او برمن اُفتاد دلش کہ خستہ ناوک بلا باد، شیفتہ روئے من شُد۔ وجانش کہ محبوسِ کلبۂ عنا بادلبستہ موئے من گشت از ہوا فرد جنبید ومرا برگرفت "

مگر مقبول شاہ خبر کیاز چھُنہٕ عفریتہٕ سنٛد نازمستہٕ عاشق گرٹھنک ذکرے کران تہٕ بیٚلہٕ سُہ تُس تِمتھ اَنان چھُ، تمِتن چھُ یہ کنہٕ وجہ بغارے یوٚہے کُنھ تام ہیوٚ باسان ع۔

بٔہارِی اوس تمُت سازوسوزے     گنٛدان آسس کنیزن ستۍ روزے

گنٛداں آسہ، اوس کوٗرمُت گرم بازار     وٕلسن اندر یہ آسس زٕٹھ تہٕ سرادار

بناگاہ یادِ گوو عفریت بدبخت     موٗلِ اوُم مےٚ کوٗنڈمُت زیور و رخت

بہ تجنس از زمین اَنی نس وُچھائی     ڈیٚتھ آو از ہوائے آسمانی

خبر چھُنہٕ میانہٕ حالچ محلہ خانس     بیک دم واتناوُنس پتھ مکانس

یرو ہنہٕ کُن چھُ نازمستہٕ دیو سنٛدن ارادن کُن ترینہٕ ؤنی دِژمُت۔ مگر کتھ چھِنہٕ گیٚنہٕ نیران ع

مِنت تھوٚوم جدن بیٚٹھ نمی خدایَن     زبردستی نیٚنہٕ رٹھنس خدایَن

ضیائی نخشبی سنز "گل ریز" متعلق چھے کشیر منز عام غلط فہمی زِ یہ چھے مقبول شاہنہ ترجمہ کھوتہ کم تر۔ اتھ چھنہ کانہہ شک زِ مقبولن چھُ کینژن شاین پننہ طبٔی تیک کمال ہوو مُت تہ درجن زٕ درجن شار چھہِ تیتھی یمن ہُند نہ نخشبیس نسخہ جوابے چھُ۔ مگر نخشبی سنزن ادبی حوبین لنشہ اُچھ وٹنی چھنہ انصاف۔ یِمہ مُصنفن مقبولس لوٗت جان شاہکار مُیسر کوٗر تِمس غلط نگس منز پیش کرنہٕ ستِی ہُرِ نہ سانین ادبی رلوایژن کینہہ حقیقتھ چھے یہ زِ نخشبی سُند اندازِ بیان چھُ اکثر جاین بڈ دل نشین۔ یِیلہ سُہ نظمس منز قصہ بروہہ پکناوان چھُ، تمہ وِز چھُ تمی سنزن شاعرانہ صلاحیتن ہُند پے لگان۔ سُہ چھُ سبوٗد ساد، شیرٔنیا تہ صاف تہ بیِیہ ٹہر تہ روان زبانی منز بڈ لطیف اندازس منز گہر افشانی کران۔ تفصیلی مقابلک زیچھر اوٗک طرف ترٲوِتھ ہرگاہ اَسی بیٹھی بیٹھ تہ سام ہیمو، یِمہ خوٗبی چھے پانے نظرِ گژھان۔ عجب ملی کنہ زبانی ازغنون سازٕ نی نوم شعرنی توکھ۔ یِمن ہنز روانی تہ شگفتگی چھے دِلس فرحت واتناوان ع

نسیم یارے آید ازیں سو  مرا سرمست خواہد کرد ایں بو
چہ بو دست این کہ ہوشم بُرد یک پے  چہ جام است ایں کہ مستم کرد بے مے
مگر مشکیں مویش نافہ بکُشاد!  وگرنہ ایں چنیں بو از کجا داد؟
مگر ہر سو سمن زار است امروز  کہ عالم را چنیں بینم چو نوروز
مگر بُردند از دُنیا ہمہ غم  کہ عالم ذوق دیگر دارد ایں دم
مگر روئے زمیں شُد آسمانی  کہ از بے داد نیست ایں جانستانی
مگر بادِ صبا فراشِ باغ است  کہ مارا بوئے جاناں در دماغ است
دِلم ایں بوئے دلکش مے شناسد  خوش آمد، خوش قوی خوش مے شناسد
چمن رنگ روخ دِلدار دارد  جہاں امروز بوئے یار دارد
کجائی۔ اے گلِ گلزار یاری  بیا آخر کجائی، در چہ کاری
ترا وقت است بامن عہد بستن  نہ ایں ساعت پس پردہ نشستن

یِمہٕ وِز باغس منز نوش لب عجب ٹلکس گوڈ گوڈ نکار کران چھےٚ۔ تمہٕ وِزِ چھُ تخشبی سُند قلم یِمہٕ آیہ گویا سپدان تہٕ امہٕ کین کینژن شعرن ہُند چھُ مقبوٗل شاہن بلبکل لفظی ترجمہ کوٗرمُت تہٕ یِم شعر چھِ "گلریز" ہِندِ بن سارےٚ کھوتہٕ مقبوٗل شعرن منز گنزرنہٕ یِوان ؎

| | |
|---|---|
| تُرا سودائے من در سر چہ اُفتاد | ازیں سودائے بےحاصل مبر باد |
| کہ دیدار غیر جنس خود وفایی | چہ راحت کاہ را از کہربائی |
| گرفتم آہن از دندہ بریزد | زمقناطیس سنگی خود چہ خیزد |
| میز سودائے وصلم راہِ خود گیر | تو در مُلکِ وصالم کے شوی میر |
| اگر عمرے با اُمیدم نشینی | ز شاخِ وصلِ من برگے نہ چینی |
| مگو با من حدیثِ خویش بگذر | نگیرد آتش اندر ہیزمِ تر |
| چہ انگیزی تو از کوے بلا گرد | نکو بد ہیچ عاقل آہنِ سرد |
| درختِ عصمتم نخلِ بلند است | نہ وقتے خس از و برگے فگند است |
| محال است این کہ کس از دورِ ایّام | ز شہد وصلِ من شیرین کند کام |
| منم فارغ ز ہر گفت و شنیدی | ندیدہ قفلِ من ہرگز کلیدی |

یُس رچھُ یہ زِ تخشبین چھےٚ یہ مثنوی تمہٕ وِزِ لیچھمِژ یِلہٕ زن ایرانی تمدن دُنیاوی جاہ تہٕ مادی پایہٕ رچاوِتھ ہندس چھوٗرِتھ اوس آمُت تہٕ اتھ اوس فراغتھ تہٕ فارغ البالی ہُند خمار پھیپان۔ یتھس ترقی یافتہٕ تہٕ بالغ تمدنس منز تخشبی سنز فنی لحاظہ مکمل تہٕ مرصع مثنوی پاہ گژھنی اُس قدرتی کتھ۔ اتھ ساری سےٚ مثنوی منز چھُ تمی سند زمانکہ تہہ دار ذوقِ جمال تہٕ پوختہ علمی شعور وِزِ وِزِ نایان۔ مثلاً یِمہٕ وِزِ عجب ملک ناز مستہ پننُ حال باوُن ہیوان چھُ، سُہ چھُ ابتدا، یِمہٕ طرزٕ کِنۍ کران بہ

"قصۂ من چوں گیسوے ماہ رویانِ طویل و دراز است و چوں طرۂ مشکبویانِ پُر نشیب و فراز . . . . . . . . . ."

حالانکہ مقبول شاہ چھُ یہِ کتھ پننہِ سماجہ کہِ شعوٗری سطحہ حسابہ یِمہٕ عنوانہٕ وَنان ع
دوٗلیُس تمہِ ملکِ ترکستانہٕ کۍ چھِس    تمۍ ملکٕک ملکہ زاد بہٕ اوٗسس
اَکس جایہِ چھُ عجب ملکہٕ تمہِ ناو، یوٚسہٕ دٕری یاوِ سفرس منٛز تس سوارِ آسِ یتھ اندازس
منز ذِکر کران ع

"کشتی کہ با قوسِ قزح سرافرازی میکرد و با ابروے دلبراں طنازی مینمود ۔"

اَتھ چھِ چھُ ناوِ منز عجب ملکہٕ دِلکہ حال بیان کرِتھ لیکھان :

" نہ روز از رفتن آسودند و نہ شب    از رحلت مے غنودند چشم
زاہدان صفت بیماری گرفتہ و دلہا چوں چشم شاہدان رسم خونخواری گزیدہ ۔"

یِم ناوِ جار چھینہٕ کانٛہہ مثنوی منز نظرے گژھان ۔

یتھ کنۍ زَن نخشبی سنٛز مثنوی تمہِ ستہِ پیچ دار عاشق پسندہ تہٕ باثروت سماجہ چہ ترتیبہٕ ہوٚمراوان چھےٚ تھےٚ کنۍ چھےٚ مقبولنۍ مثنوی تمہِ سندِ بنیہ نسبتاً کم ترقی یافتہٕ، نادار تہٕ بےٚ لماہ سماجہ کین سیدین سادن معیارن پیٹھ پوٚرہ وسان ۔ یہِ کتھ چھےٚ مقبول سنٛز حقیقت پسندی ہنٛز دلیل زِ اَکس کاسب ہونرمند سندی پاٹھۍ گوو نہٕ سُہ نخشبی سندین پرزلوٚین آرائیشی سامانن خام طمع تہٕ تمۍ ژور تیوٚتے لیُس تمہِ سندِ سماجہ کس مزازس وۍ یہِ دوٚن اوس تہٕ یِمہٕ ستۍ تہٕ اَمہِ چین اَچھن غار ضروٗری پرٛدِ بنیہ ہن ۔ مگر یِمن حدن منز روٚزِتھ تہٕ دیت تمۍ سانٛس صوٗفیانہٕ مزازس سہ ماری موٚند توجہ، یِمہٕ ستۍ سانٛی جمالیاتی معیار تھدی پیدی ۔

یِمن دون مثنوین ہند تقابلی مطالعہ کرن ورِزِ چھےٚ بنیہ کینہہ دلچسپ کتھ نظر تل وو تلان ۔ مقبولن چھُ مثنوی ہندین واقاتن ہنٛز ہانکل زٔٹے ورٲے کینٛژن کتھن بنیہ جایہِ رنگ کھورمُت تہٕ کینٛژن جاین چھُ سُہ نخشبیس پتہ گومُت، عموماً چھُ سُہ جذبات نگاری منز نخشبیس بازی تاران ۔ تہٕ کیازِ اتھ چھےٚ مشاہدچ وُسعت یا سفرچ ضروٗرتھ ۔ جذبہ چھُ آفاقی نوعیت تھاوان تہٕ شاعرانہٕ کمالس ستۍ رِشتہٕ جوڑِتھ ۔ مثلاً یَلہِ زَن عجب ملک تہٕ تمۍ سندی شگی دٕری یاوسا

منز۔ وآتھ طوٗفانس منز گرفتار گژھان چھِ۔ تمہِ وزِ چھُ نخشبی سُند اندازِ بیان بے انتہا زوردار باسان تہٕ تمۍ چھُ طوٗفانُک تفصیل بڈٕ طاقت ورتہٕ بلیغ اِشارو سٍتۍ تحریر کورمُت۔ اَیمِک وجہ ہیکہِ یہِ آسِتھ زِ تس آسہِ ہے سمندری سفرُک پانس براہِ راست تجربہ۔ اَیمِک اکھ اقتباس چھُ یہِ ع

"عجب ملک دریں گفتگو و جستجو بوُد کہ صرصرِ تُند خیز درا ستہوا در آمد۔ وخیلِ ریاح بر دریاے تاختن کشیدہ۔ بادی نجاست بادی۔ چگوُنہ بادی اِتند خیز۔ گرد انگیز۔ ہوا گر درگیتی نورد۔ روندہٕ بے جان ..... پیک تیز رو وسفیر سُبک رو۔ شحنٔہ فرزان نقیبانِ فضا ہوا را در حرکت آوردند...
ہر بار موج آنچنان گنبد میگرد کہ بہ گنبد گردوں میرسید تیغ برق از قرابِ سحاب بکشید، وآتشِ صاعقہ از کورۂ اثیر بدمید۔ گردوں پیلاں عماری بدوانید۔ ورعد دُھلِ جنگی بجنبانید۔ ہوا سنگِ ژالہ در منجنیق ابر بہ نہادہ ..... اہلِ دریا نیز اسباب محاربت بساختند۔ نہنگ نیمچہ بکشید...
ماہی جوشن پوشید۔ دُرّ از حقّہ دان بیرون آمد۔ وگوہر خود نموُدن گرفت ...
موج درمیدان دویدن گرفت۔"

مقبولِ شاہس ہیوٗ مریض انسان، یُس نہٕ ظاہراکہِ لٹہِ تہٕ ناوِ منز بیوٗٹھمُت آسہِ ہے، چھُ اتھ ساری ہے نیا لس یتھہِ آیہِ لیکھُت دِوان

پے متی فکرن یمَن تمِ آسی ووٚتھ داو
زِ دریا موج دیت آبن پھٹِھ ناو

مگر یوٗت کرِتھ ہیچ نہٕ نخشبی ہسنز مثنوی فارسی اَدبس منز سُہ مقام حاصل کرِتھ یُس مقبولنہِ کتابہِ کاشرس منز اَتھ آو۔ اَتھ منز چھُ نخشبیس راہ کھالنہٕ بدلہٕ فارسی اَدبچہِ اُمیری ہیٚتھ نظرکرنٕ ضروری۔ یتھ اَدبس منز فردوسی، سعدی، حافظ، خیام، روٗمی تہٕ جامی ہوی صاحبِ کمال آسن وُتھی تہٕ تھ منز کیاہ اَس نخشبی ہسنز باتھ۔ مگر مقبولن چھُ سانِس چھِنس تہٕ چھِتس ادبس "گل ریز" سٍتۍ شوب

اُنمٕژ۔ اَتھ منز اوس سانہٕ ادبچ تہِ داماَنی تہٕ دَخل۔

مقبوٗل صابنہٕ "گل ریز" ہندی یِم مقام کاشرِ شنٛتھ گامتی چھِ۔ تِمن منز چھُ تِمی ہنٛد پَننہٕ کمالک حصہٕ۔ مثلاً نوش لبہٕ ہنٛد سراپا چھُ اصل کتابہٕ منز صرف نومن لفظن منز بیان کرنہٕ آمُت ع

" اِمروز در ملکِ دُنیا خطبۂ زیبائی وسکۂ رعنائی بنامِ نوش لب است

اگر در شش جہاتِ کون ایدوست

کسے را خوب بتواں گفت کان اوست

صورتیست کہ نقاشِ قدرت در نقش خانۂ روزگار صورتے بہ ازو نکشیدہ و نقشے است کہ نقشبند قضا در نگار خانہ اُو وار نقشے خوب تراز دندیدہ۔

ہر کسے از عشقِ او دیوانہ شُد  عالمے را کرد مجنون نوش لب

تاجہاں بود است وقتے کس ندید  در لطافت دِلبر چوں نوش لب"

مگر مقبوٗلن چھُ شُستہٕ تہٕ بے مثال شعرن منز یہِ تصویر بناومٕژ تہٕ اَمیک نظیر چھُنہٕ وُنہٕ کانٛسہِ اَدبس منز درینٛھی یوان۔

بانگ ذکرتہٕ چھُ اصل کتابہٕ منز موٗ خصر مگر مقبوٗلن چھِ تتھ واریاہ گُل کاری کرمٕژ تہٕ سائنس پزائنس ادبس منز (مہجورس تام) چھُ یہِ منظر نگاری ہُند نہایت مکمل نموٗنہٕ۔ یِمن جاین چھِ مقبوٗلن اصل مثنوی کھوتہٕ واریاہ قدم برونہہ تراوی متی۔ مگر میانہٕ خیالہٕ چھُ تِمی ہُند سارؤے کھوتہٕ زیادٕ کمالِ جذباتِ نگاری منز نَنان۔

عجب ملک تہٕ نوش لب چھِ باغس منز راز ونیازس منز آوری۔ عجب ملک چھُ کم کم اندازِ بیان ورتاوتھ نوش لبہٕ مایل کرنچ کوشش کران۔ مگر تسُند جواب چھُ اکہ طرفہٕ اَکس اَنہٕ زی تہٕ ہنٛد حیا چکی تہٕ مند چھِ ہنٛد ترجمان مگر دوٚیمہ طرفہٕ چھےٚ شوقہٕ کس کنگس تہٕ زیادٕ تیز راوان۔ یِمن شعرن منز

---

۱؎ اَتھ پہلوہس پیٹھ چھُ آزادن "کشیری زبان اور شاعری" ترٛیمس حصس منز تفصیلہٕ سان گفتگو

چھِنہٕ فارسی لفظن ہنز زیادتی کھران ۔ بلکہ چھہٕ خٲلِص کٲشرۍ لفظہٕ تہٕ فارسی لفظ کوٗمالہِ ہندۍ پاٹھۍ رنگارنگ مگر موزوٗن باسان ۔

خیالِ وصلِ من دوٚیمِس عبث چھُے — یِمن ژٕے آدمی ہم جنس بَس چھُے

چھُ لازم پزِتھ اَکِس ہم جنس ژھارُن — کَرُن ہر گوٚ یہٕ شوہبِس مٲل تَس کُن

ژٕے ژھارُن چھُے یِمن ہم جنس شایان — مےٚ ہِتھن آشنایی کر چھُ امکان

شلہِ چھُم روٗد چھیتھ چھُس پاکدامن — مُلے بوزے نہٕ یوٚد دِکھ جاکھ جامَن

ژٕے میونے وصل سینی نہٕ میسر — ہیٚی مانار زانہہ در ہیٚزم ترَ

زِمہرِ من ژٕتلُ یکبارگی دِل — ترُمن شیٚیستر گرمن چھُنہٕ کارِ عاقل

پٕلیٚ کِتھ چھےَ بہٕ چھُس کھوژان پامن — مےٚ چھُے نازانہہ گوٚمُت آلوٗدِ دامَن

دُرِ عصمت مےٚ چھُم ناسُفتہ از تام — مےٚ لِنشہِ تا حال تُلمُت کٲنسہِ چھُنہٕ کام

غرض دلوٗ آسہِ ہی کَرِ مکھ مےٚ بدنام — یِموٚ چیزوٚ بہٕ نوٗ اصلا گژھے رام

چھُسے ماجانور نادیدہ تے خام — بصد حیلہ ژٕ کرِ ہیمہ لِبستہٕ دردام

ژٕ چھُک ناحق کراں پانس صفائی — گژھی نوٗ زانہہ مےٚ لِنشہِ حاجت وٲئی

مےٚ لِنشہِ مطلب ژٕے نیٚری نوٗ مُلےٚ زاہ — دِمے نوٗ وَتھ یِمے نوٗ زانہہ تہٕ ہمراہ

یِمن شعرن منز چھُ جنسی جذبُک ترَژرینِس لطیف رنگس منز ۔ مگر مقبوٗلن چھُنہٕ کنہِ جایہِ حدٕ کڈمُژ ۔ یہِ نوٗزکہ مرحلہ چھُ فن کارہٕ سندِ خاطرٕ بڈٕ اَوٗلِ تہٕ مقبوٗل چھُ اَتھ کُلِ صُلاتس خوش پاٹھۍ توٗرمُت ۔ یِم شعر چھِ صحت مند جمالیاتی احساسَس تسکین بخشان ۔ مگر فحاشی چھِنہٕ بنان تہٕ توے چھِ یِم کٲشرِ گرن منز ہیکان پرِنہٕ یِتھ ۔ یِیتھن گرَکی ساری باژ لوٗکی بڈۍ، نوٗشہِ کورِ سمِتھ آسان چھِنے ۔

مقبوٗل صابَن چھُ سماجی قدرن ہُند یہِ احترام سارنے جاین نظرِ تَل تھوٚومُت تہٕ حُسن کٲری ہندِن تقاضن کھۍ لاگِتھ وراۓ چھُ تِمۍ بڈٕ جان تہٕ زبر اندازس منز یِمن قدرن ہُند

دامن رٕو چھُمُت ۔ مے چھ باسان زِ مقبولنِہ مقبولیتُک اکھ سبب چھُ یِہ تہِ زِ تمۍ چھُ پننین ہم وطنن ہُند جمالیاتی احساس تہٕندین سماجی قدرن سیتۍ ہم آہنگ کوٚرمُت تہٕ پرن وول چھُ لولہِ سیتاہ کر نغمہٕ پننین سماجی ذِمہٕ دارین پیٹھ حرف زنی ورائے ہیکان بوٗزِتھ ۔ اتھ سِلسلس منٛز چھےٚ سو مثال پیش کرنس لایق، ییٚتین زن نوش لب عجب ڈٔکس وصالہٕ خاطرٕ نکہ جُک شرط تھاوان چھےٚ ۔ مگر یتھ مثالہِ جواب چھُنہٕ تہٕ ییٚتین تمۍ سماجی قدرن ماجہ ہندین آفاقی احساسات سیتۍ اٚڈرن کرِتھ اعلیٰ ادبُک نموٗنہٕ پیش کوٚرمُت چھُ ۔ سُہ گوو تمہِ وزیلہِ زن نوش لبہٕ ہنٛز موج کورِ وہ پرم دِ ہندِس وٕچھس سیتۍ وٕچھ ملہٕ ناوِتھ شونگِتھ پھٚٹے وُچھان تہٕ نازمستہِ یمِن خاٮ۪ص کاشرِ ین لفظن تہٕ اندازس منٛز ملامت کران چھِ ۔ ع

یوٚہے چھا رسم و آیینِ اصالت
شرم دارن ژٕ نۍ پاوِتھ یِژھ خجالت

خجالژٕ ٹونگہٕ ٹوٚکھ دِتِتھم جبینس
پھُٹم شیشہٕ لجم کنٛز آب گیٖنس

عداوِتھ ییٚتھ کمینک اوُسےٚ ژٕ نۍ سونۍ
کرِتھ رسوائے عالم کوٚرِی میاٚنی

بدی مازاہ نہٕ کرِے اُسہِ کرِتہٕ اثبات
کرِے نیکی ژٕ نۍ بد ہوٚرُتھ مکافات

زنجتِ وازِگوں میٛہرس قہرِ گوم
ٹیٛٹھ وینہٕ شکرس مانچھس زہر گوم

ژٕ نۍ چھُے نہٕ کانہٕ خطا، راہ چھُم منٛے پانس
ہٕتر لاگِتھ شٔتر آسکھ منٛے کرٕزوون

منٛے در دل حسنِ ظنوٗن اوُسم سیٹھاہ چھوٗن
متر لاگِتھ شٔتر آسکھ منٛے کرزوون

کیٛتُک اوٗنمُت جوانا خیرہ سر چھےٚ
ملوٗمُت شورِ تے نارِ بسر چھےٚ!

یِہ فتنہٕ ظاہرا برپا کوٚرتھ ژٕ نۍ
دِتِتھ سگ کنٛڈی کلُس سعیہِ گوڈ بوٚرتھ ژٕ نۍ

پھِبس تے تیز نارس ژٕ نۍ کوٚرُتھ مثُل
یہِ چاٚنی باعثہٕ ییٚتھ مطلبس پیٹھُل

مگر "گُل ریز" ہُند کلایمکس تہٕ مقبولہٕ ہِند فنکاری ہُند ساروٕے کھوٚتہٕ شاندار نموٗنہٕ چھُ عجب ڈٔکنس فِراقس منٛز نوش لبہٕ ہندی دردِ ویداکھ ۔ یِہ حصہٕ چھُ پزی پاٹھۍ مقبولنِہ آرٹُک ساروٕے کھوٚتہٕ تھوٚد نقطہ ۔ اصل "گُل ریز" منٛز چھےٚ یِہ بناوٹی تہٕ بےتاثیر باسان ، ہتکیاز

نخشبی سُند لذت پرست تہٕ مادی طور خوش حال سماج ہیکہٕ ہے نہٕ اَمہِ قصکۍ خاکس پٔرزِ، وُشنہٕ تہٕ پُرخلوص جذباتھ پادٕ کٔرِتھ۔ اَتھ منز چھےٚ دردِ مقبولچ وآرِنجہٕ سُنتھ گرٕژھن واجنی لے۔ یِمہٕ وزِ یہِ درد وِداکھ کاغذکین بے جان صفن پیٹھ نظرن تَل یِوان چھُ، لفظ چھِ نرُٚن ہیوان تہٕ ماحولس منز چھِ سوز و گداز کہِ ستار کہِ نغمہٕ ووتلان۔ تاثیر چھُ دلہٕ چہ برَنہٕ دُبرارَے کران تہٕ جسمن منز چھُ اثر پذیری ہُند شرپہٕ ہیکھ دِوان۔ یِمن اَرٕہانٕژن شعرن منز چھُ مقبولن کاشُر زنانہٕ ہُند سُہ سوزٕرے دوکھ شرٕ وپرو وُمت یُس تس زنمہٕ زنمہٕ پیٹھ تُلان ووت۔ یِمن شعرن منز چھےٚ تمہِ لافانی جذبہٕ ہِچ مجتح گرٕلے لیُنہٕ زنہے بی چھُ گرژھان۔ ہتھ وٕری پیٹھٕ آسہِ گوٚمُت یہِ لولہٕ وِداکھ لیکھی میتس۔ اَتھ وقتس منز چھُ یہِ لچھ بدبو اِنسانو پوٚرمُت۔ تہندین دِلن منز عشقُک دود بیدار کرنس ستی ستی چھُ اُمی تہندین لولہٕ چھوکن شفاتہٕ بخشمُت۔ تِمن دلاسٲیی تہٕ کرٕمژ۔ تھدِ آرٕژک مقامے چھُ یِی زِ یہِ چھُ زخمن کرٕ ٲلی تُلنس ستی ستی چھوکن انگ تہٕ اَنان۔ غالبن یہِ یتھ شعرس منز عشقس متعلق ووٚنمُت چھُ، سُہ چھُ تھدِس عشقہٕ آرٕژس متعلق تہٕ صحی ع

عشق سے طبیعت نے زلیست کا مزا پایا     درد کی دوا پائی، درد لا دوا پایا

اَوے کنہِ چھُ یہِ وُنہٕ تہٕ سادٕ روار تہٕ حسین۔ ساسہٕ بدلہٕ لوٚزِتھ تہٕ چھُنہٕ تسلی یِوان یِمہٕ یِمہٕ وزِ یہِ دل گُداز لے کنہٕ منز یِوان چھےٚ دلس چھُ ژٔس گرٕژھان۔

اَمہِ وِداکھ کہٕ حُسنُک تہٕ مقبولہ ہند تخلیقی جوہرُک انداز کرنہٕ خاطر چھُ ضروری زِ اصل مثنوی منز متعلقہٕ اقتباسس ستی گرٕژھِ اَتھ مقابلہٕ کرنہٕ یُن۔ اَتھ جایہِ چھُ سرٕ تَل تہٕ پاسہٕ سونُک فرق صاف ننان تہٕ باسان زِ انسانی جذباتن پیٹھ کوتاہ عبور اوس مقبولس، تمی سندِس اَتھ حصس منز چھُ مواد کس ستی ستی زبانی ہُند لہجہ، تشبیہن ہنز آرائش تہٕ جذباتن ہُند ساز تیوٗتاہ ہم آہنگ گوٚمُت زِ سُہ چھُ بالکل اَکس فراقہٕ ستی گٔمژ بالہٕ ہُند وِداکھ باسان۔

اصل مثنوی منز چھُ اَتھ مقامس پیٹھ یِمہِ انداز نخشبی سُند قلم لیکان ع

"چوں حکم خالق اصباح و رازق اشباح دیباچہ لیل داج بغضے زریں

زریں آفتاب بہ نہادو از مادر شب بچۂ رومی روز بزاد۔ من از خواب بیدار شدم۔ خود را در خانۂ خود دیدم۔ نہ از عجب ملک و آنجا خبرے دنہ از آں انجمن بدآنجا اثرے۔

ابداً اتردد ما ھبتِ اللّٰہ نیا          نیالیت جودھا کان انجالا

آتش اشتیاق در کانون سینۂ من شعلہ زد و افتراقِ فراق در کورہ بطانۂ من زبانہ گرفت۔ خود را دیدم ہمائے سعادت از سر بختِ من پریدہ و شہبازِ کرامت از ساعدِ وقتِ من رسیدہ۔ بوم خذلان پر و بال کشادہ و غراب آواز درداد و عقل کہ سلطان، ولایت عاقبت اندیشی است از مصاحبت من دامن افشاندہ و صبر کہ شہوارِ کارفرمائت۔ آیتِ ھٰذا افراقُ بینی و بینک بر زبان راندہ۔

من بادہ دریں درد کہ باری دانم          کاں بردن و آوردن از بہر چہ بُود

با خود گفتم یارب آں عشرتِ دوشِ من خواب بود یا براسی وصال و آں بہجت ذی صواب بو یا براستی زِکال۔

ذِکرت بہ وصلاً لم اقربہا          وعیشاً کانی کُنت اقطع واثبا

من شربت مسموم قرابت تجرع میکردم و بر فوت آں وصال دریغ میخوردم من لم تسیطع الامر فاتت لجلسا و لبصد ھزار تفرع و زاری و قلق و بے قرار میگفتم۔

اے فلک ایں شور چہ انگیختی          خون منِ زار چرا ریختی
ناوکِ اندوہ بجانم زدی          آتش صد غصہ روانم زدی
چہرۂ مقصود نمودن چہ بُود          چونکہ نمودیش ربودن چہ بود
بر سرِ چہ بردیم از عزّو ناز          تشنہ فرستادیم از چاہ باز

زندہ ایں دردِ نہاں چُوں شود　　سینۂ سنگ از غمِ من خوں شود

قامتم از بارِ جُدائی خمید　　ایں چہ بلا بُود کہ ناگہ رسید

بر چہ لحظہ عمر بپایان برم　　شربتِ مسموم چگونہ خورم

شکلِ من از دست کہ آرد پدید　　محنتِ ہجراں کہ تواند کشید

رفت چُوں جاناں من اکنوں زپیش　　جانِ منم بود کہ ماندست پیش

یہ سورُے کوتاہ نقلی پتہ بے زُو چھُ باسان۔ اَتھ منز چھُ صنعت گری ہُندزاد جار نہ سجاوٕٹھ مگر جذبہٕ تمبر چھس نہ۔ یوسہٕ جگرس پارچہ کرِتھ رُوحس زُل چھِ کران۔ یوسہٕ رُمس رُمس تلیتھ لوٗس اُچھ مُشراوان چھُ۔ نوش لبہٕ منز یہ دردِ کریتھ چھےٚ تاثیرِ حَنٛ چشمن ژالہِ ژالہِ اوٚش ترٛاوِنہٕ وٕزنی عطا کران۔ سورُے وِبداکھ ییٚتھن نقل کرُن گژھِ زلیوٕٹھ۔ مگر نوم شعرہٕ وچھو کیاہ تیٚہہ چھ تھاوان عا

صُبح پھوٚل بُلبُلو تُلُ شور و غوغا　　گیٚس بیدار مژرِ یم چشم شہلا

خبر آہم بہ چھس دربر نگارس　　مقرّر گوٚب چھےٚ پیٚتی نیندر بہارس

نہ ڈیوٕٹھم یارِ نے گلزارِ نے باغ　　نہ راتھک عاشقَ الابر جگر داغ

ہیٚم وٕنی دِ نگارس گلعذارس　　پیس وبیشس یمیٚنس تےٚ پیارس

بجاۓ گل منےٚ سینس خار مےٚ ڈیوٕٹھُم　　ہیوٚتم ژھانڈُن خزانہٕ مار ڈیوٕٹھُم

دپان آسس دِلس باچشم پُر آب　　سوٕ مجلس راتہٕ چی ما آسہٕ ہے خواب

مژار اوٚن تمٕ ترٛشر کوٚر تمِ بدنس　　وٕ دن آلو ہیتم دِ نی تس بدنس

ہوٚندر لاگِتھ نیٚندر پاٚوتھ ژوٚلہم　　فراقا للہٕ وٕن تھاوٚتھ ژوٚلہم

متو ژلتم متیو مژرا وتھس بو　　ییتو بنیہ سٕتھ گژھم سٕنٛر راوتھس بو

دُرہ پھلہِ میانہٕ کتھ گوشس رٹتھ جاے　　ژےٚ گوشن میون گوٚے ناترا وتھم مٕلے

خریدارو کمیوٚ بازارہ ژھانڈتھ　　مےٚ تاوٚن پوٚوتھم کمہٕ وانہٕ گار کتھ

ہرےٚ لیس آرہٕ وٚل گولاب بویو　　درٛہس مہتاب زن مہتاب رولیو

یِتوٚ ہا صُبحہٕ کے خوش بو یہِ واوو — نتو تَس گلعذارس میانہٕ گرٕ ادو

زِ گردِ راہ زِ دامن وٚنی زِ اول — یَس انگہٕ نٹہٕ نٹی گرٕ ھو زلِس بَرس تَل

اَدب زِ چھی تھے صداکرِی زلِسن حلق — خبر آہستہٕ وٚنی زلِس مُدرِ حلقہ

جفا اندیشہٕ کَس ترٕ آوِ تھ سُہ مظلوٗم — کوٗر تُھ کیاہ تھامہِ لاجِتھ پامہٕ معصوٗم

ژےٚ کرُتھ لیٚتر سِتی پرکالہٕ پانَس — ژٕ کوٚ لالہٕ پھوٚر ہم بالہٕ پانَس

شکستہٕ دل کرِتھ طناز و مغروٗر — سمن اندامہٕ بیٚنی برٕ تھَس بزنوٗر

ہتو واوو ژٕ کیاہ زانکھ منٛے کیاہ گوٚو — گمتہٕ چھم وانٛجے دَم گیرہ کی سرو

زھیتہٕ مشعل گیٚس یاوُن وَتِھ گوٗم — سو تے یٚس وٚدی وٚدی ستوٗرس زیتہٕ بیوٗم

یِنمبرزل تَس بوٗمبوٗرے رِنہِ مایہٕ وُجنَس — پھر یکہٕ وٚنی زٕر گر یکہٕ وُنہٕ تاوِ تجنَس

گژِس گژ کامہٕ دلیوٚنہٕ آمہٕ نے یَس — لوٗگم درموٗرِ لاوے آوِ سے یَس

کبابکی پاٹھی تجنَس گرم تاوے — اَڈ دزٕ ژٕ نی گیم سرموٗرِ لاوے

زِ تِھ کمی شترٕ نے لوٗگم مِترے — لَدِتھ طاسَس پٔیم طوسَس اُتھرے

رتھَس جانانہٕ ہے روٗستے لَسا بو — سُہ ترٕ آوِتھ غارٕ نے سِتِن لبابو

فارسی تہٕ کاشرِ اقتباسک مقابلہٕ چھُ ہاوان زِ تخشی کوتاہ یِتھ چھُ مقبوٗلن ترو مُت۔ پرٕ زر چھُ یی زامِ کِتھ ہندٕ ہو واقعاتو کھوتہٕ چھُ مقبوٗلنی آرٹن' جذباتِ نگاری، احساسِ جمالن تہٕ بٔہرِ ی حلقن کاشرِ ن جود کوٗر مُت۔ تمی چھُ سانین انتہأیی اوٚلین احساسن مضراب لوٗگمُت۔ تمی چھُ گوڈنچہِ لٹہِ جذبک وُ شنیر حُسنچ رنگینی تہٕ زبأنی ہندِ شہنجار سِتی یِتھ پُر خمارس تیار کوٗرمُت۔ یہِ اَڈرن چھےٚ سانین جذبن تسکین دِوان تہٕ اَسہِ جمالیأتی انبساط بخشان۔

"گلریز" ہیٚتھ چھُ اکھ اعتراض کرنہٕ یِوان زِ اَمچ زبان چھےٚ ضروٗرتہٕ کھوتہٕ زیادٕ فارسی آمیز۔ یہِ اعتراض چھُ واریاہس حدس تانی صحی۔ اُتھی آسی پاس چھےٚ ولی اللہ متوٗ "ہی مال" یِچھم یِتھ اَمہِ کھوتہٕ خأیص کأشر زبان چھےٚ۔ مگر مقبوٗل سٔنزن مجبوٗرین ہیٚتھ نظر تھاوِنہٕ چھےٚ ضروٗری

تِمہٕ وِزِ اوس فارسیس "چلے جاؤ" لوگمُت۔ تِمۍ آس اکھ فارسی کتھ یُہہ اُتھ مُشرٕ تہٕ اَتھ منز آس فارسی ماحول پیٚٹھ تہٕ استعارَن ہنز زیادتی ناگزیر۔ ولی اللہ مَس آس اکھ کاشُر کتھ تہٕ سوٚ ہیٚکہٕ ہے وارِیاہ لفظ کاشُرۍ اَنِتھ۔ مگر یوٚت کرِتھ چھِنے اکھ کتھ مقبول شاہس بچاوان، بُسہ چھُ فارسی لفظ 'بڈٕ ژارِ ژارِ' ورتاوان تہٕ عام طور چھِنہٕ تِم گوٚبِ باسان۔ حالانکہ محموٗد گامی، رسول میر شاہ آبادی، ناظم تہٕ حقانی چھِ اَتھ مقابلہٕ زیادٕ سَخ زبان استعمال کران۔ دوٚیُم کتھ چھِنے یہِ زِ "گل ریز" منز چھِنہٕ سلیس تہٕ صاف کاشرِ شعرَن ہُند تعداد کم کینہٕ تہٕ یم چھِ تِھِکۍ مَزٕ دار، ساد روار تہٕ بے پناہ زِ میر تقی میرَس ہندی "دُستہٕ نشتر" چھِ یاد پیوان۔ میانہِ خیالہٕ چھُ "گلریز" ہُند اصل زوٗ یمے تہٕ کاشِر اَدبَس منز خالِص کاشرِ شعرَن ہنز ہرگاہ کانہہ ژار کرِنہٕ ییہِ، یم شعر روزَن تِتھ منز پیٚٹھ کنہٕ۔ کینژن وُزملَن ہُند اَہار وُچھو ع

تھَہٕ ییوٚ وماجِ نِشہٕ زَن کاجِ کےٚ رَو

بَرِ تمِ چشمہٕ ڈیشِتھ گیہٕ ییٚمبرزل — ژٕلِتھ گےٚ ہَرِنہٕ ہانگل روٗدی جنگل

---

کھَسۍ وٚنی ٹوٗری زَن یا تازٕ انار — تمَن وُچھ وُچھ بلبَن کاٗتیاہ چھِ بیمار

---

وُدن زَن ترِشہٕ تاوے ژھٕٹہٕ دِوان اوس — شمع صوٗرتھ دزان گاہ گاہ ژھوٗبان اوس

---

مے عشقَن یارٕ ہندی پھوٗر نارٕ بوٗزُم — دوٗدُم دِل، سوٗر وارہٕ وارٕ کوٚرُم

---

یہِ کتھ اَسہِ آس نہٕ درگوش ژامُت — چھِنے کرِ یاژِس نِشہٕ گل موٚ کلے مُت

---

خُدا غم کاٗسنس اَسِن پھولہٕ وُن — سُہ چھو کھُبرِ آونس پیٚس چھُس ہلہٕ وُن

چھےَ بوتزلیشہِ ہوت بیھڑ ناگہ ادس    دِتم اکھ شر بتھاہ وہ نی وات دادس

---

ژےَ چھےَ ناکیہتہ خطا. راہ چُھم مےَ پاس    مےَ پلنےَ پژان ہلہ ؤم زعفرانس

---

پھمبس تےَ تیز نارس ژےَ کوزتھ مُیل

---

پرَن یادَن پیمے تھوتم ژہ لادَن    دِتم سر آلوے آلو ژہ نادَن

---

ژھپتہ مشعل گیس یادُن وپتہ گوم    سوتیس ڈدی ڈدی شورس زپتہ پیوم

---

کرنی ہیتھ بلبلن لادِن گلن کراو

---

ییمبرزل نس بوبرنہ مایہ ؤجنس    پھیرِ بکہ وونی ژر گرزبکہ وینہ تاوِ تجنس

---

پننی ہرنس پتہ لگی نس آے میونے

---

یہ دُختر مایہ ستی آیہ ژےَ کرمےَ    ایژ چھےَ نہ خدایس تھی بیترمےَ

---

چھنہ لوگمت مےَ یادَن لبنہ زاہ داد

•

## اُردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ

# تحقیقی تہٕ تنقیدی نظرس منز

پرُوفیسر حامدی کاشمیری

اردوٗ تہٕ کاشرِس افسانس منز پانہٕ وأنی کینژہو ہشر و کنہٕ ہیکہٕ یہنہٕ تقابلی مُطالعہٕ دلچسپ، معلوٗماتی تہٕ تحسین شناسانہٕ بنتھ، دہ نوٚے چھِ یتہٕ بروٚنہہ آسنہٕ باوجوٗد موجوٗدہ صدی منزے وجوٗدس آمتی، دہ نوٚے روٗدی اکس وقتس تام صنف افسانٕچ روایتی تکنیک یعنے پلاٹ، کردار واقعہٕ، فضا تہٕ مصنفہٕ سندِس نقطے نظرس لارِ، دہ شوٚ بنو و افسانہٕ سماجی کھسہٕ وسہٕ، غریبی، سیاسی غولامی، گامہٕ زندگی تہٕ انسانی نفسیات کہن مسلن ہُند ذریعہٕ اظہار یعنے افسانہٕ رُو دہ نونی زبانن منز سماجی مقصدس تابین، یمو ہشرو باوجوٗد روٗد اُردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ بروٚنٹھ پکنہٕ خاطرٕ پننی پننی یوٚن بیوٚن وتھ کاران تہٕ پننہٕ منزل بدٕ کڈان، یمہٕ حقیقژ باوجوٗد زِ کاشُر افسانہٕ بیوٗد تأریخی لحاظہٕ اردو افسانس پتہٕ تھٕ۔ پریم چندن لیوٗکھ گوڈنیک افسانہٕ ۱۹۰۵ء منز۔ یمہٕ زن کاشرِس منز گوڈنیک افسانہٕ لیوٗکھ سوم ناتھ زتشی ین ۱۹۵۰ءہس منز، کاشُر افسانہٕ یوٚدوے یتھ کالہٕ چیو ڈیلوٗ تہٕ مثنوی لوٗ (یمن ہنز کیشرِ منز کانہہ ورٕ تھے چھنہٕ) ہندٕ اثر نشہٕ موٚے بدوٗن چھُنہٕ، اما پوز یہ روٗد ننہ باٹھی انگریزی افسانہٕ نگارن ستی ستی زیادہٕ تہن اردوٗ

افسانہ نگارن پتہ پتہ پکان تہٕ خاص کرِتھ افسانک یُس انداز پریم چندن پانہٕ نوو تہٕ تمس
پتہٕ سعادت حسن منٹوَن ۔ بیدیَن تہٕ کرشن چندرن ورتووُ سُے بنیوو امہِ خاطرٕ ماڈل، امہِ پتہ کوٚر
یِموتوٚین افسانہ نگارَن یِم جدیدیتکِس دورس منز بارسس آے یِمہٕ اثر قبوٗل۔

لہٰذا ہیکہِ اُردو تہٕ کاشرِ افسانک تقابلی مُطالعہ دوشوٚنی ہندِ فنی تہٕ فکری رُوی یوٚ
تہٕ ارتقائی سفر موجوٗب وارِیہن سطحن پیٹھ کرنہٕ یِتھ ۔ یُس اکھ وسی تہٕ بسیار پاسِل موضوع چھُ تہٕ
یتھ یتھس موخصر وقتس منز احاطہ کرُن ممکن چھُنہٕ ، لہٰذا روٗز میانۍ کوٗشش یتھ کتھہِ دل دِنچ زِ
دوشوٚنی زبانن منز کتھ حدس تام چھُ افسانہٕ پننیٚ تخلیقی تقاضہٕ پوٗرٕ کران تہٕ امی ستۍ گژھ دوشوٚنی
زبانۍ ہندیٚن افسانن ہندِ تھزر کُ تعین، یہِ چھُ کیفیت لحاظ افسانہٕ مولناونک طریقہ بدٕ کڈن
تہٕ امی ستۍ گژھِ افسانُک تخلیقی وجوٗد منکشف ۔

افسانکی تخلیقی تقاضہٕ کیا چھ؟ یہِ کتھ چھےٚ مانٕنہٕ آمژ زِ افسانہٕ تہٕ چھُ شاعری ہندی
پاٹھۍ تخلیقی ادبک اکھ صنف تہٕ ییٚمہِ روٗد وق گذرنس ستۍ ستۍ فنی لحاظ صوٗرتھ بدلاوان تہٕ
وُسعت پارلبان ، چنانچہ یتھ پاٹھۍ شاعری لوکہِ باتن ہندِ منزلہِ منز نیرتھ زندگی تہٕ کائناتہٕ کس گاشر
وسعتس منز واتش کوڈ، تتھے کنۍ ووتھ افسانہٕ تہٕ پادشاہ ڈیلوٗ تہٕ پری یہ کتھو ہندِ سوتھرِ پیٹھٕ تھوٚد
تہٕ فکر وآگہی ہندی نوی جہات روٗد سر کران ، فاروقی سُند یہِ خیال زِ افسانک صنف چھُ شاعری
مقابلہ وُسی پایہ ۔ چھُ عالمی ادبس منز افسانہٕ کِس تخلیقی بجرس تہٕ رنگارنگی بر وہ نہٕ کنہٕ بے جواز بنیوٗمت،
یتھ کنۍ شاعری ہنز تخلیقی خصوٗصیتھ یہ چھےٚ زِ یہِ چھےٚ تخلیق کارسند وسیلہ زندگی ہندِین شعوٗری
تہٕ لاشعوٗری تجربن ہنز داخلی سوتھرس پیٹھ لسانی بازیافت کران یتھ کنۍ زِ امہِ کس تجربس تہٕ خارجی
زندگیہ ہندِین عام تہٕ ویدی واقعاتن تہٕ حالاتن ستۍ چھُنہٕ اکھ کانہہ واٹھ روزان، بلکہ چھُ اکھ نوو،
ازانۍ انکشافی تجربہ ووتلاوان ، یتھے کنۍ چھُ افسانس منز افسانہٕ نگار تہٕ نیبرِ مہ روٗٹمین تہٕ بے رنگ
دُنیاہ نشہٕ پتھ ہیتھ پانس اندر اژتھ پنن تخلیقی وجود سر کران ۔ یہ کام چھےٚ ژکہِ (بامے سو شاعری
آسہِ یا افسانہٕ) لسانی ورتاو ستۍ انداواتان ۔ یہِ چھُ تمن لفظن ہنز ژار تہٕ ورتاو یِم اندری ووتلنہٕ

واَلِس تجربس پیٹھ منطبق سپدن، یہ چھ پوز زِ شاعری تہٕ افسانہٕ دوٕنوے چھ پنٕنہ پنٕنہ بیوٗن بیوٗن لسانی ورتاوکی پابند، شاعر چھ بجرٕ تہٕ وزنُک خیال تھوِتھ کینہہ شاعرانہٕ ہتھیار مثلاً استعار، شبیہہ تہٕ علامژ استعمال کران، بیٚیہ چھ سُہ کمہٕ کھوتہٕ کم لفظ ورتاوِتھ یِمن ہُند تلازمی وُپھ وار بارسس انان، اَتھ برعکس چھ افسانہٕ نگار دلیل وٕ پٕنِس طریقس یعنے بیانیس کام ہیتھ مرصع زبانی نِشہٕ لوٗب ہیوان، بیانیس آویزٕ روزنہٕ موٗجوب چھ تمس کینژن تفصیلن تہٕ جزیاتن ہُند ہُر برِ بیوان کرُن مگر یہ چھنہٕ بہٕ گنڈ آسان، یہ چھ فضانگاری یا کردارن ہُند اندرُوٗن بدرکڈنہٕ خاطر لازمی بنان اما پوز اَمیُک مطلب چھنہٕ یہ زِ اختصار تہٕ اشارتی اندازُک شارس لازمی چھ افسانہٕ خاطر چھ کینہہ کم ضروری۔

اردوٗ تہٕ کاشرِس افسانس منز تخلیقی انہار بدرکڈنہٕ بروٚنہہ چھ یہ وَنُن ضروری زِ اُردوٗ کی تہٕ کاشرِ افسانہٕ نگار چھ گوڈنیتھے دوٕن غلط فہمین ہندی شکار روٗدی مِتی۔ اکھ یہ زِ افسانہٕ چھ سوٗنچِتھ سمجھِتھ یا زانِتھ ماٚنِتھ کُنہ سماجی مسلک یا سیاسی حالژٕ ہُند افسانوی اظہار یعنے افسانہٕ نگار چھ افسانہٕ لیکھنہٕ برونٹھ کانہہ خیال یا موضوع مثلن سماجی کھسہٕ وٕس یا پتہٕ کھور طبقن ہنز غریبی بنٕنس ذہنس منز داٚراوان تہٕ پتہٕ یہ موضوع افسانس منز پیش کرنہٕ خاطر کانہہ کردار گران یا واقعہ تھران، یتھ کُنہ چھ افسانہٕ نہٕ وانہٕ کُر تچہٕ شعوٗری کوشِشہٕ ہُند پابند گرِ شھان تہٕ یہ چھ سپدِ سیوٗد تجربکہٕ اندرِمہٕ تخلیقی وُتشہٕ یا تقاضہٕ نِشہٕ دوٗر ہیوان، ممکن چھ کینہہ جان افسانہٕ آسن یتھ کُنہ تہٕ لیکھنہٕ آمتی، مگر تہندِس آخری تجربس منز ہیکہٕ تہٕ فنکارسنز شخصیژ ہنز لاشعوٗری URGE نظرانداز کرنہٕ یتھ۔

دوٚیم غلط فہمی پھٹے افسانہٕ کہ فنی گُر تچہٕ یعنے تکنیکی نوعیتچ افسانہٕ خاطر شروعس منزے مغربی ادبہٕ منز یم اَمِکی لازمی عناصر مشخص کرنہٕ آے، تمن روٗدی افسانہٕ نگار اَچھ وٹِتھ ورتاوان اَمہ ستی روٗد افسانہٕ اَکِس ہانکلہٕ منز بند تہٕ تمی ہیوٚک نہٕ ڈٕھنی کھوٗری والِتھ کڈِتھ۔

اُردوٗ ہس منز آے لیکہٕ پاٹھی افسانہٕ نگار یمن غلط فہمین منز ہینہٕ تہٕ گرینتر روٗس افسانہٕ

گےٚ مٕکٕرۍ۔ پریم چندن تُل افسانہٕ نِگٲری دس تہٕ تَس پَتہٕ یِنہٕ وٲلۍ افسانہٕ نِگار دۆدۍ بے وایہٕ تِمو سٕندۍ
یاٹھٕ موضوعٲتی افسانہٕ لیکھان تہٕ سِتی رۆدۍ افسانہٕ کِہِن ترکیبی عناصرن ہُنز تکنیکہٕ زور تھَپ
کٔرِتھ، کردار نِگٲری یا پلاٹ سازی پیٹھ زور دِوان۔ نتیجہٕ دراو زِ یِمہٕ افسانہٕ دۆرۍ تخلیقی
عملہٕ نِشہٕ تہٕ صنعت گری آے بَمہٕ۔ یِہے وجہ چھُ زِ خود پریم چندنۍ اکثر افسانہٕ بنیہٕ تِمہٕ سٕندین خیالاتن
یا نظریَن ہِنٛزِ ترجمان تہٕ تِہٕنٛدٕ فنی گرُت بنیو میکانکی، بے رنگ تہٕ۔ بہٕ توٚت تہ یِتھ حدس تام زِ تِمہٕ سٕندیو
افسانو منز چھِ کُل زٕ ژور افسانہٕ یِمن منز "کفن" سرس چھُ گرٕ مِتۍ زولانہٕ پھُٹراوِتھ آزادی پراوان
تہٕ افسانہٕ کرِ فتح کیہٕ کٔنۍ بنان۔ یِمن منز چھُ افسانہٕ اکھ زندہٕ تہٕ متحرک عضوی ہیتہٕ لبان تہٕ مقصد
نِشہٕ یِتھ ہیتھ افسانہٕ نِگارہٕ سٕنز مرضی اُک پلہٕ سے ترٛاوِتھ پنٕنۍ پان کھ کران۔

پریم چندس پَتہٕ آے کینہہ بٔڈۍ افسانہٕ نِگار مثلن سعادت حسن منٹو، راجندر سنگھ بیدیؔ،
کرشن چندر، قرۃ العین حیدر بیترِ یِمو پریم چندنہٕ "کفنٕچ" رِوایتھ برونہہ پکنٲو۔ یہ چھُ پوٚز زِ یِمو لیکھ
تِتھۍ کانٛتیاہ افسانہٕ یِم تِہٕندین نظریاتن ہُنز باوتھ چھِ کران تہٕ پانٕۍ پانے پنُن وجود چھِ نہٕ ناوان،
اما پوٚز یِمو لیکھ تِتھۍ کینہہ افسانہٕ تہٕ یِم تخلیقی تحریر پراوان چھِ۔ مثلن منٹو سُند افسانہٕ "ہتک" بیدیؔ
سُند "لاجونتی" کرشن چندرن "آدھے گھنٹے کا خدا" تہٕ قرۃ العین حیدرِ ہُند "نظارہ درمیان
ہے" چھِ فنکی موٚلُل نموٗنہٕ۔ یِمن افسانن ہُنز بڈٕ خصوصیتھ چھےٚ یہ زِ یِم چھِ افسانہٕ نِگارن ہُنزو
نظریٲتی حد بندیو نِشہٕ آزاد گژھِتھ پنُن آزاد وجوٗد لبان۔ یِہُند فنی استناد چھُ یِتھ کتھِ پیٹھ دٔرِتھ
زِ افسانٕچ ڈیل چھےٚ یِتھ کٔنۍ وَنہٕ آمٕژ زِ یہ چھےٚ پرن وٲلِس نال وَلان تہٕ سُہ چھُ افسانُک حصہٕ
بنِتھ اَمہٕ کِہِن طرفاتن کُن سفر کران، یِم افسانہٕ پرِتھ چھِ قٲری اَمہٕ کِنۍ تجربو منزٕ گژھان ——
پٲنۍ پانے، تِمس چھُنہٕ افسانہٕ نِگار برونہہ کُن یِتھ اَتھ رٔٹِتھ وَتھ ہاوان۔ منٹو سُند افسانہٕ چھُ اکس
فرضی جسم فروش زنانہِ پیٹھ دٔرِتھ تِمہٕ سٕند اوٚندٕ پوکھ لۆکھ، تِمہٕ سٕند وٲتھن بِہِن، تِمہٕ سٕنز شئر تہٕ
حسرتھ، خوابٕ بنٕن گدرُن، دود تہٕ دگ تہٕ ذہنکو وہٕ چھِ اکھ فرضی صوٗرتِ حال گٔنٛزراوان
یِتھ منز پرن وول ہیتہٕ چھُ پِوان۔ افسانہٕ چھُنہٕ حقیقت کِس سوٗتھرس پیٹھ محض اکس جسم فروش

زنانہٕ ہُند رۄداد پیوت روزان، بلکہ چھُ انسانہٕ ہنز وجودی لاچارِی ہُند دۄکھ بنان یہ چھُ
انسانہٕ ہِندِ کنٛٹرک تہٕ کنٛٹرس منز بےپرٕژھ وجودچ زان وۄتلاوان ۔ یتھے کٕنۍ چھُنہٕ بیدی سُند
افسانہٕ "لاجونتی" محض سیاسی حالاتن ہنز شکار اغوا شدہ لاجونتی ہُند دۄکھ وۄتلاوان، بلکہ چھُ
تخیلی دُنیاہس منز اکس فرضی کردارِ یعنے لاجونتی ہُند لون تہٕ اَمِچہ کھسہٕ وسہٕ ہنز دلیل، یتھ منز سُمی سُند
اَندرون چھُ نتان تہٕ نفسیاتی زاوی جارک پہلو وۄتلان، کرشن چندرُن افسانہٕ "آدھے گھنٹے کا خُدا"
تہٕ چھُ سیاسی سوتھرس پیٹھ کُن ترٲوِتھ انسانہٕ ہندِ روحچ اوڈیسی بنان تہٕ زندگی تہٕ موتک نوو تناظر
بروٚنہہ کُن انان ، قرۃ العین حیدر ہند افسانہٕ "نظارہ درمیان ہے" تہٕ چھُ سماجی کھسہٕ وسہٕ
پیٹھ روٗزِتھ گرٕژھنہٕ بجایہٕ خارٕ تہٕ شترکہِ ازلی تصادمک احساس یادٕ کران ۔ یہ سوٗرے بروٚنہہ کُن
ییٚنہٕ بروٚنہہ چھِ یِم افسانہٕ دلیلہٕ ہُند جود کران ۔

اَمہٕ تلہٕ چھُ نتان زِ یِم افسانہٕ چھِ اکھ کھوتہٕ زیادٕ طرفاتن ہُند پے دِوان تہٕ یہ چھُ تیٚلی
ممکن سپدان ییلہِ یِم زندٕ فنکی نموٗنہٕ ینتھ استعاراتی یا علامتی روح رکانہٕ چھِ لبان ۔ وُں گوو ییلہِ
کاشُر افسانہٕ اَتھ تناظرس منز وُچھنہٕ ییہ ۔ یتھین بہلہٕ پایہٕ کین افسانن ہنز ورٕژھے پتھے حدوٗس
باسان تہٕ مقابلتاً چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اوٗنچہٕ ٹینڈن پیٹھ کُنز ۔ رنہٕ ییٚنہٕ وٲلی کینٛہہ جان افسانہٕ نظر
گرٕژھان ، یِمن منز علی محمد لونن "شُنٛی" ، اختر محی الدینن "ژٕرے چھُکھ"، امین کاملُن "پھاٹک"
بنسی تردوشن "یتہٕ اکھ احساس" ہری کرشن کولُن "حالس چھُ روتُل" ہردے کول بھارتیُن "پلیٹ
فارمس پیٚٹھ پاری"، رتن لال شانتن "گوڈنیُک سبق" تہٕ شام لال سادھو سُند "اُدرزٕٹ" قابلِ
ذکر چھِ ۔ یِم افسانہٕ چھِ حقیقت لُنہٕ پوٚت ہِتھ افسانوی فضا یادٕ کران تہٕ کردارن ہنز کینٛہہ ذہنی
تہٕ نفسیاتی کیفیتہٕ چھِ بروٚنہہ کُن یِوان ۔ یِم افسانہٕ چھِ ڈلیلہٕ رنگی، کردار تہٕ واقعہ کہِ ردِ عملہٕ، فضا
بندی تہٕ زبانی ہندِ ورتاوِ ہِتۍ فنک زوٗر بہٕ لبان، اما پوز یتھو کینٛژو افسانو ورٲے چھِ درجن واد
افسانہٕ موضوعی بالادستی، نظریاتی حدبندی، میکانکی تکنیک وضاحت، تکرار، غار ضروری تفصیلو
ہِتۍ بربتھ تہٕ تِہند فنی وجود چھُ چھلہٕ چھانگر گومُت ۔ افسانس چھے یہ وَن زیادٕ ہہن ترقی پسندی

ہِند نظریاتی دباوٕ کِنۍ گامُت۔ یہ حال چھُ اُردو افسانُک تہٕ ۔ وجہ چھُ یونٕ، ترقی پسندی اُس اکھ نظریاتی تحریک تہٕ اَمی دیُت یتھ کتھِ پیٹھ زور زِ ادب چھُ اکھ سماجی شعبہ تہٕ سماجی مقصد پراونُک ذٔریعہ۔ نتیجہ ڈراو زِ ادب دورٕ ریوو پننہِ اصلی منصبہٕ نشہٕ تہٕ کلہم شخصیتھ پتھ کُن ترٲوِتھ بنیوو تریلیتُک ذہنی عمل۔

جدیدیتن کوٚر یہِ مقصدی نظریہٕ رد تہٕ یتی آو افسانہٕ حقیقتُک وضاحتھ تہٕ خارجیتہٕ نشہٕ مُچھ تھوونس پیٹھ زور دِنہٕ تہٕ داخلیتھ، تخئیلیتھ، جمالیات تہٕ علامت کاری ہنٛز اہمیتھ آیہٕ وۄتھناونہٕ۔ اَمہِ ستۍ میوٚل افسانس پنُن تخلیقی وجوٗد بازیاب کرنس منٛز مدد۔ اُردوس منٛز لیکھی اتھ دورس منٛز انتظار حسین، سریندر پرکاش، غیاث احمد گدی، سلام بن رزاق ، انور خان، سید محمد اشرف عبدالصمد، مظہر الزمان خان تہٕ شوکت حیات ــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــــ

ـــــــــ کینہہ افسانہٕ یمو افسانیٚ تخلیقی پرزنتھ بارسس اَنی یمو کوٚر انسانہٕ ہندِ ن ذہنی، نفسیاتی تہٕ روٗحانی پیچیدگین تہٕ گۄرِن ہنٛز تصویر کشی۔ یہِ تصویر کشی آیہٕ تمہِ اَنہٕ ماہنہٕ کرنہٕ زِ انسانہٕ سندِ باطنی وجوٗدکۍ اسرارن ہنٛز گیہِ زان، یہِ کرنہٕ خاطرٕ آو روایتی افسانہٕ کہ گرِ تہٕ نشہٕ انحراف کرنہٕ تہٕ افسانہٕ آو نہٕ کردار سازی حوالہٕ کرنہٕ بلکہ آیہٕ کردارن ہنٛز بدلہٕ دِنہٕ ذہنی کیفیتُک وۄتلاونہٕ اَمہِ خاطرٕ آیہٕ پلاٹ سازی تہٕ کردار نگاری ہِند روایتی پیمانہٕ رد کرنہٕ۔ کہانی پنُن تصور روٗد نہٕ زیٹھ لنٛڈ وہراوِنی۔ بیانیہ آو علامتن تہٕ استعارن منٛز ژوٚمراونہٕ ۔ چنانچہ "دوسرے آدمی کا ڈرائنگ روم" ، "پرندہ پکڑنے والی گاڑی"، "وہ جو کھوے گئے" "ماتم گسار" "قبر" تہٕ "سرنگ" ہوی افسانہٕ چھِ اَمچہٕ مثالہٕ۔

یِم افسانہٕ پرِتھ چھُ بنان زِ افسانہٕ چھُ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شاعری نکھ یتھ پنٛن تخلیقی اوبر تہٕ گوبر بدس انان تہٕ معنوی امکاناتن کُن ظون پھران۔ روٗدی نوی کاٗشُر افسانہٕ نگار تموتہٕ پیکھ مغربی یا اردو کِس افسانوی تجربو مطابق کینہہ افسانہٕ یمن منٛز روایتی پلاٹ، کردار تہٕ مصنفہٕ سندِ نقطۂ نظرٕ نشہٕ نوٚب ہیتہٕ آو تہٕ فطری اندازس منٛز آیہٕ راوی یا کردارٕ سنٛزن ذہنی کیفیژن ہنٛز تجسیم کرنہٕ۔ چنانچہ علی محمد لونن شُنۍ" ، اختر محی الدینن "گگے تا پھ گپے شہل" ہردے کول بھارتین "پلیٹ

"فارمہ پیارٕ" چھےٚ اچھ مثالہ، اماپوز امہ تژاپہ لیکھنہٕ آمتۍ واریاہ افسانہٕ چھنہٕ افسانکۍ فنی لوازم پوٗرٕ کران۔ یمن منز چھےٚ وارہٕ ہن جاین اکے کتھ نوٚن نوٚن استعارن منز۔ وَنہٕ آمژ۔ اوتار کرشن رہبر سٕنز افسانہٕ "رٕنتھ گامژ اچھ زٕ" چھےٚ اچھن ہٕند اکہ طریقہٕ تہٕ بیٚیہ طریقہٕ بیان طول کلامی ہٕند تاثر پاد کران۔ وارہٕ ہن افسانن منز چھےٚ وضاحتھ تہٕ تکرار، فاروق مسعودی سٕند افسانہٕ "سبٹھاہ معمولی" یس منز چھ گوڈنیتھے بوڈٕکس بیانس منز وضاحتھ تہٕ تکرار موجود۔ افسانہٕ چھنہٕ اکہِ معنوی سطحہ پیٹھ تھوٚد ووتھان۔ رتن لال شانتن یا رہبر سٕند "زٕ تصویر اکھ پرٛژھ" چھ غریبی تہٕ نفسیاتی کیفیژ ہٕند باوتھ کران۔ ہنسی نژدوشن "یوٚتام نال ووتھم دامنس تل" تہٕ امین کاملٕنٕ "دُرِچ گاو" "دوہ نوٚنؠ" ہٕند شروعکۍ پیرگراف چھ افسانچ تلخیص پیش کران۔ گوڈٕنکس افسانس منز چھ گوڈنیک پیرگراف افسانہٕ کس کردار گنگا دھر سٕندی زٕ روٗپ بیان کران تہٕ تمے روٗپ چھ باقے ساریسے افسانس منز وِتھناونہٕ آمتۍ۔ دوٚیمس افسانس منز چھےٚ شروعس منزے عزم دید ہنز۔ دُرِج گاو تہٕ تمی سٕنز نوکری کروٚنہٕ کور ہٕندِ مرنچ ذکر تہٕ ییہے کتھ چھےٚ ساریسے افسانس منز۔ وَہراونہٕ آمژ۔ کیٚنہہ جان افسانہٕ مثلن اختر محی الدینٕنٕ "آدم چھ عجب ذات" یا ہری کرشن کولٕنٕ "شمشان وٲراگ" تہٕ چھنہٕ امہِ نشہٕ مچھ روٗدی متۍ۔ نوٚن اُردوٗ افسانن تہٕ چھےٚ لگ بھگ ییہے ونہٕ گامژ۔ وضاحتہٕ کس بدعتس چھِ افسانہٕ نگار ییتھ حدس تام لارٕ زِ افسانہٕ کِس عنوانس تام چھنہٕ پژان تہٕ عنوانہٕ ڈٕسی چھےٚ افسانچ سارٕے اسرار ییتھ بے پردٕ کران۔ بھارتی سٕند افسانہٕ "آبنوٗسک رولر" جگرِچ مشِ تہٕ یِمہٕ ہٕند چھنہٕ صرف زٕ یُھتھے یوت بلکہ چھِ افسانک خلاصہٕ تہٕ باوان ـــــــ فرق یوٚدوے چھےٚ، سو چھےٚ یہ زِ اُردوٗہس منز چھِ تِتھین افسانن ہِرِ لوٚر واریاہ پتہٕ افسانہٕ لیکھنہٕ آمتۍ، ییلہٕ زن کأشرس منز افسانہٕ مقدارٕ زٕنگو تہٕ تہٕ کیفیژ موجوٗب تہٕ ییتھ چھُ تہٕ تخلیقی تجربکہ ژھرٕ رُک باس چھُ دِوان۔

جدیدیتہٕ کِس دورس منز یوسہٕ تجربہ پسندی ہنز رَو چلیہ تہٕ علامتی تجریدی تہٕ تاثراتی افسانن لوگ چلے جاو، تمہٕ نیوٗ افسانہٕ خارجیتہٕ نشہٕ داخلیتس کُن تہٕ سماجی حقیقت

نگاری آوٚتاس، یُس افسانہٕ کہ تخلیقی وجوٗدکہ خاطرٕ جان ثابت سپُد ۔ اما پوٚز اکھ منفی رجحان گوٚو
یہ پانٕہ زِ افسانہٕ منز گوٚو افسانہ پنُن یا ڈلیلہٕ ہُند عنصر خارج تہٕ واریاہ افسانہٕ بنے یا تہٕ انشایہ
یا تاثراتی مضموٗن ۔ حقیقتہٕ چھےٚ یہ زِ صنفِ افسانچ پٔرزنہٕ چھےٚ اَکھ افسانہٕ پنُن ۔ افسانس
منز تجربہٕ کرنُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ اَکھ افسانہٕ پنُن یِیہِ کُنہِ ترٛاونہٕ ۔ اگر یہ یِیہِ کرنہٕ تیٚلہِ روزِ نہٕ
سُہ افسانہٕ، سُہ بنہِ بنیہِ کانہہ بدل چیز ۔ یہ کتھ چھےٚ وٕنٛس لایق زِ افسانوٕ یتھ ہیٚکہِ پٔننہِ پننہٕ
آیہ علامتی افسانس منز تہٕ موجوٗد روٗزِتھ تہٕ حقیقت پسند افسانس منز تہٕ ۔ چنانچہ سلام بن
رزاقن افسانہٕ معتبر آسی تن یُس علامتی افسانہٕ چھُ، یا منشا یادٕن تمار علامتی افسانہٕ ادور ٹامُت
آسی تن افسانہٕ پنُن چھُ یِہُند خاص وصف تہٕ تہٕ یِہُند فنی استناد تہٕ ۔

# ادبی ہیژ تہٕ تقلید

# مغرب تہٕ مشرق

## اکھ جایزٕ

پروفیسر غلام نبی فراقؔ

مغربی ادبی ہیژن پیٹھ یمن اندر شاعری تہٕ بیوان پھٹے چھ ادبس تہٕ دلچسپی تہٕ تعلق تھاوَن والیکن کینہہ لوکھ وَنان زِ اَسہِ ییزٕ تہٕ بیتہٕ شاعری منز خاصکر ہیژ لحاظ مغربیچ تقلید کرٕنی۔ زندگی ہندِ حوالہٕ انسانی سونچ تہٕ تجربہ بیٚنِ تام واتناوتہٕ باپتھ یمہٕ ہیژٕ تہٕ یم اظہارُ وسیلہٕ وزٕ وزٕ یورپس منز بارسس بیوان آے تمن چھُ تنہٕ کیو سیاسی، سماجی مذہبی تہٕ اقتصادی حالاتو وَتھ ہموار کرِتھ وجود بخشمُت۔ اَتھ برعکس پھٹے ساٹنی سماجی، مذہبی سیاسی تہٕ تمدنی حالت بدل ماحولس منز نشوونما لبان آمتہٕ۔ تَوے پزن اَسہٕ تمے ہیژٕ بیتہٕ واتناو یر باپتھ ورتاوُنہٕ یمو اَتھ بیٚنس ماحولس منز شکل لبِ ہِش پھٹے۔ یُتھن ہیژن متعلق آسہٕ اَسہِ بیزٕ اکھ روایتی نزدیکی تہٕ بیٚنُ اکھ جذبل ردِ عمل تہٕ۔ اُسیٖ ییلہٕ ادبس تہٕ فنون لطیفن متعلق یمن یارن دوستن ہندیہٕ اپروچ وُچھان چھ بظاہر چھُ باسان زِ یم چھِ شاید کیہتان جانہٕ ونان تہٕ اورکُن چھُنہٕ سون ذہن ازتان سنجیدگی سال گومتُے۔

اَما پوز یِلہِ اَسی ہنا تام کرِتھ یمِن کتھن پیٹھ کُلہم پاٹھی سونچان سَران چھِ سانہِ باپتھ چھِ یِمہِ
تہٕ تِم مسلہٕ وۄتلان تہٕ یِمہ کتھہِ پاد سپدان یِموتَے اَتھ بظاہر ڈٕرِس منطقس پٮ۪تھ طرفہٕ آب اژان
نظر گژھان چھُ ۔ یِتھ موختصر مضمونس منز یِیہِ اَتھی عجیب و غریب مسلس دَل دِنہٕ تہٕ نتیجہ شکلاونہٕ
یِنہٕ وجود یانے ۔ مےٚ کوٚر زانٛتھ مانٛتھ عجیب و غریب لفظ اکھ کنہِ استعمال زِ ژکہِ چھُنہٕ یِہ کانٛہہ
بوڈ مسلے ۔ مگر اتھ کیاہ ونو زِ زنہٕ تگُن چھُ کنہٕ سانہٕ تجہ تہٕ شیٚشتر ونہٕ ناوان تہٕ اصلس تہٕ برہم
کرِتھ ترٛاوان ۔

گوڈنیچ کتھ یوسہٕ یہٕ ونٕنہٕ یژھان چھُس چھےٚ یہِ زِ یِموونہٕ والین منز چھِ کیٚنہہ
تِم یم مےٚ ونیٚدی چھِ ۔ یِنہٕ زِ چھُ اکی زِ یِموینہٕ چھِ کیٚتہٕ علمی تہٕ ادبی تواریخ تہٕ خاصکر یورپی
علم و ادبہٕ نِش یا تہٕ کم واقف نہٕ چھکھ نہٕ عالمی ادبچ ارتقائی عملکُن نظرے گژھان ۔ پوٚزکیا چھُ
تہٕ زانُن تِم یِیارِ چھُکھ نوٚن نیرنُک تہٕ ہوس نہٕ سو گِیہِ انسانی کم ۔ وٚری یِمو وزِ وزِ پٮ۪تھ
جایہِ نوِی تماشہٕ ہاوی متی چھِ ۔ یِمن چیٖزن ہُنٛد تہٕ چھُ یِہ نتیجہ زِ یِم لوکھ چھِ یِژھ کتھہٕ کرنس پیٹھ
مجبور سپدان ۔ کتھہِ یمن نہٕ نکین پایی چھُ ۔

امہِ کتھہِ ہُنٛد گوڈنیُک ثبوت چھُ فنس، ہیٚئتہٕ تہٕ ادبس متعلق یہنٛدی بیانہٕ ۔ وٚلو وٚلو
وُچھو اَسی یِہنٛدی ونہٕ زِ اَسہِ کیا چھُ یِنہٕ ۔ مےٚ ستیِ کرِو تُہی ساری شاید اتفاق یِلہٕ یہٕ یہٕ ونہٕ
زِ جدید شاعری منز چھُ اَسہٕ یِنہٕ واکھ، شرو کھ تہٕ وژن ۔ گو ولل دید، حض شیخ تہٕ حبہ خوتون
ابتدائی وژنہٕ علاوہ چھِ حض شیخن کیٚنہہ دینی احکامات تہٕ نظما وی متی ۔ سانہٕ شاعری ہیٚنز یِمہ
ہیٚئتہٕ چھےٚ لل دید ہنٛدِ پیٹھ بروہنہ کُن اَلہِ پَلہِ پانژن ہتن وری ین برقرار روزان ۔ کاشُر
زبانی ہنٛدِ حوالہ چھِ اَتھ یِچ بستگی مقامی حالات تہٕ زبردس ساتھ دِوان ۔ زمانس منز ہنا
بدلاو یِنہٕ کنہِ چھُ محمود گامی کِنو ہُم صدی ہنٛدِس نصفس تہٕ آخری حصص منز یمِن شاہ ہیٚئژن
منز مزید دوٚن اہم صنفن یانے غزلک تہٕ مثنوی ہُنٛد اضافہٕ کران ۔ یمِن ہیٚئژن ہنٛز زان
چھےٚ اَمِس فارسی علم و ادب پٮ۪ری تھےٚ سپدان تہٕ یہٕ یِنہٕ زِ چھُ یمن ہُنٛد اوسلوبے سطحا وان ۔

یمہ پتھ چھےٚ تمہ ہیٚرِ یمن ستۍ فارسی زانَن وٲلۍ کاشُرِ واقف پیدٕ سپدی مۍ آسان چھُ۔ پس چھِنہٕ یمہ
دوشوے ہیٚرِ مقامی کاشرِس تمدنس ڈب بجۍ مژ۔ یوٚدوے یمہ دوٚنی وقتس ستۍ مۍ ستۍ کاشرِ
ادبُک اکھ موٗلُل تہٕ اَژھن حصہٕ بنےمِژ چھےٚ۔ حالاتَن پیشِ نظر تہٕ اَسہٕ عام تُلکن یتھس
ادبی زاوِ جارس ستۍ سو دلچسپی یوسہ یژ نہ پاٹھۍ آیہٕ گژھٕ۔ ییٚتھ آیہٕ تہٕ تم، ماجہٕ زیو ہنز چھِنہٕ
کتھے، ہیٚیِن زبانَن منز تہٕ جان تیداد رنگۍ پرینہٕ۔ یتہٕ چھُ اکھ پزر زِ غزل اوس فارسی زبانَن
منز عربی بیٚٹھ اوٚنمُت تہٕ مثنوی تہٕ اَسہٕ ہہ تمن پینٕو۔ پس اوس نہ یمن دوشونی ادبہ زانژن
ہُند اگر ایران کیٚہنہ یوٚدوے فارسی والبو تہٕ ایرانو یمن اندر پیٚنٕی رنگارنگی تجربہٕ پیش کرِتھ یمہ
پوٗرہ پاٹھۍ پینہٕ بناوِ۔ ادبی ماداس منز بنٕیہ یمہ وار وار خاصکر ایرانی تہذیب و تمدنٕچ شناخت
تہٕ۔ یونانس منز یم تہٕ اہم شرایط مثنوی ہیٚرِ وٕ ستۍ والبہٕ کرنہٕ آمتۍ چھِ تم تہٕ چھُ مقدوٗر
موجوب فارسی مثنوی نگار وتلن تل تھاوی مۍ۔ کاشرٕ بو کوٚر کینژن فارسی مثنوی ین ترجمہ
تہٕ کانہہ کُرکھ یمہ نے نموٗنن بیٚٹھ پیٚنٕی پاٹھۍ تہٕ تیار۔ وقت گزرنس ستۍ ستۍ گو وغزل
تہٕ مثنوی تہٕ کاشرِ شار سرمایک اکھ موٗلُل حصہٕ بنتھ۔ وقت گو وبرونہہ یکان تہٕ یمی اندی
کیٚھ اکھ مثنوی ہیٚرِ لول باگراون وٲلۍ دِلرلے سہٕ اوٚندیوکھ آو پیٚنٕیہ اکھ پھر تبدیلی ہندِس
زدس منز۔ نتیجہ دراو یہ زِ حالات بدل نہ کیٚہ سُید مثنوی کُن کم توجہ یکہ زن وژن تہٕ
غزل نیٚن سفرطے کران روٗدی تیکیانہ تمن روٗدی حالات موافق۔ یمہ چھُ تمہ زِ ادبی ہیٚرِ
یمن صوفی کیو غار صوفی شایر اظہار زنگۍ وُہمہ صدی منز۔ لیکہٕ پاٹھۍ ورتاوان روٗدی۔
خاص کر روٗد یہند اظہارک مرکز وژن یتھ یمو گرمہ گژھنکس حدس تام لاو داو تل۔
امہ کس نتیجس منز تہٕ زمانہ پیٚنٕیہ سن بدل نہ کیٚہ پیس۔ نوٚن ساینژن تہٕ ہیٚرن منز۔ با وتھ کرنچ
ضروٗرت محسوس تیکیاز وٕ دوٚنی آیہٕ یمن ہیٚرن ہندی واقفکار اَتھ زبانی منز۔ یاد گامتۍ۔
یہ احساس اوسہٕ ہوایی کیٚہنہ بلکہ آیہٕ یہ کرنس تہٕ ٹھوس ثبوت موجوٗد۔ یمو منز یہ پیٚنٕیتھ
کھن ہگینی کدنہٕ کیٚنژن ہُند ذکر کرُن ضروٗری زانان چھُس۔

خاصکر پٔتِمَس ہتس ڈوڈس ہتس وٕرِیَس یوٚسہٕ ہمہ پہلو تبدیلی تہٕ ترقی
یوٚرپہٕ پیٹھٕ گٲمژ یورپی دُنیہس کُن واتٕنۍ تمہِ سٟتۍ لوٚب واریاہو نوٚو حقیقتو جنم۔ خاصکر
سیٚزِ یمن ہنز رفتار پتھ اکوُہمہِ صدی منز جادے تیز۔ یوٚرپن کوٚر پننہِ کلچر اسلوبہٕ سٟتۍ
خاصکر افریقہ تہٕ ایشیا تہٕ امریکہ زبردس متاثر۔ اکثر سیاسی نقشے بدلے پننہِ میک اثر تہذیب
وتمدنس پیٹھ پیوٚن لازمی اوس۔ زبانن ہنزن اہمیژن بدلے یہِ ترتیب تہٕ روایتی سوچ
سپُد متاثر۔ ونُن چھُم زِ زندگی ہُند کلچر رنگے بدلیوٗ تہٕ تمہِ سٟتۍ فنونِ لطیفن ہُند متاثر
سپدن اوس اکھ قدرتی امر۔ باقی اہم کتھو علاوٕ سپد یوٚسہٕ پانٹھ یوٚرپکِس علم و ادبس سٟتۍ
قومن تہٕ ملکن سپدِ سیوٚد تعارف۔ سائنس پتھ طرفس منز تہٕ ژھوکھو فارسی زبانۍ ہُند
اثر تمہٕ تیز رفتاری سان زِ انسان چھُ پٔرِی حٲران۔ پیدا لکہ مقامی زبانو تہٕ خاصکر اُردو زبانۍ لوٚب
خاصکر شمالی ہندوستانس منز عروج یمہ کِنۍ اکھ زبانۍ منز تہٕ یوٚرپہٕ پیٹھ تم نوٚی ادبی صنف
تہٕ آے یمن متعلق اکھ دمس تام کاشر زبانۍ قریب قریب زانے اسنہٕ۔ مثلن ناول، افسانہٕ
ایسے، پابند تہٕ آزاد نظم، بلینک ورس وغارٕ وغارٕ۔ یتھ پانٹھ سپُد باقے کتھو علاوٕ سائنٕ
زبان تہٕ سون علاقہٕ یمن ادبی زارژن تہٕ اُنزِ منزٕ۔ وارٕ وارٕ پیوٚ مغربی طرز زندگی ہُند اثر
تہٕ سائنس سماجس پیٹھ۔ توارِ برعکس اکھ پزر اگر کانہہ مغرب زندگی وہنہِ تس سٟتۍ اتفاق کرُن
آسہِ میانہِ بابت ناممکن۔

جان روز اگر اُسی مغربی طرز زندگی پیٹھ تہٕ اکھ زِ کتھ کرو۔ پیتون لباسے تہٕ
ہیے توس سام۔ کیا امہِ رنگہٕ تہٕ چھِنا اُسی نار یوٚرپی ملہ اکہ نہٕ پننہِ طریقہٕ یمن یوٚرپی ملکن ہنز
تقلید کران بنِنۍ کیٚنژ وجہ تون۔ اُسی چھِنا اکھ لیٚنژ اندر تہٕ کوٹ، بوٗٹ، پتلون
شائرٹ، بوشارٹ، ٹائی، اوورکوٹ، نوزکوٹ تہٕ جیکٹن ہُند استعمال کران۔ اُسی
چھِنا وونی کیٚتن شعبن منز انگریزی زبانۍ ہُند استعمال کران۔ سانین شہرن منز چھِنا
وونی بڈۍ بڈۍ انگلش میڈیم سکول قایم سپدی متۍ تہٕ سپدان۔ یینہٕ چھِنا بڈۍ بڈۍ

انگریزی اخبار تہٕ پیران۔ اُسی تہٕ چھنا پننین دفترن منز۔ انگریزی زبانٕ ہنٛد ورتاو کران۔ یتھ
طرزس پیٹھ اُسی پننؠ فوج بناوان تہٕ پننؠ ہسپتال چلاوان چھِ تمن چھُنا سُے یورپی اسلوب
دِنہٕ آمُت۔ سائنی آپریشن تھیٹر کیا چھِ وَنان تہٕ مرض تشخیص کرنچ یم تہٕ مغربی طور طریقہ
چھِ کیا اُسی چھنا ووٚنؠ زیادٕ بھروسہٕ تمنؠ پیٹھ کران۔ زمین زراعتس منز تہٕ یُس انقلاب
اُسی شکلاوان چھِ تتھ بتہٕ کنہٕ تہٕ چھُنا مغربُک ٹیکنیکی شعور۔ یم ایجادات ووٚنؠ پئی میوٚ شیٚتو
نمتو وری یوٚ پیٹھ انسانن کرِ یمن اندر یوٚرپُک انسان زیادے بہل کران رُود تموٚ تہٕ
ہیوٚتُن ناسون یہٕ اکہٕ وقتُک مختلف حصن منز باگرنہٕ آمُت دُنیا سیاسی، اقتصادی ما
کاربأری، جغرافیایی طور نزدیک ترین۔ چھا کانہہ ملک یُس ووٚنؠ الگ تھلگ روٗزِتھ
پننُ لوہ لنگرُ چلاوِتھ ہیکہٕ تہٕ ترقی تہٕ پراوِتھ ہیکہِ۔ ووٚنؠ اگر کانہہ مُلک تہٕ کرِ سہٕ کرشِش تا
پرزھیون تہٕ قلاش۔ تمی سُند زندگی ہندِس پریتھ مادانس منز پریتھ رنگہٕ پسماند روزُن
چھُنا یقینی۔ مےٚ چھِ باسان یژھ حالت پانس پیٹھ قبوٗل کرنہٕ باپتھ چھُنہٕ کانہہ تہٕ مُلک بوٚڈ
یا لوکٹ تیار۔ توے چھِ دُنیہکی ساری بڈؠ کیو لوکٹؠ مُلک الگ آسِتھ تہٕ پانس اکہٕ بڈِ تہٕ عالم گیر
برادری ہندی انگ محسوس کران۔ اَتھ خلاف بغاوت کرنؠ گیہِ غربت تہٕ افلاس سالُ
کرِتھ اَننس برابر۔ تمہِ باپتھ آسہٕ نہٕ کانہہ تہٕ تیار۔

اَتھ عظیم تہٕ عالم گیر تبدیلی منز کیاہ رٕی تہٕ کتھ پیٹھ روزہن کأشرؠ الگ تھلگ
تہٕ سیدن اوس ناممکن۔ اردوٗ تہٕ انگریزی زبانن ہندِس اَثرس تل پیٹھ کرِ تموٚ تہٕ ہیژ تہٕ
موضوعس پیش نظر نوٚی نوٚی تجربہٕ۔ اظہارچہِ نوٚوِ تہٕ مانڈٕ نچہِ دوٚن دور منز تہٕ نوپرسندی
ہندِس جذبس تل وژُن تہٕ غزل اَتھن منز تھاوِتھ تھےٚ لگی تم نوٚوِ ہیژ ازماونہٕ۔ یہٕ اوس رُ
دق پیٚلہٕ کأشُر زبانٕ نوٚو رسم الخط دِنہٕ یوان اوس۔ اُمی جیٚزن کرِ کأشرُ نثر لیکھنچ دَرتہٕ تہٕ
ہموار۔ اَتھی نوٚزک دورس منز کوٚر کأشر لوٚ اَدیبوٚ، افسانہٕ نگاردٕ، ناول نویسوٚ تہٕ ابسے لیکھن
والیو افسانہٕ، ناول تہٕ ابسے لیکھُن شروٗع۔ شاعرو کرِ پابند تہٕ آزاد نظمہٕ تہٕ تخلیق۔ یُس گو و

کاشرِ زبانۍ ہندِس تواریخس منز اکھ بے نظیر دورُک آغاز۔ یم ساری ادبی سانچہ تہٕ یمہ ہیژہ
آسہٕ غزلکۍ تہٕ مثنوی ہندی پاٹھۍ کاشرِ زبانۍ منز۔ نووارد تہٕ وہ پرے۔ مگر یمن ہیژن اندر
یُس تجربہ، یُس اظہار تہٕ یوسہ حساگہی تہٕ یُس شعور شکلہٕ اوس پیش کرن والین ہُند
پننہ تہٕ پننہ وتھنک۔ افسانن تہٕ ناولن منز یم کردار آسہٕ سمکھاونہٕ آے تم ساری اسی پننی
گرٕچ تہٕ زمانچ دآدی کانجرٕ تہٕ امیک تضاد پیش کران۔ تمن منز اوس نہ کانہہ وہ پر۔
تم ساری اسی کاشری۔ امی حسابہٕ لیکھی شاعرہٕ پننین نظمن منز۔ تمن اوس پنن تجربہ پیش
کرُن تہٕ سہ کور تمو۔ کانسہٕ آیہ نہ تنگیہٕ کنہ تھوس تہٕ۔ تتھ ولو فنکارن منز پننی کمزوری۔
سہٕ تنگن تہٕ نہ تنگن میلہ اسہٕ پرٛانس تہٕ جدید ورٛنس منز تہٕ تہٕ غزلس تہٕ مثنوی منز تہٕ۔ تمیک
الزام اگر ہیژہ دِمو تہٕ آسہٕ غلط۔ تجربہٕ زن کانسہٕ اپابند نظم لیکھنہٕ یاتھ منز ردیف قافیہ
کمی تشبیہو، استعارو اظہارو تہٕ علامتو ستۍ پورٕ کرٕنی تمیک قصور ماکھا لو اتھ ہیژہ۔ یہاے
کتھ چھے غزل تہٕ ورنہٕ بابت تہٕ درُس۔ تجربہٕ زن یمہ ہیژ جان پاٹھۍ ورتاونہٕ یہٕ ماولو
اسی کنہ جواز روس زِ یمہ نو ہیژ چھنہٕ ساکنس منز ازس تہٕ تمدنس ستۍ واٹھ کھیوان۔ یتھ
چھ یہ اثر فارسی تہٕ اردو والیو تہٕ کور مُت۔ ہندی تہٕ باقی علاقائی زبانن منز لیکھن والیو تہٕ۔
مگر تہٕ چھنہٕ اسہٕ برٕٹھ ہُنز یار روس کتھ کنن گژھان۔ اگر گژھن تہٕ جواب تہٕ سوال آسہٕ
اکوے زِ کیا سانین جذبن تہٕ احساسن منز یینہ تہٕ وونُ چھا بئین نش مختلف؟ کیا تمن
مقابلہٕ چھا اسی دگہٕ ورٕ اسان تہٕ شاد ورٕ باک ژھٹان۔

کیا سانو جذبو چھنا ازین لوب مُت تمہٕ وے ہُنز یادی انسانی زورو تہٕ کمزوریو
نش، خوبی تہٕ خامی نش موختاریو تہٕ مجبوریو نش، فہمہ تہٕ فراستہٕ نش، دانایی تہٕ
گاٹجار نش یم اسہٕ بئین تومن منز تہٕ نظر گژھان چھ۔ سون مزاز چھنا تہندی پاٹھۍ ارتقا
پسند۔ اتھ منز چھنا مزید پوختگی ہنز گنجائش، یہ چھنا ٹیٹھس تہٕ موُدرس منز فرق کرتھ
ہیکان، امس چھنا بے زبان موسیقی ہنز زبان فکر تران، امس چھنا خاموش بینتگہٕ

ہُندِ حُسن واہ واہ کرناوان۔ اگر تہٕ چھُ تیٚلہِ کتیت چھُ یہِ بێیَن رنٛش مختلف؟
پَس وَنہٕ یہِ زِ یوٚر یہِ چھِ ادبی ہیرِٕن ہنز تقلید کرنہٕ اسی یوت بلکہ اسہِ روٗاے
تہٕ واریاہو یمن اندر عرب، ایرآنی، افریقی تہٕ ہندوستانی زبانن ہندکہ اُدیب تہٕ
شامل چھِ۔ یہِ چھُس یہِ اوٚکنہٕ تہِ وَنان زِ تِمن جاین تہِ اَس نہٕ تِمن ادبیس رنٛش اَمیٚ کانہہ
روایت۔ یمن ہیرِٕن متعلق اوس نہٕ تِمن تہٕ سُہ یورپی سماج ییٚتہ یموزِ تم لوٚب مُت
اوس۔ خود یورپس منز تہٕ کرِ کیتو مُلکو یِنِنِ تِمن ہمسایہ مُلکن ہنز تقلید ییٚتہِ یمہِ ساَنی یاَ کھٹہ
نو وارد آسہٕ۔ یہِ تِمو کوٚرتی کور بێنیو تہِ تہٕ تی کوٚر اَسہِ تہٕ۔ تِمو وَنہٕ یِنہٕ کنھہٕ تہٕ اَسہِ تہٕ یہِ
وَنہٕ نَس لایق باسیو اَسہِ تہٕ کوٚر یمن ہیرِٕن منز پیش۔ اَسہِ بوو تِمن منز۔ مثلن یتٕ دہ کھ
دود، ینٕ وچھن حبس تہٕ زیننِ حبس۔ سوکھ شہجار، اسُن گندُن تہٕ یتھ یاَ کھٹہ کرُ
اکھ نوٚ روایت قایِم ینِس ادبس منز یوسہٕ وُچھان وُچھان دوٚنی سانہٕ کلہم روایژ ہُند
اکھ باگہِ بوٚرُت حصہ بنے ہرٕ یہ چھےٚ۔

یہ کرہ بێنیِہ اکہِ پھِر یتھ اہم کتھِ کُن اشارٕ زِ اَتھ نزدیکی ہێکہِ نہٕ کانہہ تہٕ چیز دوٗر کرِ
تراَوِتھ نکیازِ۔ یم چیز تہٕ چھِ سانہٕ زندگی وَیان تہٕ ستی اوسودہ حال تہٕ بناوان۔ دراصل چھِنہٕ
انسان یہِ زن منے عرض کوٚر تُنہٕ یادی جذبن احساسن کتھن منز اکھ اَکس رنٛش مختلف کینہہ۔
یہِ تہٕ چھُ اکھ بوٚڈ وجہ زِ ڈاں کویکذوٹ چھِنہٕ اَسہِ اَناوانے یوت بلکہ سونچناوان تہٕ۔ تی چھُ
جاناتھن سوٗفٹ سُنٛد گلیورس ٹرولزٕ پران پران تہٕ سیدان۔ اوتھلوس پتہِ چھےٚ اَسہِ ہمدردی
ضرور پیدان مگر ایاگو سُنزٕن حرکژن پیٹھ چھِ اَسی تشویش تہٕ ظاہر کران تہٕ پالیس تہٕ بوان۔
اما پوز دوہ پرٕ اَتھ تہٕ چھِنہٕ اَسہِ یم دوہ پرباسان۔ اَمیُک اکھ وجہ ہێکہِ یہِ تہٕ اَستھ زِ یم چھِ دنیاہس
اَتھ دِتھ ینِہٕ زمانکِس کاٹھارس منز۔ ییٚنہِ پھرُوک یا کھٹہِ ینِنِ ذہنن واتش کڑان۔ موٗلن زِ
ہتھ فی صد تمدنی تہٕ تہذیبی یوٚت منتظر آسنہٕ یمن چیزن متعلق اَسہِ رنٛش۔ مگر انسانی
سوچ چھُ سونچناوان۔ دوٚنی اگر اَسی یمہ نِے ہیرِٕن ہنزٕن ژِھ نِے بوتمن منز ینِنہٕ سماجک،

کاٹجارُک تجربن ہٕنٛز کلٕم حساگی ہُنٛد مَس بیٚنِس فنکاری ہِنٛد بوبر پوٚر دٕلوٚت بُرد تہٕ وِزماآیہٕ
اَکھ منز سو وقت یوٚر کُن مٕتے اشارٕ کوٚر۔ یہ آیہٕ اَیہٕ وۄدٕنی چھِرا بَن۔ بڈ کتھ چھےٚ زبان
ہٕنٛز تمیک تخلیقی ورتاو۔ ییٚتہٕ آسہٕ نہ تقلید براے تقلیدُک سوال پیادٕ سپدان۔ ژھہرے تقلید
گیہٕ اکھ کتھ تتھ منز۔ آسہٕ ساٚنہٕ سوچ ہنز ساٚنی شمولیت۔ تتھ منز ییٚہ نہ ساٚنہٕ سماج ہنز
تہذنی خوبصورتی ہُنٛد حال کُنی۔ ییلہٕ اَسہ یِنہٕ زبانٕ منز تنقیدی ہنز پانے تخلیقی تقلید کرواِہ
آیہٕ یمن سارنے وِہٕ لحاظ کوٚرمُت۔ زبان چھےٚ اَتھی جایہٕ اَکھ روٚٹ کران مگر گژھہ آیہٕ سو
ماجہٕ زلو۔

یہ چھےٚسنہ یم پیٚز پیش کرتھ تمو پٚز رونَش دامن بچاوُن ییٚتھان یمن ہُنٛد تعلق
تتھ اثرس ستی چھُ یُس یوٚر یہ کیٚن لُکن غار یوٚرپی لُکن ہُنٛد بیوٚمُت چھُ۔ مثلن اُزکہ
یوٚرپچ حارتس منز۔ تراوُن واجِنٛی سائنسی ترقی چھ کٔنہ حدس تام مرہون تمہٕ سائنسی ترقی
ہنٛز یتھ عربی بنیس دورِ عروجس منز۔ آے کونچھ ہٕنز وجودٕ بخشس تہٕ ییٚمہٕ نَش بر پور فاید
تُلتھ اَکھ یوٚرپن وٕرثہ واتجہٕ آے کاٚنچھ رنگہٕ رنگہٕ وُسعت دِتھ دُنیہک ناک نقشہ
بدلاوُن بدلاوان یہ انتہائی عروجس پیٹھ واتنو۔ انسان ہنٛز ترقی ہنز ہانکلہٕ منز
چھُ پانے ییٚتہٕ اکہ کٔرچ حیثیت تھاوان۔ اَسہ ہیکو نہٕ یم دوشوے تمہٕ نَش الگ تھاوِتھ
یتھ قدیم یونانٕچ ہندی کاٹجارن ہٕنٛد وجودٕ بخشمُت اوس۔ سُہ تہٕ چھُ امہٕ ہانکلہٕ ہُنٛد
اکھ اہم کوٚر۔ دراصل چھُ انسان ایجاد پسندی ہٕنٛد نوٚبرپسندی ہٕنٛد۔ یہ چھُ سُہ پرتھ چیز
پانس پیٹھ حلال کرنہٕ باپت تیار سپدان یتھ منز۔ لگہ ہار پرتہٕ ماٚری مندیُت نظر گژھان چھُس۔

اَکھرس پیٹھ واتہٕ بہٕ ییٚنہٕ اکھ بھر تتھی ٹاکار اثرس پیٹھ یُس یوٚرپی زبانن ہُنٛد تہٕ
خاصکر انگریزی زبانٕ ہُنٛد کاشُر زبانہٕ پیٹھ پیوٚمُت چھُ۔ اَتھ تُکھ تم بے شمار لفظ نظرن تل یم
یوٚرپی تہٕ انگریزی زبانو پیٹھ ساٚنہٕ کاشر زبانہٕ منز واتی میتی چھہٕ۔ اگر اَسہ یم یکجا کرنہٕ ییہمو
اکھ جان فرہنگ سپدِ تیار۔ پیٹھ چھینہٕ یمن لفظن ہنز اہمیت تہٕ کم کینہہ۔ اگر اَسہ ازیم

لفظ بێنہٕ زیوٚ منٛز خارِج کرٕوکھ یہِ زبان روزی نہٕ کم از کم بێیہٕ صدی ہنٛز زبان توٚے راوِ اَتھ.
لوٗکن نِش لگہٕ ہار بر تہٕ۔ تکیازِ اَسہِ نِش چھُ لفظے چیز تہٕ یێلہِ لفظے خارج کرنہٕ ییہِ تتھی ہیٚکہِ سیدٕ
چیز تہٕ نابوٗد۔ اَسی چھِ بێنہٕ دہ دِش چہِ زبانَن منٛز ییم لفظ ورتاوِتھ ورگہ پاٹھی بێیہٕ صدی
ہنٛز۔ نشان دِہی تہٕ کران تہٕ بێنِس کامہِ کارس ستی ہیٚکی بێنِس واتناوِس تہٕ اکھ دوٗرٕ لگہٕ ہار بر
دِوان۔

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ یہِ کتھ بێیہِ اکہِ پھِرِ وَنُن یژھان زِ کانہہ انسانی تجربہ یێلہِ کُنہِ
زمانس منٛز کامیاب واتناوِ برلیان چھُ تتھ چھُنہٕ ییتہٕ ینُن زمانہٕ بنٛنیے دامنس تل تھاوِتھ
لسکان۔ اگر تی آسہاتیلہِ گوٚژھہٕ ییت کانٛہہ رُت ادب قوٚمی ملکی تہٕ علاقائی حد بندیو
نِش آزاد ییدِتھ ییتھ کالس منٛز تہٕ قارین حظ دِین تہٕ دلچسپی ہندی سامانہٕ آسہ تن تھاوُن۔
روزن۔ ادبی ہیژ تمن ہیٚکہ ہر زمانس منٛز ادب اکہ نَتہٕ بێیہِ رنٛگہ اتھہ ڈالِتھ تہٕ پانس موافق۔
بناوِتھ۔ یژھ کوشش چھیٚ ییتھ کُنُ کرنہٕ آمژ۔ مگر تِمو ستی تہٕ چھُنہٕ ادبس عالمگیر کردارس
پیٹھ پیتھ وزِ کانہہ ناکارہ اثر پیومُت۔ بلکہ چھُ اَمہِ ستی اکثر فایدے ووتمُت۔ ییٹھ چھُ
انسانس نوٚو پسندی ہند چسکہٕ۔ یہِ چھُ ییتھی تجربہ کرنس تہٕ تِمن ہندی نتیجہٕ وُچھنس منٛز لذتھ
محسوٗس کران۔ مگر اَسہِ پزِ یاد تھاوُن زِ تجربہ چھُ تجربے آسان تہٕ ممکن چھُ یہِ ہیٚکہِ نہٕ پرتھ
وزِ مطلوبہ نتیجہٕ پیش کٔرِتھ۔

# فارسی یس تہٕ کاشرِس منز شاہنامہ

# اکھ تقابلی مُطالعہ

• پروفیسر مرغوب بانہالی •

"شہہ" یا "شاہ" لفظ چھُ فارسی یَس منز۔ پادشاہ لفظک تہٕ شہنشاہ لفظکُ مُشترک زھوچر یا مُخفف زانہٕ یوان۔ مگر یوٚہے لفظ چھُ کُنہِ جیرٕک کھٕرٕ رتہٕ بجر محسوٗس کرناونکہِ غرضہٕ تمہِ کِس ناوس بروٚنہہ لوگ تہٕ بنان مثلاً شہباز وُنھہ گوٚو سہٕ پاٗزِیُس سارنی قسمہٕ کین پاٗزن منز۔ تیز، کیوٗ تھٕر، وُچھ کِنہ یا جرأت کیوٗ طاقچہ کِنہ سٕرس آسہٕ۔ شہیر گوٚو اَمہِ قسمہٕ کِس پاٗز سُند سہٕ پَریا یکھ تیچ زٕھاے وُچھتھے یوت بیٚین جاناوار تھٕر کھٕر ارٕزان آسہٕ۔ یتھے پاٹھی گیہٕ شاہراہ سوٚ بڑ یا اہم وتھ یتھ پیٹھ وقتہٕ کین جلیل القدر نفرن تہٕ کاروانن ہُندِ یُن گرٕ ژھن آسہٕ۔ اَمی آیہ گوٚو شاہکار یا شاہپار کُنہٕ ادبُک تہٕ فنُک سُہ عہد ساز تہٕ قابلِ یادگار نموٗنہٕ یُس قابلِ تعظیم تہٕ قابلِ انعام زانہٕ آسہٕ آمُت۔ یہ گوٚو پادشاہن کُن منسوٗب شاہ لفظکُ خوشگوارٕ تغیرٕ تہٕ اِرتقا۔ گویا شاہنامہ چھُ اَمی خوشگوار قبیلُکہِ ترکیبن منز شامل تکیاز یہ چھُ ایرانی پادشاہو علاوٕ ایرانی ولہٕ ویرن ہندین کارنامن باوتھ کرن وول اکھ بوٚڈ تہٕ اہم دفتر۔

مگر ییلہِ اسلامی تعلیماتن ہنز مخلصانہٕ عمل آوری تحت شہنشاہیتس برعکس خلافتس احترام کرنُک شعوٗر بیدار گوٚو ییلہِ ایرانہٕ کِس بڑٕ دگرد تہٕ کوٗفہٕ کِس یزیدس ہوٚس پٔرتھ پادشاہس علامہ اقبال ہنز۔

یِتھ آوازِ ستہِ رلہٕ وُنی الہامی آواز کنِن گیہٕ زٕ ؎

سُلطانیٔ جمہور کا آتا ہے زمانہ — جو نقشِ کہن تم کو نظر آئے مٹا دو

اَتھ آو ساپہٕ بدلہٕ وُڑیوٚ ییٚتھ شہنشاہن تہٕ پادشاہن ظِلُ اللہ یا خُدایہٕ سُند سایہٕ زانن والین محکوم و مجبور انسانن ہنز بیدار مغز. پٔتہٕ "شاہ" لفظ خُدایہٕ سِندین بُلند کردار تہٕ ممتاز انسانن ہندین سرافراز ناون بروٚنہہ لوگ بناوُنُک خیال یُس انتہائی عقیدتس تہٕ بصیرتس پیٹھ مبنی اقدام زانہٕ آو مثلاً فخرِ موجودات سید الانبیاءٔ حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلمن آو شاہِ مدینہ وَننہٕ فخرِ عبادات سردارِ اولیا حضرت عبدالقادر جیلانی علیہ رحمس آو شاہِ جیلان تہٕ شاہِ بغداد وَننہٕ تہٕ اَمی بصیرت و عقیدتُک تسلسل منز آو کاشرین ہندِس مُحسن و مُربی حضرت میر سید علی ہمدانی علیہ رحمس تہٕ شاہِ ہمدان وَننہٕ۔ ییلہٕ "شاہ" لفظن اَمہٕ آیہٕ سعادتمندی ہنز. توجہت لب یعنی ییلہٕ دِلن حکومت کرن واجنین روحانی شخصیژن ہُند کھر رتہٕ بجر صاحبِ نظرن پادشاہو کھوتہٕ زیادہ عظیم باسیوو اَتی سپُد یِژھن شخصیژن ہندین انسانیت نواز کارنامن شاہنامہٕ وَننہٕ ییٚنُک اکھ نوو دور شروع چنانچہ سپُد کشیرِ ہندِس مولانا عبدالوہاب شائق ہوِس بُزرگس تہٕ تِہندس تاریخ الاولیاہس شاہنامۂ کشیر وَننُک جواز العایتھ پاٹھی تس پتہٕ قریباً سو آدہ یِتھ وُری گُزرتھ اُردو زبانی ہندِس مایہٕ ناز شاعر ابو الاثر حفیظ جالندھری یس تاریخ اسلامس شاہنامۂ اسلام وَننُک جواز بلیزیوو۔ یمنے زمینی پزرن ہندِس تناظرس منز چھ منے پیشِ آمتس موضوعس تحت یِتھ مقالس منز. فردوسی یس بروٚنٹھ پانژن شہنامن بلیہٕ تس پتہٕ صرف کشیرِ منز. اَمہٕ شہنامہٕ کِہن سام پہلوان ہوٚن کردارن ہندِ حوالہ یا اَمہٕ کِہن جُزوی ترجمن پیٹھ مبنی کارنامن ہندِ حوالہ ترین ژورن کاشرین قلمکارن تہٕ شاعرن ہُند تعارف کم از کم حاشیِن منز دِیُن تہٕ لازمی باسان۔

یہٕ کتھ آسہٕ فارسی زبان و ادب کیو طالبہٕ علمو منز تہٕ کھلے کانہہ زانان زِ ایرانس منز اوس گوڈنیک شاہنامہٕ فردوسس بروٚنٹھ قریباً ژور ہتھ وُری یعنی نوشیروان عادل (۵۳۱ - ۵۷۹ء) ہندِس دورس منز "خوتای نامک" ناوس تحت پہلوی پاٹھی لیکھنا وَننہٕ آمت یمہ سٹھاہ اشتیاقہٕ سان تِہنز ذاتی معالج حکیم برزویہٕ سِندی ذٔسی کشیرِ پیٹھ "تانتر اکھیایک" نامی نسخہٕ ایران واتناوِتھ پہلوی یس منز.

ترجمہ کرناویودیُس عالمی شہرت لبِن واجنبن کلیلہ ودمنہ پنٕچ تنتر بنیہِ انوار سہیلی ہِشن کتابن ہُند آگُر ماننہٕ چھُ
یوان۔ خوتای نامک ناوکِس پہلوی شہنشاہس کرنوو عظیم علم پرور تہٕ ادب دوست خلیفہٕ ہارون رشیدنٕ
ابو جعفر منصور ناوکی حدن (۱۳۶ھ - ۱۵۸ھ) ابن مقفع ہس اَتھٕ عربی یَس منٛز سیر الملوک ناوس تحت
تتھے پاٹھی ترجمہ یتھ پاٹھی پہلوی تانتر اکھیایہ کس مُسودس اُمی سے اَتھٕ ترجمہ کرناونہٕ اوس آمُت۔ ازکل
نہٕ چھُ سُہ شیمہ صدی عیسوی ہُند پہلوی شہنامے کُنہ جایہ دستیاب تہٕ نہٕ اٹھمہ صدی عیسوی منٛز تمہ کِس
ترجمس پیٹھ مبنی عربی سیر الملوک۔ بلکہ چھُنہٕ دٔہمہ صدی عیسوی دوران فردوسی یُس برونٛہہ پہن لیکھنہٕ آمُت
المؤید بلخی سُند نثری شہنامہ تہٕ امہِ پتے لیکھنہٕ آمتہِ ابو علی بلخی ہندِ شہنامکی پاٹھی کانہہ نُسخ موجود۔ خود فردوسی
یس چھُ پانس برونٛہہ لیکھنہٕ آمتیو تھیو شاہنامو منٛز۔ صرف تمہٕ اکہِ شہنامک جزوی مواد لکار لگان یُس
خراسانکی سپہ سالار ابو منصور عبدالرزاق نِنس ہمنام وزیر ابو منصور المعمری ہندِ اشتراکہ سیتی سیٹھاہ تفصیلہ
سان لیو کھمت چھُ آسان۔ امی آیہ جھس مسعودی مروزی ہندی کرٕ تام شعر تہٕ قدیم پہلوانن متعلق حماسہ
سرائی رٔنگ اَتھ یوان۔ مگر اساطیری دورکین قدیم ایرانی حکمرانن متعلق باستان شناس محقق ہندِ وننہٕ موجب
تقریباً وُہن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل یُس ضخیم دفتر فردوسی یَس اَتھ لگان چھُ سُہ چھُ دقیقی سند گرشاسپ نامہ
یا شاہنامہٕ دقیقی آسان پیٹھ چھُ فردوسی یس برونٛہہ فارسی شاعری ہُند اظہار زیادٕ سلیس تہٕ روان بناونس
وول تُسند اہم ترین پیشرو تہٕ یونٕے دقیقی آسان گویا تسنٕدے وَتہ رٔٹہ چھُ فردوسی فارسی یس پیٹھ عربی
لفظن ہُند غلبہ کم کرنٕچ ترٛاے رٹان شعر العجم منٛز چھُ دقیقی ہندِس اَتھ امتیازس تہٕ کمالس کُن یتھ پاٹھی اشارہ
کرنہٕ آمُت "۔ جب دقیقی کا یہ کمال مشہور ہوا تو نوح بن منصور (سامانی حکمران) نے دربار (واقع بخارا) میں
بلا کر شاہنامہ کی تصنیف کی خدمت اس کے سپرد کرلی۔ دقیقی اپنے زور بازو کا اندازہ کر چکا تھا اُس نے یہ خدمت
قبول کی اور کم وبیش بیس ہزار شعر لکھے... سب سے پہلے جس نے فارسی زبان کو دیگر زبانوں کی آمیزش
سے رہا کر کے مُستقل زبان کی حیثیت قائم کی وہ دقیقی ہی ہے"۔

فردوسی چھُنہٕ فقط یِنہٕ شاہنامچ بُنیاد گُشتاسپ نامہٕ دقیقی بایتھ ژارنہٕ آمژ متقارب ناوچ بحر پیٹھ
قایم کران بلکہ وُسعت دلی کام ہیتھ از روے قدر دانی دقیقی ہندی ساسہ بدی شعر اکہ ساسہ شعرکہ اعترافہ

سان تقریباً شیٹھن ساسن شعرن ہنٛدٕ مشتمل پٔنٛنِس شاہنامس منٛز شامل تھٲوان ۔ دقیقی سُند خوابس منٛز
ییٚتھ فردوسی یَس کینٛژن کتھن ہُنٛد خاص مشورٕ دِیُن چھُ پانہٕ فردوسی یمِن لفظن منٛز دٲران :۔
کنون رازہا باز جویم ترا حدیثِ دقیقی بگویم ترا وٕ نی بوزناوتھ بہٕ ژٕ کینہہ سِرٕ کتھ دٕپھ ژٕ دقیقی
سٕنٛد اَسہٕ درامژ کتھ بوزناوتھ

شہنشاہِ محمود گیرندہ شہر زشادی بہرکس رسانندہ بہر پادشاہن ہُنٛد چھُ پادشاہ واریاہ شہر فتح کرن وول محمود
غزنوی سُہ چھُ پرٛتھ اَکس فایدٕ واتناوان ۔

بدین نامہ گرچند لبشتافتی کنوں ہرچہ جستے ہمہ یافتی اے فردوسی اگر تس میون شاہنامہ اتھ ییہ یُس
لبِہ تہٕ سورُے یہ تس مطلوب آسہ ہے ۔

شعرالعجم کس مُصنفس سان چھ کینہہ محقق دقیقی سُند اَکے ساس شعر ونس متعلق یہ شعر فردوسی
سُند اوڈُے پوزونگ اقدام زانان تکیاز فردوسی چھ امہِ پتے دقیقی یس کمتر بناوِتھ پانس تھر دِیُن ہوان
زگشتاسپ وارجاسپ بیتے ہزار بگفتم سر آمد مرا روزگار ۔ بقول فردوسی چھُ دقیقی خوابس منٛز ۔ تس ونان
زمے اوس وُنہٕ کُل شعر ساسا (گشتاسپ تار جاسپ) وٕنمٕت اُتی آم اجل ۔ فردوسی چھُ یہ شعر
تہٕ خوابی آمتس دقیقی یس کُنے منسوب کران زِ اگر میون یہ مولُل تہٕ قابلِ قدر کارنامہ شہنشاہ محمودس
نش واتہٕ اُتی واتہٕ میون روٗح زُونہٕ ہیٚتھ مگر ییژ کامہِ ہن خوابی آمتس دقیقی یس ہیٚتھ چھُنہٕ فردوسی
صرف تسُند شعر سرمایہ نی شعر اکھ سوہٕ ہنز ۔ اشرفی میلیچہ آشہ وٲکس پٔنٛنِس دفترس منٛز شامل کران
بلکہ چھُ طوطہ چشم بنتھ امہِ پتے پٔنٛنِن شعرن مُقابلہٕ تہنٛدی شعر اَکس نابکار سٕنٛدی شعر قرار دِوان گویا اکہِ پرٛاژِ
تعریف کرنہٕ پتے چھُ بییہِ پرٛاژِ تس لیکہ ژارنہٕ ہیوان بلکہ چھُ مدحہ منٛزے سُہ ذم برآمد کران ۔ مدح ییٚتھ کٔنی ے
گراں نامہ نزدِ شہنشہ رسد روانِ من ازخاک برمہ رسد ۔ یعنے شہنشاہ محمودنہٕ پذیرائی ستی یُس شاہنامہ
خوش فہم دقیقی سُند روح زُونہٕ ہیٚتھ واتناوِ تہمِکی شعر چھُ فردوسی محض امہِ غرضہٕ پٔنٛنِس شاہنامس منٛز
شامل کران ییٚتھ زن شہنشاہ فردوسی ہوِس پوٗختہٕ کارس مقابلہٕ اَکس نابکارس پانے پرزناوِ مدحہ اَندر
برآمد گومُت ذم چھُ یمن لفظن ہیٚتھ مشتمل ے من این زان نوشتم کہ تا شہریار بداند سخن گفتن نابکار

فارسی شاعری ہُند صفِ اوٚلُک نقاد علامہ شبلی چھُ فردوسی ہندِس "اِسی سے ٹھنڈا اِسی سے گرم" اَتھ دقیقی نِکن زوٚدِ یَس کمینہ گی وَننہٕ بجایہ بَڈٕ شائستہ زبانٕ منز یِتہٕ لیکھان کہ" اگر دقیقی کا کلام نقل کرنے سے اپنے اشعار کو چمکانا ہی مقصود تھا تو اُس غریب پر احسان رکھنے کی کیا ضرورت تھی۔ اس سے اندازہ کرنا چاہئے کہ سلطان محمود کی ہجو میں کس حد تک واقعیت کا پہلو ہوگا۔" مگر علامہ شبلی یِس برعکس چھُ فردوسی کٲشُر عبدالوہاب حاجنی تس جنٕس کوٚ جِن تہٕ گرِ یِتِس وچاپہ گرِ یوٚس لاگِتھ متان تہٕ کٲشرِس شہنامس منز فردوسی سُند فنکارانہ مرتبہ تسلیم کرنہٕ باوجود تَسندِس کارنامس اَکھ زیُک بلند قرار دِوان عبدالوہاب چھُ ژکہِ اَکِس شہنامہ خوان مولوی صابنہٕ اَتھ کتھِ پیٹھ مشتعل گومُت آسان یَمہ وۄنمُت اوس زِ تَس کوٹھس چھُ فردوسی سُند شہنامہ مولانا رومی ہنٛز مثنوی کھوتہٕ ٹوٹھ اَمی کتھِ ہُند اِشتعال تہٕ تار چھُ تَس تقریباً وُہن ورِ یَن للہِ وُن پیوان اَدِ چھُ سُہ پانَس برٛونٹھ وَننہٕ آمتیو کینژَو جُزوی کٲشرِ یو شہنامو نسبت ضخیم تر شاہنامہ بارَس اَنِتھ ہکان حالانکہ سُہ چھُنہٕ فارسی شاہنامُک پوٗرٕ ترجمہ یا احاطہ کران۔ ہم عصر مولوی صابُن خارٕ ژلناوُنہٕ بایَتھ چھُ حاجنی فردوسی یَس تہٕ خبر ہوان یَیلہِ سُہ مُنہٕ کارنامُک سببِ تالیف یِتھ پاٹھی لفظاوان چھُ زِ مِنٛے یُس شاہنامہ تَس مولوی یَس نِش کینژَن دوہن برائے مُطالعہ اوٚنمُت اوس یَیلہِ نہٕ سُہ مولوی صابس جل والِس میوٚل سُہ بیوٚو مرِنَس تہٕ کھٕبن جِن تراوِنس شیچھ ہیتھ روٗد عبدالوہابس اَکِس پتہٕ اَکھ نفر وُگرایہ واتان آخری وُگرا یہ واکہ نفرَن ووٚنُس:

چھُ گومُت سیٹھاہ مضطرب مولوی
چھُ تَس ٹوٹھ شہنامہ ازٕ" مثنوی"

تہٕ بوٗزِتھ بہ غیرت سیٹھاہ خارِ گوم
ازان کینہٕ زَن میٚے وَسے نارِ پیوم

سَبب یَتھ چھُ از خارِ بازی بنُن
گژھیم رائے شہنامہ کٲشُر وَنُن

گژھیا تس کلامِ دروٗنگُ ہوا
زِ شرحِ احادیث بہتر یہ چھا؟

زِ شرحِ احادیث و آیاتِ حق
گژھیس ٹوٹھ ایں قصۂ بے سبق!

چھُ سورُے کلامِ دروغ و خراب
چھُ راوی اَمیُک یِی وَنان از صواب:

"کہ ہرگز نہ این نظم آراستم
بگفتم درو ہر چہ خوٗد خواستم"

بہ میدان بخاطر گنڈتھ دراس ہوٗل　　　تہی دست چھُمہٕ اَتھے ہار نوٗل
الٰہی بہ خامی کوٗرم کارِ خام　　　یہِ قصہ ژٕ وونی واتناوُم تمام

عبدالوہاب چھُ فردوسی ہندِس "ہرچہ خود خواستم" وننس کلام اللہ تہٕ احادیث بالائے طاق تھونُک ہیوٗ ارتکاب زانان بلکہ چھُ تس وَنہٕ ڈوٗلمُت مجوسی یا آتش پرست قرار دِنہٕ والین نقادن ہندی پاٹھی تمِس تردید باطل کرنہٕ باپتھ ہوٗل گنڈان۔ امہِ لحاظہٕ چھُ وہاب پرے فارسی شاہنامس ترجمہ کرنہٕ بجاے دراصل اتھ عالمی شہرتہٕ واکِس کارنامس کینژن جاین ہجرتہٕ کینژن جاین اَربر کاسنُک اِرتکاب کران مثلاً ہجرک بوٗڈ ارتکاب چھُ عبدالوہابنہٕ نظرِ منز۔ فِردوسی تتھن کران یِتہٕ سہٕ ایرانچہِ قدیم آتش پرستی بیٚیہِ شاہ پرستی پیٹھ مبنی مشرکانہ ایرانی کلچرس آے کانچھان چھُ تہٕ آتش پرستی کیو شاہ پرستی ہوٗل پژاٹھ والین یا اسلامُک تبلیغ واشاعت کرن والین عرب مُبلغن تہٕ غازین وۄنتھ دود چینہٕ واکی تہٕ کِنکہ لچہِ کھینہٕ واکی وٚنتھ حقارت کرنی چھُ ہوان یتھ پاٹھی:-

زِشیرِ شتر خوردن وسوسمار　　　عرب را بجاے رسیدہ است کار
کہ تاجِ کیان را کُنند آرزو　　　تفو بر توٗ اے چرخِ گردوں تفو

یٚمہِ آیہِ فردوسی عربن بلا امتیاز ہڈان ہڈان آسمانس تہٕ تھوکہٕ لایان چھُ تمہِ آیہِ چھُ کینژو نقادو بوایسی فردوسی یِس تہِ سیٹھاہ بدرد وۄنمت مگر عبدالوہاب حاجنی یِنیتِن فردوسی ہندِ ن مُتعصبانہ خیالن مومنانہ جرأتہٕ سان ردکران چھُ، تتہِ چھُ سہٕ امرأالقیس تام اشعرالشعراء زانُنک انصاف نظرِ تل اَنتھ فردوسی ہنز۔ فنکارانہ عظمت تہٕ وُزھ وانچہِ تسلیم کران مثلاً یِیلہٕ سہٕ زمینس پیٹھ آدم زادن ہُندکنہٕ ذات پاتہٕ روٗس بیٚیہِ عرب وعجم کِہ نسلی تعصبہٕ روٗس بارسس یُن خود فردوسی ہندِ حوالہٕ کاشراوان چھُ اَتی چھُ وَنان:-

سہٕ فردوسیٔ طوس سرِ شاعران　　　چھُ در ابتدایی روایت کران
خُداین یہِ خلقت کرن یام بوٗد　　　اُرن خلق از پُشتِ آدم وجوٗد
رکہہ ومہہ دران وقت یکسان آسی　　　اَکِس اکھ نہٕ تم زیرِ فرمان آسی

نہ اسباب اوسُک نہ ستر و پوشاک ۔۔۔ یہان آسی غارن اندر بیم ناک
دلون سِتۍ اوسُکھ شب و روز جنگ ۔۔۔ توے آسی آسان پریشان و تنگ

وہاب حاجنی چھُ ہمزبانن تعصب ژلناونک غرضہٕ شاہنامہ کس ترتیبس پیٚٹھ وِس کرنک اشارٕ دِنہٕ علاوٕ غیرتس تحت کاشرِن بیٚنہٕ پسماندہ تہٕ شاہی رعایژ نِشہٕ محرُوم ماجہ زیوٚ کُن تہِ پانٕ متوجہ کران :۔

زِ غیرت دِلس گوم غالب ہوس ۔۔۔ یہٕ شہنامہٕ کاشُر وٚونم پیٚٹھ وِس
تھوٚوُم کاشرِن کیٚت یہٕ شہنامہٕ ڈٲلی ۔۔۔ تھکن تم تہٕ ووٚنی آسی چھِ شہنامہٕ وٲلی
بَبازار ارزان یہٕ تھوٚوُم کرِتھ ۔۔۔ بِنہٕ داوٕ دُر دانہٕ تھوٚوُم جرِتھ

واریاہن جاین فردوسی یَس سِتۍ شدید نظریاتی اِختلاف ہاوِنہٕ باوجُود چھُ عبدالوہاب حاجنی تیٚنٛدی پانٛژٕ سلیس تہٕ روان اظہار کاشرِ زبٲنی منز بھانچھلاونُک امار للوان مگر سُہ چھُ طوالتس برعکس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اختصارس کٲم ہیوان مثلاً شاہنامس اندر یم قصہٕ فردوسی ین جمشیدنِس عروج و زوالس تقریباً ترٛین ہتن شعرن منز ۔ نظماوِ متۍ چھِ تیٚہند تلخیص چھُ عبدالوہاب تقریباً پانژٕہِ سلیس شعرن منز پیٚش کران مگر یہٕ کرنَس دوران چھُ سُہ قدیم ایرانکۍ ژور پانژھ اساطیری کردار تہٕ چھینہٕ دِوان بلکہ چھُ سُہ ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادٕ اختصارس کٲم ہیٚتھ عقیدتَس تہٕ عقل و حکمتس پیٚٹھ مبنی یتھی ہوی شعر تہٕ چھُ ترٛاوان ۔

بنامِ خداوندِ جان و خرد ۔۔۔ کزین برتر اندیشہ برنگذرد
خداوندِ نام و خداوندِ جای ۔۔۔ خداوندِ روزی دِہ و رہنمای
زِ نام و نشان و گمان برتر است ۔۔۔ نگارندہٕ برشدہ گوہر است
توانا بود ہر کہ دانا بود ۔۔۔ بدانش دلِ پیر برنا بود
ازین پردہ برتر سخن گاہ نیست ۔۔۔ بہستیش اندیشہ را راہ نیست
خِرد افسرِ شہریاران بود ۔۔۔ خِرد زیورِ نامداران بود

برنج اندراست اے خردمند گنج　　نیابد کسے گنج نابردہ رنج

اگر چشم داری بہ دیگر سرائے　　بنزدِ نبیؐ و وصیؑ گیر جائے

دِلت گر براہِ خطا مائیست　　ترا دشمن اندر جہان خود دِلست

فردوسی ہندِس مفصل وطویل اظہارس برعکس کرِ قسمکُ تلخیص چھُ کاشرِ شاہنامُک مؤلف بارس اَمان تمیک عکس ہیکوِ تھُد ایرانہٕ کین اولین ستن اساطیری حُکمرانن ہندِس مفصل تعارفس ژرٕ کِیٹ کرنہٕ آمتین یمَن ژتوہن شعرن ۲۲ پیٹھ مبنی منظر نامس منز بخوبی وُچھتھ:-

اول نام شاہی یمِس اَرث اوس　　تمِس ناوشاہِ کیومرث اوس

کرُن استقامت بہ سرشکری　　اَمِن خلق تمی زیرِ فرمان بری

سیامکُ تمِس خاصہ فرزند اوس　　سُہ مارِس کھوتہٕ پیٹہٕ خردمند اوس

دیوا اکھ ستمگار پرُہول و بیم　　مقابل تمِس آو ناگاہ غنیم

کوٚرُن مار شہزاد در کارزار　　پیٹھ خلق آوار ساری فرار

بہ یک سال تھو ماتمس اوس شاہ　　پریشان بارنج وافسوس و آہ

پس از سال تس آو ناگاہ ندا　　گیِس کنٕ یکھ از دور غیبی صدا

بہ جلدی ژٕ کر جنگہٕ کے انتظام　　ہوان گژھ دیوَن خونہٕ کے اِنتقام

تہٕ بوزِتھ کیومرث گو وفوج ہتھ　　بہ صد کینہٕ دیون کرُن بتہٕ وتھ

بہ مردانگی دیو مارِتھ تمام　　ہیوٚتھ وارِ شہزادِ سُند انتقام

چھُ راوی لیکھان شاہ طہمورث موو　　تسندے پتھٕ سُہ شاہ جمشید روٗد

سُہ جمشید شہ اوس فرخندہ خوے　　بہ حکمت کوٚرُن درجہان جستجوے

بتدبیر اسبابِ آہن گری　　گزارن شب و روز پانتراہ وٕری

تمی کوٚرُن ینِدر تہٕ یونے تیار　　ژ آہن بحکمت کڈن پیرہ نار

بہ نوروز احوالِ سالِ تمام　　وُچھان اوس جمشید از روے جام

سپُن مست و مغرور از مال و زر — سپُن پرٛتھ اکھا تَس نٔشے نامور

وڈنے تمہِ سرِ لشکر و اہلِ کار — مینے کوٗر مال و اسبابِ دُنیا تیار

دِتُن یِمو تمہِ تو ہے زورتے زُو تہٕ جان — و نان کو پہ چھو تس خدائے جہاں

اُنِ یام جمشید شاہس خودی — بہ مستی دِتِن تمہِ دِم ایزدی

زنخوت بدر گاہِ حق رَد سپُن — خُدائن لوٗدُس راہ مُرتد سپُن

سُہ یامتھ خُدائس سپُن ناسپاس — بہ ذلت سپُن گیر افلاس آس

بہ جنگ آوری آو ضحاک تَس — بخوآری کوٗ ڈُن جانِ ناپاکِ تَس

عبدالوہاب حاجنی چھُ فردوسی ہندی پاٹھی صنایع بدایع ورتاوتہٕ علاوٕ پننہِ زبانٕ ہندی محاورٕ تہٕ اُستادانہٕ چابکدستی سان بروے کاران مثلاً جمشید مارنہٕ برونٹھ سرِ دربارس تہٕ ضحاکس درمیان واقع سپدن والہٕ مکالمہ کین یمن کینژن شعرن اندر :۔

دوٗپُس باز جمشیدن اے سرفراز — ازین بیش بَر پادشاہی مہ ناز

بہ کوٗرتھس ژٕنے آوارتے دربدر — ژٕنے بیا کھاکڈی لغ۔ شئے مغز سر

تہٕ بوزِتھ سُہ ضحاک خونخوار گوو — ویرٕ ہیُس کیا؟ تمس ژٕن پیٹھے نار پیو

سُہ چھُ لفظ "نار" کہ حوالہٕ پننہِ ژٕکھِ متعلق اکھ زوردار تشبیہہ محض اَمہ غرضہٕ بارسس اَنان یُتھ ژٕن اُپزِس شہنامس مقابلہٕ پزِس پیٹھ مبنی مثنوی سرس آسنچ کُتھ سارنے محسوس کرناو

تہٕ بوزِتھ بہ غیرت مُٹھاہ خار گوم — ازان کینہ ژٕن مینے وَسے نار پیوم

چھُ تمہیدِ این داستان یژٕ دروغ — بس از جہل ونارا ستی بے فروغ

وہاب پرے چھُنہٕ پننس وَتہٕ ہاوکس تہٕ بیشرؤس نیم دِلانہ تعریفو ژنگہ تھوٗد تُھکھ دب دِنچ بدخوئی ہاوان بلکہ چھُ سام نامچہ تشکیل منز جزوی شاہنامہٕ لیکھن والس امیر شاہ کریری سُندے بے پناہ احسان باوژمنز۔ اُنان یتھ پاٹھی :۔

بکشمیر سامس کوٗرُن زندہ نام — دِتُن دادِ عشق بیری دُخت وسام

سہ صاحب چھُ اَز قوم سادات وبیر | درین وقت مشہور سیّد امیر
تھدِس پرتِس آب کھورُن تمی | بصد پختگی محنتہ ہورُن تمی
تِہندی شعر زِن شکر و قند چھی | بہر بیت صد نکتۂ پند چھی

امیر شاہ کریری سُند یُہے بجرتہ امتیاز چھُ کاشُر شاعری ہندِس بہلہ پایہ محقق عبدالاحد آزادس یہ پیٚو رُونناوان زِ کاشرِس منز چھِ اُمی سارِوے کھوتہ جان جنگ نامہ لیکھمتی۔ یہ کرِ آزادنس اَتھ بیانس یہ اضافہ تہ زِ وہاب پرے تہ علی شاہ ہرل ہوین رزم گو شاعرن منز امیر شاہ کریری شامِل آسنہٕ بیتری چھُ رزم گویی اندر کمراز مرازس تیوٗتے سرس یوٗت پختہ کارانہ غزلگویی منز محمود گامی تہ مہجوُر ہوین لولہ شاعرن منز۔ رسول میر شامِل آسنہٕ بیتری مراز کمرازس پیٹھ سرس بنیو مُت چھُ بلکہ چھُ یتھِس رزم گو سُند پختہ شعور تہ باریک بین مشاہدٕ و چھتھ امین کامِلن سہ کھلہ بُچھ بیان یا تہ قابِل تردید باسان یُس پرتھ کاشرِس رزمس جنگہ روٗس جنگنامہ زانگ SWEEPING REMARK تاثُر دِوان چھُ۔ تقابلی مطالعہ کتھ اَنز واتناوتہ برٕونٹھ چھُ لمحۂ فکریہ یاد کرن واجنین ثقافتی اہمیتہ ہنزن پرتھن کتھن تہ سنٕز زِ یُس تعصُب فردوسی علم پرور تہ حق پرست عربن خلاف ظاہر چھُ کران اَتھ برعکس چھُ وہاب پرے تہ امیر شاہ ہیو پرتھ کاشُر مثنوی نگار ایرانی ین احترام تہ عقیدت پیش کران بلکہ چھُ مے یقین زِ تمو آسہ ہے بینین پیشرو سنسکرت مورّخ شاعرن ہند تشکر تہ ورتھ وانجہ کو رمُت اگر تمن اَتھ قابِل غور نو کتس کُن ظلون آسہ ہے گومُت زِ صدی وادن (ژوداہمہ صدی برونٹھ) ایرانس تہ کشیر درمیان قایم روٗدی متین تجارتی تہ ثقافتی رشتن ہندِس تناظرس منز چھُ ذہمہ صدی عیسوی دوران عالمی شہرت لبن وول شاہنامہ کاشرین حکمرانن تہ شاعرن کیُت تہ اَکھ چیلنج بنان یمہ کِس نتیجس منز کہمہ صدی ہندِس راجہ اونتی ورمن ہندِس ونِنس پیٹھ رتناکر پران تہ بہمہ صدی ہندس راجہ سو سلنس ونِنس پیٹھ کلہن پنڈتن راج ترنگنی یا راز نامہ بارسس یوان چھُ بلکہ یمیک سلسلہ زونراج تہ شری ورہو شاعر تہ برونہہ پکناوان چھُ۔ یوٗتس دمواسی فردوسی ہندین تقریباً شٹھن ساسن شعرن ہُند شہنامہ صرف کاشرین تقریباً شن ساسن شعرن منز۔ وہیر اونگ کمال ہاون وانکس وہاب

صائبس داد بقولِ "خُذْ مَا صفا ودع ما كدر" اصولس تحت كائنڙي پاڻ شهنامس شوڙ بخشيو اٿو اکو طبعزاد كارنامو باشاهن واڪن تان ٿيندڙ ڪيترن ٿيئڻن با محاوره ۽ پرُحڪمت شعرن سنيٺو :-

الٰهي بہ خامي ڪوڙم ڪارِ خام
يہ قصہ ڙو وھني وانتاوم تمام

نہ شعرڪ شعورانہ ميرے عقل ورلے
براءِ سفر دراس بے دست وپاڻي

وہاٻو درين قصہ تعجيل ڪر
بہ غيرت ڙتے پانس هيو تهو دردِ سر

بخامي ڙهنٺو پاءِ نارس اندر
ٿيس ڪثرتِ ڪاروبارس اندر

درين تنگي ۽ ڪثرتِ ڪاروبار
شب و روز محنت ڪرم اختيار

ميرے اوسم نہ در دل ڇہ ڪيهہ اعتماد
گرهيم ختم شهنامہ طبع زاد

سين ختم از فضلِ پرودگار
ٿووم نام خود زنده در روزگار

•

گو از ڪارِ خود رُستمِ پهلوان
پريشان، پراگنده تے نيم جان

بجلدي ڏيتن سجده بر روئے خاڪ
وودان دل اوڻن سوئے يزدانِ پاڪ

الٰهي پراگنده تے خوار ٿيس
بہ چنگالِ دشمن گرفتار ٿيس

الٰهي بيسے لوچڙ ڪي زور دم
فتح بر بداندیش في الفور دم

خدايا ازين فوجِ بيداد گر
دتم ڙے رهائي بہ فتح و ظفر

ل زمانچہ اٿو ستم ظريفي ڪيا ڏنو زِ شيخ، مير، گنگائي ۽ صوفي لفظن هندي پاڻ آو "شاه" لفظس ۽ اخلاقي ۽ اقتصادي نيتي واليو ڪينڙ و خود نمانفر و ياخاندانو ڏيس ناخوشگوار تنزل حصہ خاص ڪرٿو بنيو و يہ لفظ ڪرام ياذات بدلاون والين هند هدفِ ستم، ڀيہ ڪنڌ قابلِ رحم ڪُڻ فقيرن هندي پاڻ دار ياهو نو دوليتو ۽ وزيب ڪاروتہ پانس شاه دننگ ارتڪاب ڪرٿو پر ذي رشتہ ڪارنگ يا نوين نسبتين منز. پانس ٿرکالنگ اقدام

کور۔

۵۔ ڈہمہٕ صدی عیسوی دوران مکمل گژھتھ عالم گیر شہرت لبن والہٕ فردوسی سند شاہنامُک فوری اثر
کشیرِ ہندین رازن تہٕ شاعرن پیٹھ پیوٗن ہکو نہٕ آسہِ ہرگز نظرانداز کرِتھ خاص کرِتھ یہ پزٕ نظرِ تل
انُھ زِ ژوداہمہٕ صدی عیسوی دوران ایرانی ساداتن تہٕ وسط ایشیائی مُبلغن ہندِ کشیرِ ینہٕ برونٹھ اوس
صدی وادن کشیرِ تہٕ ایرانس درمیان مضبوط ثقافتی کیو تجارتی رشتہٕ قایم یمہ کنہٕ کنہمہٕ تہٕ ہہمہٕ
صدی عیسوی دوران بالترتیب رازہ اونتی ورمن سندِ ونہٕ رتناکر پُران تہٕ رازہ سوسلنہٕ ونہٕ
کلہن سنز۔ راج ترنگنی یارازہ نامہٕ نظاونہٕ یِن تہٕ چھُ غورطلب حدس تام شہنامہٕ نشہ تحریک
لبنُک نتیجہ اوسمُت۔ مگر لفظ شاہنامہٕ باضابطہٕ ناوس منز۔ شامل کرِتھ یُس کارنامہٕ درجواب
آن غزل بارس آوسہ اوس عبدالوہابنہٕ کاشرِ شہنامہٕ برونٹھ تقریباً ڈوڈ ہتھ ؤری سنہ ۱۱۷۳ھ
یا ۱۷۶۰ء منز۔ مولانا عبدالوہاب شایقن راجہ سُکھ جیون مل سنزِ فرمایشہِ پیٹھ رواں تہٕ سلیس
فارسی یس منز۔ مکمل کورمُت شہنامہٕ کشمیر۔ یتھ موضوع کہ حوالہٕ روضتہ الاولیاء ناو اوس تھونہٕ
آمُت گر تاریخ تصنیف کڈنہٕ باپتھ اوس ریاض السّلام تہٕ ونہٕ یوان۔ کشمیری سلطان
ہندی پاٹھی فارسی شعر وادبچ زبردست قدردانی کرن والس راجہ سُکھ جیون ملُن ذکر چھُ شاہنامہٕ
کشیر کیو اضافی ناو وسان ہیٚہ وُنس تام دستیاب گامتین قریباً اکوہن ساسن پیٹھ مشتمل ترزن
مخطوطن اندرین افتتاحیہ شعرن ہنزِ شکلِ منز۔ نظر گژھان :ے

| | |
|---|---|
| ریاض السّلام ۱۱۷۳ھ آمدہ نام این | ہمین است تاریخ اتمام این |
| چو از ذکرِ سادات شُد جانفزا | توان گفتنش روضتہُ الاولیاء |
| جہان پہلوان راجۂ کامران | بہ رزم است چون رُستم داستان |
| تہمتن بمیدان اگر پُرفن است | زِشاگردیٔ راجہ سُکھ جیون است |
| زِزر بخشیٔ آن بہارِ سخا | چو گُل ہر کیے شُد مُرصع قبا |
| بہ بیشش رسد ہرکہ زِ اہلِ قلم | بسر سبزیٔ سرو گردد علم |

شُد از لطف، آن راجۂ نکتہ دان | بہ من از لبِ لعل گوھر فشان
کہ خواہم ز اعجوبۂ روزگار! | بماند بہ مانامۂ یادگار!
کہن گشت شہنامۂ ہای قدیم | بُود تازہ مقبولِ طبعِ سلیم
زِ تاریخِ کشمیرِ جنت نظیر | ز ہر واقعۂ کان بُود ناگزیر
سخن پروران قصہ ہا سر کنند | مُنظِم سخن عقدِ گوہر کُنند۔
بہ نظم آوَرَد ہر یکے قصۂ | بنامت مقرر شُد از حصۂ
بعرضش رساندم ز رویِ نیاز | کہ با عود نمی بینم ایں برگ و ساز
کہ از عہدۂ آن بر آیم نکو | مرا نیست سامانِ اینِ گفتگو
ولیکن بفرمانت ای نامدار | شوم نغمہ سنجِ وطن چون ہزار
سخن از بزرگانِ دین سر کُنم | من این نامہ را گنجِ گوہر کُنم
کُنم ذِکرِ ساداتِ روشن روان | زشاہان بتقریب سازم بیان
نویسم زِ ساداتِ والا تبار | دِگر از شیوخِ سعادت شعار
ہم از ریشیانِ کرامت نشان | ہم از عالمانِ عمل اقتران

یم شعر چھ شاہنامۂ کشمیر کین سارِنے معنوی تہ موضوٗعی پہلوٗن مُنٛد اکھ جامع تہ فکر انگیز احاطہٕ کران لہاذا پزِ ثقافتِ کشمیر زانٛنُک شوق تھوٗن والین اتھ تہ ضروٗر مطالعہ کرُن۔

# یوسف زلیخا

ناجی منور

## تقابلی سام

حضرت یوسف علیہ السلامن ہند قصہ چھ عالمی ادبک واحد قصہ یُس تا شوق ، قصہ آسنہ ، تقدّس تہ عرفانک آگر چھ مانہ یوان ، یتھ منز مردانہ جمالک جلال تہ موجود چھ تہ نسوانی کمزوری ین ہنز باوتھ تہ نیٚز پاٹھی کرنہ آمژ چھے۔ حُسنک پیکر پیغمبر حضرت یوسف ہندس اتھ قصس چھ قرآن کریمس منز احسن القصص وننہ آمت "نحن نقص علیك احسن القصص بما اوحینا الیك ھذا القرآن"۔ یعنے اے محمدؐ ! یہ قرآن چھن اسی بہترین طریقہ واقاتن تہ حقیقتن منز بیان کران"۔ یہ الہامی قصہ چھ عالمی ادبس منز گوڈ پیٹھے سارۍ وے کھوتہ زیادٕ مقبول رودمت۔ اتھ قصس یوتاہ تھود تقدس اسلامس منز حاصل چھ تیوتے تھز رژھس عیسائے مذہبس منز تہ۔ بائیبل تہ قرانِ کریمس منز چھ یہ قصہ ہرنے واقاتن پیٹھ مشتمل تہ حضور اکرم محمد مصطفیٰؐ اَس پیٹھ چھ یہ قصہ اوسبہ نازل سپدمت یتھ زن یتہ والی لوکھ عبرتھ رٹن تہ تہ کرن نہ یہ حضرت یوسفؑ ستی پننیو وورِ بایو کوٚر۔

لقد کان فی قصصھم عبرۃ لاولی الالباب

یعنے۔"پرانہ زمانہ کین لُکن ہندین یمن قصن منز چھ عقل تہ ہوش تھاون والین ہندِ خاطر عبرتھ"۔

امہِ قصک آگر چھ دریاے نیل تہ دریاے اردنک سہ علاقہ یتھ منز سامی انسان

ذاتہٕ ہندِ عظیم پیغمبرن ہُند سلسلہ ووتھمُت چھُ۔ اتھی علاقس منز آسی حضرت ابراہیم خلیل اللہؑ تہندی
فرزند حضرت اسماعیلؑ تہٕ حضرت اسحاقؑ۔ تہندی فرزند حضرت یعقوبؑ روزان۔ حضرت یعقوب
علیہ السلامس آسی ژورن آشنین ہندی باہ فرزند یموں منز حضرت یوسف علیہ السلام تہٕ تُہند
لوکُٹ بوے بن یمین اکے ہے آشنہٕ ہندی آسکھ۔ لوکُٹ، حیلن تہٕ وُتھیل آسنہٕ کِنۍ اوس
یوسُفؑ حضرت یعقوبؑس سارِوے کھوتہٕ ٹوٹھ اولاد۔ ییٚمہٕ موجب تسندین وورباین حضرت
یوسفنؑ سخت چھوشان آس۔ بائبل ہندِ لوعالمو مطابق آسی تِم اُزی کہٕ ناوکس نائلس شہرس
منز روزان تہٕ تسنز پادائش چھےٚ حضرت عیسیٰؑ ہس برونہہ سنہ ۱۹۰۶ء منز سپزمژ۔ تِم چھُو نان
زِ تہندامہِ قصُک آغاز چھُ سنہ ۱۸۹۰ ق م منز سپدان ییلہٕ حضرت یوسفن مأمس لش پننہٕ خارج باوتھ
کر۔ بائبلس مطابق چھُ تمہِ زمانہٕ کین مصری بادشاہن فرعونے وَنان یتھ تہٕ قرآن کریمہ تصدیق
چھُ کران۔ اسلامی عالمن ہندِ تحقیقہٕ موجب آسی تمہِ وقتہٕ پہلی پادشاہ HYKSOS KINGS
حکومت کران۔ یمن پادشاہن ہنز پانہ وأنی منزکری کنی سپُد حضرت یوسفسؑ تتہٕ عروج حاصل تہٕ
بنی اسرائیل قبیلس پیو مصرس منز بسنہٕ وَتھ موٚییر، مصریاکی عالم چھِ وَنان زِ تِم آسی تتہٕ حملہ آور
پوان مانہٕ تہٕ حضرت یوسفسؑ پتہٕ پانتژ ہتہٕ وُہری گے یمن بنی اسرائیلن خلاف تحریک شروع۔ یِم
پہلی پادشاہ آسی عرب نسلکی یمن تہٕ مصری مذہب کین دیوتاہن پیٹھ یقین اوس۔ حضرت یوسفؑ
نہٕ وقتہٕ یُس بادشاہ مصرس پیٹھ حکومت اوس کران تمس اوس اپوفس APOPHIS ناو۔
شاید چھُ قرآن تہٕ اسلامی رِوایتن منز اُمی ہے بادشاہس عزیز مصر وَنان تہٕ تمہِ سنز آشنہٕ زلیخا یہٕ
ہُند ناو چھُ گوڈنچہ "طلمود" کتابہٕ منز لیکھنہٕ آمت۔ عزیز مصر ہندِ مرنہٕ پتہٕ چھا زلیخایہ ہُند نکاح
حضرت یوسفسؑ ستی سپُدمُت تمیُک چھنہٕ اسلامی توارِیخس منز کُنہٕ جایہ ذکر۔

بہرحال دُنیہکس ادبی توارِیخس منز چھُ حضرت یوسفؑ نس قصس سیٹھاہ تھزر اہمیت
حاصل سپزمژ، امہٕ قصُک اکھ اکھ واقہٕ چھُ پرتھ زبانی ہندس ادبس منز۔ تلمیح زِنگو ورتاونہٕ یوان
تہٕ یہ سورُے قصہ چھُ اکھ سوعلامتھ یتھ منز۔ انسانی زندگی ہندی کتیاہ نسی ووگنی مثلن حُسن،

معصومیت، جلال، جمال، ژھل، حسد، بوغض، ظلم، ماے محبت سازشہ، انتقام، معافی سازینہ کیتھ بروٚنہہ کنُ یوان چھے۔ تاشوقہ قصہ آسِتھ تہِ چھُ یہ قصہ عرفانک تہ آگہی ہند سوٚدرُ ماننہ یوان، اتھ منز چھُ مردانہ جمالک احساس تہِ گنان تہ نسوانی خودسپردگی ہنز مثال تہ بروٚنہہ کنُ یوان۔ امہِ قصکی اہم واقات چھِ نوم :-

۱۔ شُری لاژی منز ے حضرت یوسفؑ خاب وُچھن زِ کاہ تارکھ تہ زوٚن افتاب چھِ تمس بروٚنہہ کنہِ سجدٕ دِوان، امہِ خابچ باوتھ ماٗلس لِسہٕ۔

۲۔ ووٚرِ بایَن لِسہٕ خابک تہ تمہِ کہِ تعبیرک انکشاف تہ تیہنز سازشہٕ۔

۳۔ ڈے دوٚہس یوسفس ازا دِین تہ جہس لاین۔

۴۔ کاروان کرٕ ذرٕیہ چاہ منز تیرن تہ وُہن دیناران کہنہ ین۔

۵۔ عزیزِ مصرنس دربارس منز غلام بنُن تہ تتہِ ملکی معاملات یچھنی۔

۶۔ عزیزس زنان زلیخا تس پیٹھ فریفتہ گژھنی، تَسندِس زالس منز نہ پھسِتھ تس اُپرٕ الزام لگُن تہ سُہ بے قصور ثابت گژھُن مصرچہ زنانہ تَسند حسن وُچھِتھ پنہٕ اتھ ژٹنی۔

۷۔ مصرکین امورِ سلطنتَس منز تَسند عمل دخل تہ وارٕ وارٕ مصرک حکمران بنُن۔

۸۔ کنعانک قحط تہ ووٚرِ بایَن ہنز ابتر حالت۔

۹۔ بِن یمینس ستی ملاقات، پننِ جامہ حضرت یعقوبؑس سوزُن تہ تَہنز ن اعمی اچھن گاش یِن۔

۱۰۔ انجام۔

حضرت یوسف علیہ السلام ہند یہ قصہ آسہِ میانہ خیالہ دُنیچہ ہرکُنہ بجہ کیو لوکچہ زبانی منز نظم کیو نثرٕ دوشوٕنی صوٚرژن منز لیکھنہ آمُت تہ ہرکُنہ صوٚرتس منز آسن بیوٚن بیوٚن شاعرو کیو نثر نگارو اتھ منز بیوٚن بیوٚن فنی زاوی جارٕنی کٔڈِمتہ۔

سر ثوبوُتھ قصہ علاوٕ چھِ امہِ کین واقعاتن ہندِ کہ اشارٕ تلمیحو زٕنگ غزلن نظمن رُباعین تہٕ قصیدن منز یِتھ وَتھ ورتاونہٕ یِوان ۔ مےٚ نش یِم صوٗرژ وُنی کین امہِ قصہٕ چہ قرآن کریم تہٕ بائبل علاوٕ بردنہہ کنہٕ چھہٕ تِم چھ لوٚم :-

۱۔ زلیخای فردوسی قلمی نسخہ ۱۲۷۸ھ (احمد حکیم کھوکھر ہامہ)

۲۔ زلیخای مولانا عبدالرحمان جامی ۔ سے قلمی نسخہ یُس محمود گامی ئس کاشُری پاٹھی زُلیخا لیکھنہٕ ورِ برونہہ کنہٕ اوس ۔

۳۔ تفسیر سورہ یوسف قلمی نسخہ بزبان اردو تصنیف حکیم محمد اشرف کانڈل (تحریر ۱۲۶۶ھ بدستخط مصنف)

۴۔ تفسیر سورہ یوسف بزبان کشمیری از مولوی انور شوپیانی چھاپ ۱۳۲۵ھ

۵۔ یوسف زلیخا از محمود گامی کلیات محمود گامی

۶۔ یوسف زلیخا از مقبول امرتسری قلمی نسخہ ریسرچ لائبریری سرینگر

۷۔ یوسف زلیخا از محی الدین مسکین سرائے بلی ۔

یِم ستہٕ وٕے کتابہٕ چھےٚ مثنوی ہنز۔ شارٕ ذاتٕ اندر لیکھنہٕ آمژٕ ۔ اردو زبانی منز مولانا اشرف کانڈلہ ہنز ۔ مثنوی تہٕ کاشُر زبانی منز مولوی انور شوپیانی ہنز مثنوی چھےٚ دعویٰ سان قرآن کریم کہ سورہ یوسف کہ تفسیر کس صورتس منز لیکھنہٕ آمژٕ ۔ دوشوٕنی مثنوی ین ہند تفسیر چھُ آیہ بہ آیہ سیُد مُت مگر دوشوے مُفسر حضرات چھہٕ تمہِ داستانوی اندازٕ نش لوٚب بچٕو متی روزِتھ یُس فردوسی ین یا مولانا جامی ین ورتومُت چھُ ۔ مولانا انورن چھُ زلیخایہ ہندِ زادو بومُک قصہ کتابہ ہندِس گوڈس پیٹھے لیوٚکھمُت تہٕ مولانا اشرفن تتھ جایہ ییٚتِن مصرس منز حضرت یوسف ٹلی چھُ یِوان ہینہٕ ۔

یِتھ جایہ کرو أسی ہیٚنہٕ مِسو کتابو منز کیٚنژن مقامن ہند تقوبل پیش تہٕ وُچھو اتھ قصس منز کوتاہ امکان چھُ سوخن آرائی تہٕ معنوی تہہ داری ہند ۔ فردوسی چھُ پننہِ مثنوی منز یوُسفؑ

نہ خابک واقعہ نومن شارن منز بیان کران سے

شبی خفتہ یُد یوسف پُر ہُنر — در آغوشِ آں کار دیدہ پدر

شنیدم کہ آں شب شب قدر بود — درخشندہ از لیلۃُ البدر بود

بخوابش نمود آنکہ خواب آفرید — گل و آتش و باد آب آفرید

کزیں اختراں یازدہ اسپہر — ابا ماہِ تاباں درخشندہ مہر

نہادند سیر پیش وے بر زمیں — ز تقدیر حکم جہاں آفریں

چناں دیدہ یُد یوسف دیں پرست — بلرزید از خواب نوشیں بجست

یوہے واقعہ چھُ مولانا جامی تتھے لیکھس منز۔ لیکھان زِ شاعری ہندی ساری اِمکان چھِ پَرن واٗلِس واشگاف گژھان۔

دلش بیدار و چشمش در شکر خواب — ندیدہ کس چنیں بیدار در خواب

بخوابِ خوش نہادن سر ببالیں — بخندہ لعل نوشیں کردہ شیریں

ز شیریں خندہ آں لعل شکر خند — بدل یعقوب را شوری در افگند

چو یوسف نرگس سیراب بکشاد — چو بخت خویش چشم از خواب بکشاد

بدو گفت ای شکر شرمندہ تو — چہ موجب داشت شکر خندہ تو

بگفتا خواب دیدم مہر و مہ را — ز رخشندہ کواکب یازدہ را

کہ یکسر داد تعظیم بدادند — بسجدہ پیش رویم سر نہادند

حضرت یعقوبؑس پنُن ژندبون پوتر لرزِ شونگتھ تہ تسُ وُوٹھن بیٹھ معصوم اٗسُن پھولان تہ یوہے واقعہ محمود گامی پننہِ مثنوی منز نومن شارن منز بیان کران سے

موج مویُس معصومس تے — پوبھ رووچھُن پننہ نے دستے

ٹوٹھ کیا گو وتس یعقوبس — اوس مشتاق راتس دوہس

اوس ہمن محراب یمن — سجدہ کران گل یوسمن

اوس یعقوبس نِش شۆنگِتھ | اَتھ کھور آسی تس مانز زنگتھ
---|---
ہیوٚتن اُسن خابس اندر | یتھ زوٚن آسہ آبس اندر
گوٚو سُہ بیدار پرزھنہ ہاٰلی | خاب بوٚنُن کرتم حاٰلی
زوٚن افتاب بیٚیہ تارکھ کاہ | آیہ سٔمتھ دیُت ہم سجداہ

مولانا انور شوٚپیانی ین یوٚدوے یہ دعوا چھُ کوٚرمُت زِ تہنٛد یوٚکھمُت قصہ چھُ قرآنِ کریمک ترجمہ تہ تفسیر مگر تمی تہ چھُ گوڈٕ زلیخایہ ہند زادو لوٗگمُت تہ تہنٛدین خابن ہند حِصہ ووٚنمُت یوٚتام تسُند ملاقات حضرت یوسفؑ سٕتی گرٛزھان چھُ۔ یِمنس ترجمس متعلق چھُ وَنان سہ

نہ ہاوٕنی شاعری دانشوری چھم | مگر کٔنٛہ بنز ونٛنہٕ بالاتری چھم
---|---
بہ کشمیری زبان کمی تاں چھُ ووٚنمُت | بیانس منز مگر قرآن نہ اوٚنمُت

(کمی تام) لفظک اشارہ آسہ لازمی من محمود گامی یَس کُنہٕ لیُس نہ وارِیاہن حسد کٔنی چکارس چھُ کھوٚتمُت ۔ یتھے مثال بقول عبدالاحد آزاد سُہ واقعہ چھُ یَلہ پیر عزیز اللہ حقانی یَس نِش قدیر شاہ قادرن یوہے قصہ نظم کٔرِتھ اوٚن تہ ہیوٚتن بوزناوُن سہ

سُہ گامی زانہٕ کیاہ شرح نزاکتھ

حقانی صابن کرنوو زھوہ یہ تہ دِتنس یور تزے شعر لیکھتھ سہ

تہ کرزاہ یوسفس کوٚرمُت چھُ باوٗ
یہ یتھ قصس چھُ کوٚرمُت ناخداوٗ
چھُ یتھ قصس سٹھاہ بس قول جامی
یتو گوو ختم بر محمود گامی
تمس یتھ ہاوِ کانہہ نوزک خیالی
(بیاکھ مصرِ ووکھ آسنہ کٔنی لیکھُن چھُنہٕ مناسب

کاشُرس منز چھُ امہِ قصُک بیاکھ روٗپ مقبوٗل نہ ترجمُک یُس یقیناً مقبوٗل امرتسری سُنٛد
آسُن گژھہِ۔ امہِ ترجمکی زٕ نُسخہٕ چھِ ریسرٕچ لایبریری منز محفوظ تہٕ اکھ آرکایوز محکمس نِش۔ یمن نُسخن
نظر دِتھ چھُ ننان زِ مقبوٗلن تہٕ چھُ ینُہ ترجمہ مولانا جامی سٕنٛزِ مثنوی پیٹھے کوٗرمُت نکہ فردوسی
نہٕ زلیخائے فردوسی پیٹھ تِکیازِ واقعاتن ہنٛز ترتیب یوسہ مولانا جامی ین دِژمٕژ چھے سوے
چھے مقبوٗلن سیٹھاہ اختصارٕ سان لیچھمٕژ۔ یعنے حمد تہٕ نعتہ پتہٕ چھُ قصہ حضرت آدمؑ سٕنٛدِ
پیٹھ شروٗع گژھان۔ پتہٕ باقے انبیاہن ہٕنٛدی حالات یوٗتام حضرت یوسفؑ باہ وُہر واتان
چھُ۔ حضرت یوسفن سُہ خاب یُتھ منز ترٕمن تارکھ تہٕ زوٗن افتاب سجدٕ چھ کران چھُنہٕ مقبوٗل نہٕ
مثنوی منز لیکھنے آمُت۔ اَتھ جایہ چھُتے درج زِ یلہ حضرت یوسُفؑ یوسٕ چھ نشہٕ الگ سپُد تہٕ
پتہٕ سپُد ماٗلی یوٗتھن اکھ اَکِس دیدار وارا ہہ کالی۔

سپُن یلیہ ماٗلی یوٗتھَن وصلِ دیدار وُچھتھ تی دُشمنَن تھٕندِ ین گونٛڈٕن نار

امہِ پتہٕ چھُ زلیخایہ ہٕنٛد احوال لیکھنہٕ آمُت۔ مقبوٗلن کُیتھ ورتاو چھُ اَتھ قصس پتہٕ
کوٗرمُت تہٕ تمی کم شاعرانہٕ جوہر چھِ تمی کٔڑی مثی یا شاعری منز چھا تمی ترجمہ کاری ہٕنٛد حق پوٗرٕ کوٗرمُت
تہٕ وُچھنہٕ خاطرٕ دِمو اَسی کینٛہہ شار زلیخایہ ہٕنٛدِ ہفت خانہٕ کہ منظر منز۔ مقبوٗل چھُ لیکھان ؎

| | |
|---|---|
| سُتم خانہ لٕدن تمی چرخِ ہفتم | عقل تتھ کُن وُچھتھ حاران گژھُن گُم |
| کرِن زِ تجہ ستوٗن تتھ منز زری کار | مرصع از دُرو فیروزہ دیوار |
| بزیرِ ہر ستون آہوی از زر | منقش کرِ ینہٕ پرٕ از مشک ادفر |
| کرِن تتھ منز کٔٹھین ہر سوبہر جا | بہتھ نِکھ تل سُہ یوسف با زلیخا |
| بیک جایک دگر معشوق و عاشق | کراں تم اکھ اَکِس بوسہ موافق |
| تہٕ ڈیشتھ ڈیشتہٕ وُن بے تاب گژھہ ہے | زحیرت تیمن زن تس آب گژھہ ہے |
| غرض تتھ بنگلس منز اَسی یک جا | بہر سو ہر طرف یوسفؑ زلیخا |

مولانا جامیؒ

بہفتم خانہ ہمچوں چرخ ہفتم — کہ ہر نقش و رنگی بود از و گم
مرصع چل ستوں از زر برافراخت — زوحش و طیر زیبا شکلہا ساخت
بپای ہر ستونے ساخت از زر — غزالی ناف و پُر مشکِ ادفر
دراں خانہ مصور ساخت ہر جا — مثالِ یوسفؑ و نقشِ زلیخا
بہم بنشستہ چوں معشوق عاشق — زمہر جان و دل باہم موافق
بیک جا آں زلب ایں بوسہ دادہ — بیک جا ایں میاں آں کشادہ
اگر نظارہ کی آنجا گذشتی — زحسرت در دہانش آب گشتے

ظاہر چھُ زِ مقبولُن ترجمہ چھُ شار بہ شار سپدمُت اگر مقبولن زلیخای جامی لیس یتھے پاٹھی ترِتھ شارس ترجمہ آسہا کورمُت کاشر زبانی ہندِ خاطرِ بنہ ہے یہ نادر توحفہ۔ مگر تورِ چھ تمی شارن ہنز ژار بڈ مہارتہ سان کرمژ یتھ زن قصُک لبُ لباب بروٗنہہ کُن ییہ۔ اَتھ برعکس چھُ محمود گامی ییمہ کتھ ہند دعوی کران زِ مے چھے زلیخا یہ جامی کاشری پاٹھی بھرمژ مگر تتھ ہیکونہ ہرگز ترجمہ وٗنِتھ۔

در زلیخا وُن یہ حضرت جامی ین — اوٚن تہ کاشری پاٹھی محمود گامی ین

محمود گامی ین چھُنہ ہفت خانک منظر بیانہٕ کورمُت، اَتھ جایہ چھن باتھ زِ ترے لیکھی متی ؎

اے ماہ کنعان وے راحت جاں — کاستم ملالے آستم مہرباں

دوٚیم باتھ ؎

اندِ کیاہ یتھ عشقہ نیالیس — کندِ ژالیس مژ دیوانے

تہ تریمس باتس منز چھُ ہفت خانس متعلق نوم شار درج ؎

وُچھ یوسفن زیرو بالا — عاشق تہ معشوق یکجا

گوٗتَس تہٕ موٗجبتھ پاڈا | لوٗگ زالہٕ زُلفہٕ تہٕ جالے
تمہِ دوٗشوے اوٗش ہاران | تاٴجیل و تاٴخیر کران
غم صاحبہٕ سنڈے براٴنی | یک خوٗش تہٕ یک خوشحالے
میرفتہ از ہفت خانہ | آزاد سرو روانہ
نیرتھ گوٗو مستانہ | نوان ہرنہٕ ژھالے

اَتھ برعکس چھُ حکیم محمد اشرف کانڈلہٕ پَننہٕ اُردو مثنوی منز ہفت خانُک منظر تمی آیہٕ لیکھان ییمہٕ آیہٕ فردوسی سنزِ مثنوی منز درج چھُ ؎

بنایا مربع وہ موتی کا گھر | صفائی پہ جس کے نہ ٹھہرے نظر
کئے چار اس گھر کے سُنہرے ستون | خبر اُن کی کسے تھی وہ تجھکو دوں
لگا اک ستون کو وہ سنگِ اخام | اور اک کو لگا سنگ مرمر تمام
کئے بیچ میں اور چالیس ستوں | میں ان کا بھی احوال تم سے کہوں
بنائی ہر اک کی تلے شکل گاو | بہت خوب دیکر کے چاندی سے تاو
اور اک شکل گھوڑے کے زر سے بنا | مرصع جواہر میں اسکو کیا

وارِیاہ شعر وَنہٕ ۔ ۔ ۔

درو در پر اس کے کھنچی لا کلام | زلیخا اور یوسف[ؑ] کے صورت تمام
کہ گردن میں ڈالے ہیں دونوں نے ہاتھ | وہ یوسف ہے لپٹا زلیخا کے ساتھ
زلیخا کے گردن میں اک ہاتھ تھا | دھرا اُسکی چھاتی پہ تھا دوسرا
تلے اور اوپر یمین و یسار | درودر پہ ہر جایہ نقش و نگار

زلیخایہ ہند ہفت خانہ ییتہٕ چھُ اَمہِ قصٕک سُہ منظر وُچھُن ییوان ییتھ منز اکہِ طرفہٕ معصومیت چھِے تہٕ بیٚیہ طرفہٕ گوٗناہن ہُند ہَوَس، اکہِ طرفہٕ مجبوٗری تہٕ لاچاری بیٚیہ پاسہٕ فریب تہٕ ژھل بازی ۔ دامن یوسف[ؑ] چھُ اَتھی جایہ سو علامتھ بنان یوٚسہ شعر وادبس

منز جایہ جایہ ورتاوہ چھ یوان تہ فیض احمد فیض تام بێنہ اظہارچ وتھ کڈان سہ

جاں بیچنے کو آئے تو بے دام بیچ دی
اے اہلِ مصر وضع تکلف تو دیکھئے
انصاف ہے کہ حکمِ عقوبت سے پیشتر
اک بار سوئے دامنِ یوسف تو دیکھئے

ہفت خانہ کہ منظرکی پاٹھی چھ محمود گامی اتھ جایہ سیٹھے اختصارس کام ہیوان تہ
نغمس منز سورے واقہ صرف دون شارن منز بیان کران

| | |
|---|---|
| میرفت از ہفت خانہ | آزاد سرو روانہ |
| ینرِتھ گوو مستانہ | نوان ہرخہ ژھالے |
| شماہ زن گے ژھتے | لاران لتھ پتہ پتے |
| تھیپھ لاےنس تالہ پتے | سخ وولنس پرکالے |

مولانا جامی ین چھ اتھ واقہ مس بێنہ شاعرانہ اظہار کی طومار کرِمتی

| | |
|---|---|
| بدنیساں دردِ دل اظہار میکرد | بیوسف شوق خود اظہار میکرد |
| ولے یوسف نظر با خویش میداست | زبہم فتنہ سر در پیش میداست |
| بفرش خانہ سرافکندہ در پیش | مصور دید ما او صورت خویش |
| رخ خود در خدای آسماں میکرد | بسقف اندر تماشای ہما کرد |
| فرو دش میل ازاں سوے زلیخا | نظر بکشاد در روی زلیخا |
| زلیخا زاں نظر شد تازہ امید | کہ تابد بروئے آں تابندہ خورشید |
| زدانمت سالہا در تاب بودم | زشوقت بیخورو بیخواب بودم |
| لب از نوشیں دہانش پرشکر کرد | زساعد طوق از ساقش کمر کرد |
| بہ پیش ناوک جانز اہدف ساخت | زشوقِ گوہرش تن را ہدف صد ساخت |

ولی نکشاد یوسف ہر ہدف شست      پے گوہر صدف را مہرہ بسکست

دلش میخواست در سفتن بالماس      ولی میداشت حکم عصمتش پاس

مُفسرِ سورۂ یوسف مولانا انور شوپیانی سند تفسیر منز تہ چھ اتھ واقہس پیٹھ کینہہ زاری تہ شعر پیش خدمت ؎

قدم ہفت خانس اندر ترٛوو تمیٚ      خدالیس پننٕ پان پشرٛوو تمیٚ

وُچھن سر بسر زن سو جود وگری      زلیخا نؠ تتھ اندر زن پرٛی

کرٕن بند درواز تتھ یک بیک      ونن چھس بہ حاضر چھسے جلد یکھ

چو پروانہ گژھ شمع رولیس کرن      گژھے زند آسن تہ گاہے مرن

زِ آہ زلیخا تمس گوو اثر      زلیخا دِون پان دارِتھ یتھ

بہ تحقیق تمیٚ قصد کوٚر رستی تس      ارادہ تٕسند پادٕ گوو یوسفس

حضرت یوسف علیہ السلام تہ قصک ہیٚوسم واقہ چھُ بلکل منفرد دوشوے عاشق تہ معشوق وصلہ باپتھ آمادہ گرٛژھان مگر ایزدی مشیتس بروہہ کنہ سارنے سر خم، انسان یُس تہ تدبیر کرِ پننٕ مقصد حاصل کرنہ خاطرٕ سُہ چھُ خدایہ سنٛدس منشس نش بے کار تہ یوٚہے پزر رٲوس منز چھُ قصے حضرت یوسفؑ بیان کرن والی ساری شاعر کامیاب گٔمتی مگر یوسہ نزاکت مولانا جامی سندن شارن منز درینٛٹھ چھےٚ گژھان سو چھےٚ عنقا۔ تمیٚ چھُ اچھرس منز دِلس مٔہن وول رنگ بوٚر مُت۔ زلیخائے جامی ہندی کتیاہ شار چھ تمیٚ موٚ زبانن منز۔ حد بندی چھُٹر آوتھ مثالن تہ ضرب المثلن منز جلے چھےٚ ژٹمژ، کینژن کتابن ہندن سرورقن پیٹھ، مکانن ہندن دروازن پیٹھ تہ گژھِ کٔھٹن منز۔ برکتہ منگنہ زنگی چھُ زلیخاے جامی ہک گوڈ شار لیکھتھ آسان ؎

الٰہی غنچۂ امید بکشاے

گلے از روضۂ جاوید بنماے

بحرحال ہفت خانہٕ کہ واقہٕ یُس ستی دوٚیُم واقہٕ چھُ سپدان سُہ چھُ شاعرانہٕ نزاکتہٕ کِنۍ بێِٹھہ اہم ۔ یانے زلیخا چھے مصر چین زنانن منز بدنام گژھان زِ سو کیٚتھ کِنۍ چھےٚ اَکِس غلام بندِس عشقس منز فلوا گمژ ۔ پننہٕ رسوایی دوٗر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ زلیخا اکھ کارگر ترکیب کران زِ مصر چین سارنے اشراف باین پٔھے دعوت دِوان ، دعوت چھےٚ پرُتکلف آسان ، قسمہٕ قسمہٕ ضیافتن ستی چھہِ رنگارنگ میوٕ برونہہ کنہٕ یوان تھاونہٕ ، عربی ترُنجن ستی چھہِ کاشہ کرنہٕ خاطرٕ قلمتراش تہٕ تھاونہٕ یوان تہٕ اَتھن منز ۔ چھُ یوسفؑ تہٕ محفلہِ منز اَنہٕ ناونہٕ یوان ۔ سارٕے چھُ گاہ بوان تہٕ امیر باین چھُ یکہ قرار کرِتھ یہ آیہ زباَنی پیٹھ کھسان ۔

حاش للہ ما ھٰذا بشرًان ھٰذا الّا ملکٌ کریم ۔

یانے حاشاک اللہ یہ شخص چھنہٕ انسان یہ چھُ کُنہ ام بوٚڈ فرشتہٕ تہٕ تمہٕ پٔھے ترُنجو بدلہٕ پننہٕ اَتھہٕ نوان ژٹتھ ، مرزا غالب

سب رقیبوں سے ہیں ناخوش پر زنانِ مصر سے
ہے زلیخا خوش کہ محوِ ماہ کنعان ہو گئیں

ڈلوٲسی ؤچھو مولانا جامی یِن کمہِ شارن منز چھُ یہ واقہٕ بیان کوٚرمُت ۔

| | |
|---|---|
| زخلوت خانہٕ آں گنجِ نہفتہ | بروں آمد چو گلزار شگفتہ |
| زناں مصر کاں گلزار دیدند | زگلزارش گل امید چیدند |
| بیکدیدار کار از دست شاں رفت | زمام اختیار از دست شاں رفت |
| ززیبا شکلِ اور حیراں بماندند | زحیرت جوں تن بیجاں بماندند |
| ندانستہ ترنج از دست عود بار | زدست خود بریدن کرد آغاز |

فردوسی ین تہٕ چھُ امہِ دعوتُک نقشہٕ بیش کوٚرمُت یتھ کم وبیش مولانا جامی ین کوٚرمُت چھُ ، سارنے زنانہٕ پٔھے دعوت کھوان تہٕ ووہ نی ہینہٕ ہِن ترُنج ژٹنہٕ زِ یوسفؑ چھُ محفلہِ منز اَنہٕ ناونہٕ یوان ۔

چو بخواست ہر یک بُریدن ترُنج　　زلیخا برون خواند ویرا ز گنج

بروں آمد از خانہ یوسف چو باد　　فروغ زخالش علم بر کشاد

زناں رادل و دیدہ آشفتہ شُد　　دل بخت بیدار شاں خفتہ شد

بجای ترنج آں بتاں ناز عیش　　بریدند یکسر کف دست خویش

سانیو کاشُر زبانٕ ہندیو شاعر وَتہ چھےٚ اتھ واقعس پننہٕ پننہٕ آیہ وَکھنے کرمٕژ۔
محمود گامی ین چھُ باقے مثنوی ہندی پاٹھی یہ واقعہ تہٕ سٹھاہ ژھوٚٹ تھ بوومُت تہٕ کوشش کرمٕژ زِ کُل
واقعہٕک روح گوٚژھ سُہ پننہٕ مثنوی منز بیاں ہیکُن کرِتھ ۔

ژاو یوسف سالہٕ رِمن آب ہیتھ　　سو تہٕ طشتس تے روہ یہ سُند افتاب ہیتھ

اَتھہٕ دیُت نکھ ژوٚنٹھ قلم اش تے　　اَتھ ژٹھ یوسفنہٕ پرٛ اگاشہٕ تے

بینہٕ پھِر گیہٕ سارینے بیقرار　　گلوٚ ژٹھ سارِوے بے اختیار

محمود گامی یَس برعکس چھِ محی الدیں مسکیں تہٕ مقبوٗل دوشوے ترجمُک حق ادا کرنچ
کوشش کران ۔ دوشویو شاعر وچھ ژاری ہیتھن شارن ہندے ترجمہ کوٚرمُت مگر محموٗدن ہیوٚ
اختصار کرنہٕ رٛنش چھ بیتھ روٗدی تہٕ مسکین چھُ نومن شارن منز یہ واقعہ لیکھان ۔

بہ مجلس ژاو یا مُتھ چیٚست و چالاک

وُچھتھ تس کُن تِمن سینہٕ ہیٚنز چاک

اکی دیدارہٕ سارن رنگہِ رو ڈوٚل

اتھے از جاں شیرِیں زن تِمو چھوٚل

بہتھ سارینے بدیا ہاے زیبا

تن بے جان زن تصویر دیبا

ترُنجس کُن نیکھ بیخود قلم تراش

ز بیہوشی اتھن بیوٚن بیوٚن کرِکھ قاش

حضرت یوسفؑ ہندِس اتھ الہامی قصس منز چھ اسرار و رموزن ہند اکھ بے پناہ خزانہ موجود یُس یتھ وقتھ انسانن وَتہٕ ہاوک چھ بنان رُود مُت ۔ اتھ قصس منز چھ یوسفؑ مرکزی کردار یُس اکہ طرفہٕ تیٚنِس مالِس ہنزن اچھن ہند گاش چھ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ زلیخایہ ہند سورُے زُوزِ بہٕ تہٕ چھ ، اَتھ گاشس چھ تہندی دوہ ربائی زُھتہٕ یرتھان کرُن مگر خُدائی منشس خلاف کام کرن والی چھ ہمیشہ ناکام گژھان آمتی ، یوسفسؑ خلاف یوسہٕ تہٕ سازش کرنہٕ آیہ سو بنے یہٕ تسنز ترقی ہند ذریعہ ۔ یہ قصہٕ چھُنہٕ تمہٕ نے شاعرن ہند موضوعِ سخن رُود مُت یمو کلہم قصہٕ نظم چھُ کوٚرمُت بلکہ سانو عظیم صوفی شاعر و چھ امہٕ کین جزیاتن منز اسرار تہٕ رموزن ہنز کھنز جو یہ جاری کرمژ ۔ مولانا عطارؒ ہنز اکہ حکایژ ہند خلاصہٕ ۔

دوہ اکہ اَس زلیخا وَتہٕ بیٹھ بیٚہمژ ، بے مار ، بیٚنہٕ یا نہٕ نش بے تجر اچھن پہٕ گاش ، یوسفؑ یوسفؑ وَنان ۔ یوسفنؑ وُچھ تہٕ ووٚن تس ژکیازِ بنے یکھ پیغمبرس ہنز بدنامی ہند قصہٕ ۔ حضرت جبریلؑ دوٚتھ تہٕ ووٚنُن یوسفسؑ خُدائی پاغام ۔

چو اورا دوستی تست بپیوست
مرا با او ز بہرت دوستی ہست

# اَدبی تجربن ہُند تقابُلی مُطالعہٕ

غُلام نبی خیالؔ

دُنِہکِن یوٚن مُمکن زِ زبانن ہُند ادب الگ الگ زمانن ہندِس پسِ منظرس منز اکھ اکِس مقابلہٕ انُن تہٕ پرزناوِتھ مطالعہٕ چھِ کہوچہٕ کھارُن ہیکہِ اکھ عام اصطلاح اٰسِتھ مگر اَمِکی امکان تہٕ واضح تصویر ہیکن نہٕ توٚتام بَدِ کڈنہٕ یِتھ یوٚتام نہٕ اَتھ تقابلی مُطالعس تاریخی، سماجی یا ثقافتی زنگ گژھِ حدس تام ہِشر آسہِ نہٕ تہٕ آسِس حالاتن تہٕ تاریخ ساز واقعن ہند اکھ اکِس نِشہِ مُتأثر سپدنُک عمل ڈٲکھِس۔

مثالے ہیٚلہِ اُسی عمر خیامنہِ یہ رُباعی چھِ پران ؎

مے خوردنِ من نہ از برائے طرب است
نہ از بہر فساد و ترکِ دین و ادب است
خواہم کہ بہ بے خودی برآرم نفسے
مے خوردن و مست بُودنم زیں سبب است

یِتھ زَن مےٚ یِتھ کنی ترجمہ چھُ کوٚرمُت ؎

مے کَشی تِکیٚ چھُمنہٕ مطلب گرٚشہِ تہٕ شادِیاہ فرحتاہ
لااُبالی منز نہٕ چھُس کانٛہہ فرزِ چھُم دِینُک طمع
چھُمنہٕ کینہہ یارو اما یوٚز ہول ہیٚو چھُم یِتھ دِلس

بَس دوٚہَس راتس گوٚژھم روزُن سرٕوداہ مٕستی تیاہ

ساٲنِس ذہنس منٛز چھُ یِمَن باتَن ہٕنٛز خیال یِوان زِ غالبس چھُ تمہٕ وِزِ امی احساسُک اکھ نقشہٕ دِلَس کھٔنٛنتھ گوٚمُت یێلہِ تٔمۍ وَنیوو سہ

مے سے غرض نشاط ہے کس روسیاہ کو
یک گونہ بے خودی مجھے دن رات چاہیے

یِمتین پٔتھ چھُ یہ کَتھ لازمن نظرِ تَل تھاوٕنۍ لایق زِ یِمَن دوٚشوٕنۍ حوالَن چھُ اکھ اَکِس ہِنٛدِ تہذیبی تہٕ ثقافتی پَتھ کالچہٕ پٕہیشِ منٛز ہم آہنگی حاصِل۔

اَتھ برعکس یێلہِ حافظ تہٕ گوئٹے سُند ادبی تہٕ ذہنی تعلق یادِ گژھنہٕ کِنہٕ ہیٚبِن ژھارُن چھُ یِوان دِنہٕ تمہٕ ساعتہٕ چھُ ٹاکارہٕ باسان لَبنہٕ یِوان زِ یِمن دوٚن ادیبَن ہُنٛد سماجی یا ثقافتی پسِ منظرس منٛز اکھ اَکِس سٕتۍ کانٛہہ واسطہٕ۔ صرف چھُ حقیقت یہ زِ گوئٹے سُند دیوان حافظ جرمنی زبٲنۍ منٛز پٔرِتھ تہٕ تمیک سۄن اثر قبول کرنہٕ چھُ تُس خیامس تہٕ غالبس نکھہٕ انان یێلہِ زن سُہ تہِ "ساقی نامس" منٛز اکھ بدٕ فنہٕ تہٕ انزان احول سرتاز کرِتھ وَنان چھُ سہ

بدست جوانی چھنہٕ شراب مُحتاج
مگر اَتہِ سارنے چھُ بے خودی ٹاٹھ
تِکیازِ اگر بُجرہٕ یِتھ سور یمتین دوہَن آکوٚ دیُن
تیٚلہِ چھُنہٕ شرابہٕ ورٲے کانٛہہ ڈوٚکھاہ
زندگی چھُ پٔتھ یِمنن چھُوکن پانے مہلامہٕ لاگان
تہٕ شراب چھُس اَتھ سارِ سٕتۍ دگ تھلاوان

گوئٹے ہٕندِس مغربی دیوانس منٛز چھُ اکھ نظم یَتھ ناو چھُ "جنتچ بشارت بوزن والی"۔ نظمہِ ہُنٛد بۆنیوت متن چھُ غزوۂ بدر یَتھ تارکھ نب ہیتھ اکھ رات یَتھ منٛز آنحضورؐ ہنٛز آواز بوزنہٕ یِمہٕ، لفظن منٛز کِنہٕ گژھان چھُ سہ

دُشمنِ ایمان کافرس دِیوپنٕنٕن دہر باجن ہُند ماتم کرنہٕ
مُشرک چھِ وونی تِمٕتین ہیمتھ
ییٚتہٕ ییٚتھ پٕتہٕ کاہنہ پوت پھیران چھُ
وونی یم سأنی یم بأے ییٚتین ییمتھ چھِ
یہندِس شہادتس پیٹھ مہٕ کرِو ماتم
یم چھِ وُنی کیٚس تارکن ہندِس زوٗلس منز۔ ٹھہراوکرِتھ
ستوٗ آسمانو چھِ یمن پراران پراران
ییٚنٕہٕن کو چھن ہندی برِیلہٕ تراوِتھ متیٚ
تہٕ یم چھِ جنتہٕ کِس درواز س
چِکہٕ چاوسان ٹھُک ٹھُک کران
یہندِ بایتھ چھُ تِتہٕ — تہٕ سورُے مولیسر
ییٚنہٕ یم خابس منز تہٕ ہیکہٕ ہن وُچھتھ
مےٚ چھُ یہٕ سورُے ییٚنو چشمو دیدماٚنہٕ وُچھمت
سُہ اوس شبِ معراج
تہٕ یہٕ اوسُس بُراقس کھسِتھ
دوٗر دوٗر تام کایناتکی عجیباتھ وُچھان

اَمہٕ پتہٕ چھُ گوٚنٛٹے اکھ طویل مگر بے مثال نظمہِ منز۔ شہلی گُلین، رَس دار میوَن، رنگارنگ پوشَن تہٕ حوٗرغِلمن ہُند تہٕ جہادگ تہٕ شہادتک تیتھ کٕنی تذکرہٕ کران زِ اکھ فن پارس حرفہٕ حرفہٕ تہٕ سطرِ سطر قرانس ستۍ تقابلی مُطالعہٕ کرنہٕ وِزِ ہیکو صاف پأٹھۍ یہٕ راے دِتھ زِ یہٕ نظم چھےٚ سیدِ سیوٚد قرآنی آیین ہُند ترجمہ۔ فرق چھےٚ صرف یرٕے زِ

گوئٹین چھُ اَتھ منز اکھ سُہ رومانی تہٕ آفاقی تصوُر پادٕ کوٚرمُت یتھ اسطوٗری طلِسمش رٕ پھچھ تہٕ یِمہٕ نشہٕ قرانِ پاک منزّہ چھُ۔

حافظٕنہٕ سدابہار اثرٕ ستۍ سرشار سَیدتھ چھُ گوئٹے اَسہٕ بیٚیہٕ بے شونکھی پأٹھۍ غالبنِس مخصوٗص عالمس منز واتناوان یِیلہٕ سُہ ونان چھُ سہ

بہٕ چھُس وُنۍ کیس میخانس اندر
تن تنہا کُنۍ زوٗن ہیتھ
مےٚ برونٹھ کنہٕ چھُ جام تہٕ سُرٕ
امّا۔ یِمہٕ کھوتہٕ کیاہ زن ہیکہٕ خلوکھ جایاہ اٚستھ
نَہ چھُ پینٕنۍ محتسب سُند خوف
تہٕ نَہ وعظ خوانہٕ سُندٕ بیم
مےٚ اٚندۍ اٚندۍ چھُ میانہٕ وےٚ خیالو کلاے زَن گوٚنڈمُت
تہٕ بہٕ چھُس اکہٕ بے ناوشارٕ گرفتار کوٚرمُت

یہ مشہوٗر جرمَن شاعر تہٕ فلسفہٕ دان چھُ پَنٕنہٕ بتیس اکس مشہوٗر نظمہٕ "ہجرتس" منز سُہ پُراسرار تہٕ پُرخمار ماحول پادٕ کران یُس اَسۍ عام پأٹھۍ حافظ، سعدی، نظامی تہٕ غالبس ستۍ وابستہٕ کران چھِ رُودۍ متۍ سہ

North and West and South are breaking,
Thrones are bursting, kingdoms shaking.
Flee then, to the essential East,
Where on Patriarch's air you'll feast.

اَمہٕ نظمہٕ ہُند آغاز یُس زن مغربی ادبس منز اکھ نوٚو آغاز بنیو دٕ پَنٕنہٕ زبأنۍ منز پیرُن چھُ ییٚتھ باسان ضروری تاکہ اَتھ منز یُس مشرق تہٕ PATRIARCH آمتۍ چھِ تمن ہنٛز ییٚہ ہَناوبرٛتھنے تہٕ کرنہٕ۔ تہٕ کأشرِ پأٹھۍ ہیکو کھ یِم مصرٕ یتھ کُنۍ تارٕ کھ سہ

شمال ،مغرب تہٕ جنوب چھہٕ چھلہٕ چھلہٕ گرٛشھان
شاہی تخت تہٕ تاج چھہٕ لایہٕ یوان
حکومژن چھہٕ بنیٖں ژامٕت
یکو۔ کرو تیلہٕ اسی مشرقس کُن ہجرت
یمیک اَسہٕ حاجت چھُ
ییتہٕ زٕٹھ اَسہٕ سُہ بھوکھ دِن
یُس سانٛی ضیافت بنہٕ۔

PATRIARCH تَلہٕ چھُنہٕ گوٚیٹے سُند مُدعا کُنہٕ سلطنتُک حاکم یا کُنہٕ قبیلُک سردار۔ سُہ چھُ یمن نسبت بیٚنٛز بیزاری پاہٕ باوان۔ البتہٕ یہِ PATRIARCH چھُ مشرقُک سُہ خُدادوس تہٕ صاحبِ دل پیر بزرگ یُس سُند پیر بھوکھ بیمارن تہٕ بیزارن نوٚو کُن بَنُن اوس بخشان۔
گوٚیٹے چھُ اَتھی بھوکس بہترین ضیافتُک معنہٕ دِوان۔

یہ فن پارٕ چھُ تِنٛہنٛز خیال آرائی ہُندِس سفرس منٛز تمِس تَتھ پتھ کالس کُن کل کڈان یَتھ بہلین، خضر کلین، قہوک، کستوٗری نافکُ تہٕ بابا یار منڈی یَن تہٕ سٕرین ہُند الف لیلوی دُنیا وُنُو۔

مغربس مقابلہٕ مشرقس آلو لٲیتھ تہٕ سُہ نالہٕ مَتہٕ رٹنکھ ارمان ہیتھ اوس تمہٕ ساعتہٕ گوٚیٹےلِس سُہ مشرق خابی آمُت یُس اکہٕ خاص تہٕ سرُوربخش ماحولُک تہٕ انسان نواز تہذیبُک آگُر اوس تہٕ یُس سایہٕ بدن ڈریَن ہند بو حاری ثاتو انسانی شرافتُک پیکر تہٕ عظیم انسانی قدرن ہُند ترجمان تہٕ راچھدر اوس بنیومُت۔

گوٚیٹےین اَس تِمِس زمانس منٛز مغربس تہٕ خاص کر یوٗرپس اندر یُوتُس پتھ خانہٕ جنگی ین فتنن تہٕ فسادن تہٕ انقلابن ہنٛز خوٗنریزی وُچھمٕژ تہٕ سُہ اوس اَمہٕ وحشتناک ماحولہٕ نِشہٕ بیسر آمُت۔ اَوے باسیوو تَس حافظن مشرق اکھ پُرسکوٗن تہٕ خوشگوار فضاہکُ مُشک زھٕ دُن

تہٕ انسانٕی حیاتس آے تہٕ پاے کانچھوٗن بدلے دُنیا۔

اُتھی نظمہِ منز چھ گوئٹے، حافظ شیرازی یَس خراجِ تحسین ادا کرِتھ اعتراف کران زِ "یێلہِ میون محبوب کنہٕ آبہٕ جوٚیہ لِنش مشک بار زُلفن واش کڈِتھ تہٕ ناز تہٕ نخرٕ ہاوِتھ میون دل رٔنیہ تمہِ ساعتہٕ یکھ منے تِرے یاد۔"

اثر پذیری تہٕ اثر اندازی ہِندی اُمی سلسلن دِژ گوئٹےیس دیوان حافظ پٔرِتھ یِمن دیوانِ مغربی تخلیق کرنٕچ ترغیب تہٕ یێلہِ اقبالن پیامِ مشرق لیوٚکھ سہٕ اوس اُمی سے اطالوی شاعرِ ہندس دیوانس جواب یتھ اقبالنٕ ووستاد پروفیسر نکولسنن اکھ تھیکٕن لایق جواب ناوکور۔

حافظن کوٚر گوئٹے یتھ حدس تام متاثر زِ دِژنس اکھ سۆر توٚ بوٚت مغربی دیوان تخلیق کرنٕچ تحریک تہٕ یوٚہے گوئٹے یێلہِ اقبالس سٕنتھ گو وتمی لیوٚکھ پیامِ مشرق یُس فارسی زبانٕی منز تٔسندِ بہترین شاعری ہنز سوٗمبرن چھے۔

مگر عجیب کتھاہ چھے یہِ زِ اقبالن کوٚر پانہٕ حافظ رَد بلکہ کرِنس لعنت ملامت ننہٕ۔ حالانکہ اقبالن اوس حافظ براہِ راست فارسی زبانٕی منز پوٚرمُت تہٕ گوئٹے ہندی پأٹھی اوس نہٕ تمی اُمس شاعرِ شیرازٕ سُند کلام جرمنی ترجمس منز پوٚرمُت۔

۱۹۱۵ءیس اندر سپز اقبالنٕ "اسرارِ خودی" چھاپ تہٕ تتھ منز آے حافظس زنگہٕ زنگہٕ ناو کڈنہٕ تہٕ تٔنس آو شرابی، تٔھاوج تہٕ باغہٕ سُرف تام وَننہٕ ؎

| | |
|---|---|
| ہوشیار از حافظِ صہبا گُسار | جامش از زہر اجل سرمایہ دار |
| نیست غیر از بادہ در بازارِ او | از دو جام آشفتہ شُد دستارِ او |
| طوفِ ساغر کردشُل رنگِ مے | خواست فتوٰی از ربابِ چنگ و نے |
| گو سفندِ است و نوا آموختہ است | عشوہ و ناز و ادا آموختہ است |
| مارِ گلزارے کہ داد و زہرِ ناب | صید را اوّل ہمیں آرد بخواب |

بے نیاز از محفل حافظ گذر    الحذر از گوسفندان الحذر

گوئٹے سُند حافظنُ اثر دلہٕ جایہٕ قبوٗل کرُن تہٕ اقبالنُ شاعر شیرازس ذہنی طور
نکار کرُن چھُ دراصل یِمہٕ حقیقتُک تفسیر زِ گوئٹے یِمہٕ دُنیہِک بسکینہ اوس تتہٕ باسے یہٕ تس دیوانِ
حافظ اکھ ترٛتھ آواز یِمہٕ ساری سے جرمنی شعورس تہٕ احساس کنِن نوٚ گنہ گرائے کرِ تہٕ نوٚین سورن
دِیُن ضرب۔ اقبالس اوس یہٕ سورُے ویوٚد تہٕ تِمی کوٚر بیٚنہ جہاد پسند تہٕ خطر پسند فلسفہٕ کس
مقابلس منٛز حافظنُ مست و مخموٗر دُنیا قبوٗل کرنس نہٕ صرف انکار بلکہ کوٚرُن یتھِنہٕ تہٕ باند باند
زتِم روزن امہٕ خیالی دُنیا لِنشہٕ دوٗر یتھ منٛز حافظ "گاسہ بنِہ منٛز زہریلہٕ سرفہٕ ہندی پائے بٹھ
زاگہٕ چھُ" چھُ گوڈہٕ پننِس شکارس بے خود کران تہٕ پتہٕ تس امہٕ کران۔"

ہندوستان تقسیم سپدن وقتہٕ یِم فساد ووتھی تہٕ یِمن مُہند شدید تہٕ منفی اثر بنگالس
تہٕ پنجابس خاصکرِ تھ پیوٚو تمیُک ماتم چھے امرتیا پریتم تہٕ کران تہٕ تس تہٕ چھ پنجابکی ڈری یاو
خوٚن سرِ گرڈھان یِوان بوزنہٕ۔ مگر دلچسپ کتھ چھے یہٕ زِ سو چھنہٕ پننِس احساس ہندِ اظہار
باپتھ تِمہٕ دوٚیمہٕ جنگ عظیمُک کانہہ حوالہٕ دِوان یُس برابر پانٛژن وٚرین شین کرورن مُکن
ہُند قتلِ عام کرِتھ تہٕ نصف دُنیہس ڈہہ ڈاس کرِتھ صرف ترے وٚری برونہہ یعنے ۱۹۴۴ء
یُس منٛز اند اوس ووتمُت۔

اَتھ برعکس چھُ امرتیا پریتم سُند خیالک سِلسلہ لازمی طور تس پننی زبانٕی ہندِس
بُزرگ رِشتہٕ دارس یعنے وارث شاہس سِتی وابستہ یِوان لبنہٕ یُس کُن سو عار بُرزو چشمو
دُچھان تہٕ یِم وہِد اکھ لایان چھے۔

Once wept a daughter of Punjab,
Your pen unleashed a million cries,
A million daughters weep today,
To you, Waris Shah, they turn their eyes.

Awake, decry your Punjab,
O Sufferer with those suffering:

Corpses entomb the fields today.
The Chenab is flowing with blood.

کٲشِر ہِندۍ ہم عصر ادیب یِوِدوے زَن مختلف ماحولن ہِندِ الگ الگ مرحلن پیٹھ نیٚبرِم اثر قبوٗل کرِتھ چھِ، تِمن ہُند ردِ عمل ہُوٚو تہٕ ادب تخلیق کرنُک کوشش کرٕنہٕ مگر اَسِ یوٗت اکھ مخصوٗص پیٹھ کالِچ تہٕ تمہِ کہ ثقافتی تہٕ ادبی دُنیچ بُنیاد چھےٚ پیمٕژ تتھ ہیوٗکہٕ کُنہِ رَنگو کانہہ شگاف سَیدِتھ۔

کٲشرِس ادبس منٛز مغربیتُک دخل تہٕ چھُ وارِہِس حدس تام موجود مگر اَتھ مقابلہ چھِ سانۍ شاعر زیادٕ تر حافظَس تہٕ خیامَس۔ غالبَس تہٕ اقبالَس تہٕ فیضَس تہٕ جوشَس لَرِ لوٗرِ پِکان۔ یِم رلہٕ وٕنۍ خیال تہٕ چھِ اثر پذیری ہِندِس اُکِس خاص پسِ منظرس منٛز ووپدان۔ لہٰذا ہیکوٕنہٕ اَسی یِمن گوٚنہٕ ماتن ستۍ تہٕ کٲشِرِ ہنٛز جدید شاعری ہُند تقابلی مطالعہٕ اکھ مسلسل موضوع بناوِتھ۔

مزاحمتی ادب چھُ سارِنے زبانن تہٕ سارِنے ملکن منٛز لیکھنہٕ آمُت تہٕ لیکھنہٕ چھُ یوان۔ اَتھ منٛز تہٕ اگر اَسی پرانۍ مثال بَدِ کڈو، تہٕ تتھ آسہِ برابر سانہِ وطنکِ حالُک کانہہ حسبِ حال رنگ تہٕ روٗپ۔ سُہ کرِنہٕ اَسہِ منٛز حارانۍ ہُند کانہہ جذبہ بیدار تکیازِ بتان چھُ زِ تمہِ ساعتہ تہٕ آسہِن تِمے حالات یِم از دُنیہکِن کتِین علاقن منٛز موجود چھِ۔

مثالہٕ پاٹھۍ چھِ گوٚیتے ہنٛز۔ اکِ نظمہِ ہِندۍ کیٚہنہٕ شار یوسہٕ تمۍ از بروٚنہہ تقریبن زٕ ہتھ ؤری لیچھ۔ وُچھِن چھُ یہِ زِ کتھ حدس تام چھِ لفظ لفظ تہٕ مِصرٕ مِصرٕ سانہِ اَزِکہ ماحولُک تصویر کشی کران۔

اَمہِ نظمہِ ہُند بیرائی ورتاوِتھ چھِ آنحضورؐ اُکِس شاعرس کُن یِتہِ پاٹھۍ خطاب فرماوان

کیاز تہٕ چھکھا مُسلمانن ستۍ رَلہٕ وُن کانہہ انسانی روٗح؟
کیاز تے چھُتھا خُدایہ ہنٛز وَتہِ منٛز جہاد کوٚرمت؟
کہٕ بیٚنہِ کانہہ کمٲے کرِتھ چھُکھ آمُت؟

ژٕ نے منز۔ چھا جانبازی ہنز۔ کانہہ کتھاہ؟
کِنہٕ بٔلۍ چھک جنت ژھاران؟
یِھ — بروٗنہہ پَکھ!
تُلۍ پینسن چھو کُن پَلو ھُوند تہٕ ہاو
اگر چاۓ زخم چانہٕ حقہٕ گواہی دِن
بہٕ تراو اُزی چانہٕ باپتھ
جنتکۍ ساری درواز یلہٕ!

گوئٹےہنز۔ یہ نظم اَسی تَن دۄہس منز۔ کُنہٕ تہٕ جایہ تہٕ کیٛن حالاتن ہنز آیہٕ ہاوان مگر اَتھ پیٹھ یُس بذاتی اثر بیوٗمُت چھُ سُہ چھُ آنحضورؐ صلی اللہ علیہ وسلّم ہندین غزون ہند مقصدُک تہٕ معنی ہُک ہرتراسہٕ تام واتناوان۔

اَدٕبہٕ کِس وسیع تہٕ وِشال دۄہس منز پھٔلے کیٛنہہ ترژھ کتھ یا یہٕ ڈیٛزِ تہٕ تتھی معجزٕ تہٕ سِپدان زِیرِن دول چھُ سُشنڈر روزان۔ ساٹھن اکثر صوٗفی شاعرن ہنز۔ شاعری منز۔ چھُ عجیب پاٹھۍ یوٗنانکہ کلاسیکی ڈرامٕہک اسلوٗب تہٕ وُطیر حاران کُن حدس تام درٔنٹھی گرژھان تہٕ واقعن ستۍ یُس ورناوکرنہٕ چھُ آمُت سُہ تہٕ باسان زن اکی ذہنک تہٕ سونچُک نتیجہ۔ خیالن ہنز اَتھ حیرت ناک ہم آہنگی تہٕ ہم نوائی دِیہٕ ہوٹیلی پیتھی (TELEPATHY) نگرسو چھِنہٕ ادبی اصطلاح اما پوز یمو مثالو تلہٕ چھِنے یہ کتھ ٹاکار پاٹھۍ نٔنی نیران زِ ادبن تہٕ زبانن ہند پوٗر پوٗر اثر چھُ عام طور دوٗن بیٛون بیٛون علاقن تہٕ تہذیبن ہندین قلم کارن تہٕ فکری تہٕ تخلیقی زنگ تیوٗتاہ نزدیک انان زِ تمہٕ چھِ اکی تجربکۍ تمہٕ کہ اظہار کو تہٕ بیانکۍ ترجمان باسان۔

ییلہٕ یوٗری پیڈیز ونان چھُ سہ

اولمپس منز۔ روزن وول زیوس
چھُ واریہن کامن دس تلان

دیوتا        دیوتا چھِ کرِتھ تیرتھ کیتھ اَند واتناوان
یمَن تام نہ سوَن گمانہٕ واتی تھے ہیکہِ
یہٕ اُسی سونچان چھِ تہٕ چھُنہٕ پوٗرِ ہیدان
تہٕ ییمیک بہٕ اسہِ ظون تہٕ آسان
دیوتا چھِ تتھی اَند لوٗر دِوان

اسہِ چھُ یتھنن کینژن صوفی شاعرن ہندِس کلامس منز تہٕ یوٗری پیٚدٕ یژُن یہٕ نادیدہ گمانہٕ پھری پھری برونہہ کُن یوان۔

رحمان ڈار ونان سہ

تدبیر کران عمر مالہ رأوم
تقدیر آم نو وَنے
یی لانہٕ لیوٗکھنم لوحِ محفوظس
تی چھُس نکھ والان

تہٕ نعمہ صاب تہٕ اُتھی فلسفس وضاحت کران سہ

ہا میانہٕ ازلہٕ لانہٕ
کس کیاہ لیکھتھ گوکھ
کرمہٕ لون کُسو زانہٕ
سُے نو مٔے وَنہٕ آو

مُلکی نظامن منز سماجی تبدیلیہ، زبانن ہندی سماجی انقلاب تہٕ قومن ہنز حاکمی تہٕ غلامی چھِ وقتہٕ وقتہٕ زبانن ہنز علاقہٕ واد حدبندی پھٕرٲوِتھ یمن ہُند سفر تہٕ منزل تہٕ بدلاوان تہٕ اَتھ عملس منز چھِ غالب تہٕ زوردار تحریکہٕ پننی اثر قایم کران۔ ادبس پیٹھ تہٕ چھِ یہ عمل ساب وادو وٕری یوٗ بیٚتھ جاری۔ جبری اثر اندازی یا رضا کارانہٕ لین دینک یہٕ سلسلہٕ چھُ گاہے زبانن

ہُند نام ونشان تام نابوٗد کران تہٕ تِمن ہُند ادب تہٕ چھُ پتہٕ پانٕہ پانے گال کھاتِس گژھان۔

کاشُر زبان تہٕ چھےٚ ناہموار تہٕ خوشگوار مرحلو منٛز ؠ گُذریمژ۔ مگر اَمہِ چھُ سارِی موافق تہٕ مخالف اثر قبوٗل کرِتھ یا تِمن سینہٕ سپر سَپدِتھ پننُ سرتھوٗ بوٗت وجوٗد قایِم تھووُمُت بلکہ چھہِ یِم رنگہٕ رنگہٕ اثر تہٕ تبدیلیہِ اَتھ یوچھر تہٕ وُسجار بخشنُک تہٕ باعث بنیمژ۔ یِہوے چھُ کاشرِ زبانِ ہِنٛدِ عظمتُک تہٕ اَمہِ کِہ ذٕسی ادبُک حُسن تہٕ رٕژر پانٕہ راونُک تہٕ پتہٕ سہٕ ورتاونُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ثبوٗت۔

# شاعرِ ہنز زبان

پروفیسر شفیع شوق

مبالغہٕ چھُ شاعرِیہ ہنزن بُنیادی خصوٗصیژن منٛز شامل۔ تکیازِ مبالغہٕ ورتاونہٕ روٗس ہیکہٕ نہٕ شار بنِتھ۔ معروٗف تہٕ معموٗلی کِین چیزن، احساسن تہٕ جذبن اظہار دِنس منٛز چھُ شاعرس حقیقژ تہٕ تمچہِ لسانی باوژ منٛز بالگ زیادٕہ کھوتہٕ زیادٕہ فاصلہٕ پادٕ کرُن پیوان تاکہ شاعرُن سُند پیش کوٚرمُت پزر بنہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اندیشہ سوٗ۔ تمہِ کنہٕ تہٕ توٚتام پرن واٲلس متاثر کرِتھ یوٚتام نہٕ محبوبہٕ سٕندِس کمرس مَس وال ونن تہٕ سیٚدِن سادٕن جوانن شاہین، تہٕ شاعرن چھُ یہ دل ورتاونس منٛز تیوٗت تگُن زِ شاعرِیہ پتھ فریفتہٕ پرن وول چھُ مُشبہ تہٕ مشبہ بہٕ کنُے زانان۔ یتھے ہیوٗ مبالغہٕ چھُ شاعرٕ وٕننہٕ شاعرِیہ متعلق تہٕ ریژ پاٹھۍ ورتوومُت۔ اَتھ مبالغہٕ بازی ہٕندِس شوقس منٛز چھِ مشرق کیو مغربکۍ شاعر ہوی شریک تہٕ یہ ریت چھےٚ تنے پیمٕ تہٕ شاعرِیہٕ ہنٛز کتھ ژٕرتھ۔ افلاطوٗنن ووٚن شاعرس رسوٗل۔ "شاعر چھُ مقدس چیز اہ یُس لوٚت چھُ تہٕ یُس پکھ چھےٚ۔ اُمس چھُنہٕ توٚتام کانہہ فن آسان یوٚتام نہٕ الہام میلِس تہٕ یوٚتام نہٕ سُہ حِسہٕ ہوشہٕ ڈوٚلمُت آسہِ تہٕ پانس تام آسِس نہٕ کہنٕ روٗدمُت۔ یوٚتام نہٕ تس یتھ کیفیتہٕ بلنتھ یِیہ توٚتام ہیکہٕ نہٕ سُہ پننِ الہام ظاہر کرِتھے۔" (ایان) یتنہٕ گژھِ سارہٕ بدی ورِ تہٕ شاعرن پھےٚ شاعرِیہ متعلق یہے رائے۔ مثالہٕ چھےٚ لبسیار۔

یپارٕ روٗد ادبی تنقید گوڈٕ پیٹھے شاعریہِ ستۍ مغلوٗب۔ نقادن روٗد شاعریہِ ہنٛز
زبانہِ متعلق مبالغہٕ آرایی کران تہٕ اتھ منٛز اکھ اکس ستۍ مان کران۔ شاعریہِ آو جوٗد ونہٕ، یێلہِ
زن نہٕ جوٗد پانہٕ کانٛہہ وجوٗدے چھُ تھوان تہٕ شاعریہِ منٛز کیاہ آسہ جوٗد، ' طلسمخانن برمہٕ ہنٛزہ اونٛی ہوٕ
قصیدہِ کیاہ معنی چھِ تھوان یێلہِ زن ہٕ کنٛہ طلسمے چھُ تہٕ نہٕ چھ کنٛہ کانٛہہ طلسمخانے۔ شاعرس دوٗپکھ دیدہ "بینائے
قوم" یێلہِ زن پزر یہِ چھِ زِ شاعر چھُ پننہِ شاعریہِ منٛز پانسے ژھارنٕچ تہٕ پرزناونٕچ کوشش کران، یێمین
کیاہ ژھارِ نہٕ پرزناوِ۔ شاعرن تہٕ شاعریہِ متعلق یتھۍ سروٗنۍ ٹرٛ چھِ دراصل "شوخیِ تحریر" تہٕ بێیہ نہٕ
کنٛہ۔ تشبیہہ تہٕ استعارٕ گرنک پرون شوق تہٕ یتھۍ کلمہٕ چھنہٕ اَسہِ شاعریہِ متعلق کانٛہہ تہِ نوٗ زان دِوان۔
اَتھ کرتب بازی ہنٛدس شوقس منٛز چھِ مغرب تہٕ مشرقکۍ نوٗی کیوٗ پرانۍ اکثر نقاد ہوی۔

پزر چھُ ژکہِ یہِ زِ ییتہِ زبان ورتاونکۍ وارِیاہ طریقہٕ چھِ مثلاً اخلاقیات، مذہب،
سائنس، فلسفہ، کتھ باتھ، خارپاٹھ، تہٕ تہِ چھِ شاعری تہٕ اکھ طریقاہ۔ فرق چھِ مقصدچ نہٕ
زِ زبانہٕ ہنٛز فطرژ ہنٛز۔ اَسہِ برونٛہہ کنہٕ چھِ ساسہٕ واد وٕرِین ہنٛز عالمی شاعریُک ملکہٕ ووت
نکن نێنس سوکھس آرامس ڈاکھ کرِتھ اَمہِ شاعریہِ ہنٛد مطالعہٕ کران۔ مگر از تام کیاہ میوٗلُس،
کُس ہیوٗک کنٛہ طلسم خانکُ کانٛہہ برمہٕ ہنٛزاُوتھ، کُس ہیوٗک گنجینۂ معنی طلسم ہنٛزاُوِتھ، کُس
ہیوٗک دیدوری حاصل کرِتھ، کُمۍ سندِ اتھہِ میوٗل کس شفا؟ یمن ساسہٕ بدٕن وٕرِین کیاہ دیت
اَسہِ شاعریہِ اَمہِ ورائے زِ انسان۔ یُور چھُنہٕ کہنی زانان تہٕ شاعر کیاہ آسہ پانہٕ زانان؟ سٔتھ
کرور وٕرِی پرٛون انسان یتھہٕ پاٹھۍ تێلہِ بتر اٹہ بیٹھ کھین چین تہٕ جائے ژھارنہٕ موٕکھ
حالِ حارانٕ تہٕ پریشان اوس، تتھے پاٹھۍ چھُ از تہِ۔ فرق آیہٕ ہناہ آلن تہٕ ہتھیارن ہنٛز شکلہِ
منٛز۔ تہذیبچہ نام نہاد ترقیہِ ستۍ ستۍ روٗد انسانہٕ سنٛز دہِ یہِ منٛز، تمۍ سنٛدس وحشتس تہٕ دہشتس
منٛز ہُر بہِ سیدان تہٕ تمۍ سنٛز تنہائی روٗز دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ زیادٕ کریٹھ بنان۔ دُنیہکۍ ساری شاعر
آیہِ ساسہٕ بدٕلو وٕرِیو پیٹھہٕ امی دہِ یہِ ہنٛز، دہشتہِ چہِ، تنہاییہِ ہنٛز دٔلیلہِ بوزناوان۔ آ ہنٛزی
ہُنٛزی روٗد تمۍ افسانوی دُنیا تہٕ آباد کران یتھ یہِ پزر برونٛہہ کنہِ ییہ تہٕ ستی ہیکن اَسہِ امکہِ

احساس نِشہٕ دوٗر نتھ ـــــ ماننی تو یہ زِ اکھ کانٛہہ (یِژھہِ ہوٚے باقی کامہٕ منٛز) یِتھ منٛز پرتھ زمانٛکی پرِتھ قومکی شاعر آہرکِ چھِ زِ بروٚنٛہہ کُن زِ مارون۔ اَتھ کامہِ منٛز یُس خام مواد شاعر ورتاوان چھِ، سُہ چھُ زبان۔ سو زِ یِنی زبان بلکہ ساسہٕ بوٗد وٚری پرٲنۍ اَتھ روٗس پھِر ورتاونہٕ زبان۔ کھربَن ارِن ہِند آسہ دڑامژ پرانہٕ وار زبان۔ یِمیک پرتھ کانٛہہ ورتاو کینژھہ وقتس منٛز فرسود چھُ سپدان زِ پتہِ ہے بیٚنہٕ زِ بیٚنہٕ ورتاوہٕ یِیہِ، کتھ چھِ بنان اَسنس لایق۔ یِیآرِ چھُ بیاکھ سیاپہ یہ زِ پرتھ زبانہِ ہِندی لفظ چھِ محدوٗد تہٕ کُنہ زمانس منٛز مقرر۔ اَتھ لفظہِ راشس منٛز ہے اکھ لفظ زِ ہُر، سُہ آسہ کُنہِ اہم تمدنی تبدیلیہٕ ہِند نتیجہٕ۔ اَتھ صورتحالس منٛز کرِ ہے شاعر زِ کیاہ کرِ۔ بروٚنٛہہ کالہِ اوس شاعر امہٕ تنگ کنڈلہِ منٛز نیرنہٕ موکھہ اسطوٗرن ہُند ڈوٗکھ رٹان۔ (حالانکہ اَیآرِ زِ اَس شاعرن مان مانہٕ بکیازہِ اسطوٗر زِ آسی نہ لامحدوٗد۔) گمراٗزی کِس یِتھ زمانس گۍ سارِی اسطوٗر چھلِہ چھانگرِ زِ انفومینیا INFO-MANIA چھُ پرتھ کانٛسہِ ہِندس دماغس تیزی سان آوراوان۔ کانٛہہ کتھاہ چھِنہٕ یوسہ اسطوٗرن ہنٛز گوٚڑرِ منٛز روٗزتھ ہیکہ۔ یِتھ ہے شاعر روایتی استعارس کرِ زِ کیاہ کرِ۔ یِہ امِن شاعرن ہنٛز کتھ چھِ پرانہِ زمانٛچ کتھ۔ تِمن چھُ تِتھی زمانس منٛز گرِژھہِتھ دُچھِن زِ زانُن۔ سُہ ہے یہ رون زمانہٕ والِس اَنہِ زِ کتھ؟

مگر شاعریہ چھُ اکھ ہمہٕ صدی منٛز۔ زِ شاید زندے روزن زِ تمہٕ پتہٕ زِ ما، سُہ کوسہ زبان ژھارِ؟ تس لٔش چھِنہٕ کانٛہہ زِ شارہِ زبان تَس پھِنہٕ یِنہِ شاعریہ ہنٛز زبان ژھارنی۔

"شارہٕ زبان" زِ "شاعریہ ہنٛز زبان" چھِ زِ بیوٚن بیوٚن تصور۔ شاعریہ ہنٛز زبان ہیکو اَسی تیٚلی ژاٗنتھ یِیلہِ اَسی "شارہٕ زبانہٕ" ہُند سیاپہٕ اَنٛز راوو۔ یوٚز یہ کھ چھِ تمو ےٚ لکو تمٔمُت یِم اَتھ کارس ستی روٗدی متی چھِ۔ اَزی کِس زمانس منٛز۔ گوو یہ کھرُ زیادٕے کروٗتھ بکیازہِ سائنس زمانس منٛز چھُ شعری جمالیات پرتھ زبانہٕ منٛز اکھ خود مختار زِ خودکفیل سہٕ علمی شعبہٕ بنیومُت یِتھ شاعریہ ستی کے رِشتہٕ چھُ زِ کارجھس اصطلاح سازی۔ پرتھ

کاہنہ نقاد چھُ نوُ کتھ وَنہٕ کِس جنونس منز کاہنہ نوٚو اصطلاح گرٕہ موکھ ساری ہیٚ داکِنہٕ شاعری ہنٛز دوٚر روُزِتھ شاعری پیٹھ کتابہٕ لیکھنہٕ پٮ۪ن نفع بخش پیشہ بناوان۔ عصری تنقید چھُ سنسکرت جمالیاتکی پاٹھۍ نظریہٕ سازی یہٕ شاستر ژکرِ وہس منز پھیسومُت۔

سنسکرت جمالیاتس منز چھےٚ نظریات یا شاستر ن ہنٛز رمبہ وِنہٕ مندور لدِنہٕ آمتۍ خاصکر کشیٖرِ منز یِمہٕ سنسکرت صرف دربارس تام محدوٗد اوس۔) مگر سنسکرت ادب وُچھتھ چھُ باسان زِ یِمہٕ مندور چھےٚ ہوائی قلعہٕ تکیاز یِتہٕ چھِنہٕ ٹیٚٹھ رٔکھنہٕ یِتھ کرتھ ہیم مندور شوٗبہٕ ہن۔ عصری ادبی جمالیاتُک یِہ چھُ یوٚہے حال۔ یِتی یوت نہٕ بلکہ امریکہ ہس منز یِتہٕ یِمہٕ کینٛژو شاعرو خاصکر تھ زناہٕ شاعرو لفظن ستۍ گینٛدن، گرُن یِتہٕ پھُٹرُن پٮ۪ن شوٚغل بنوومُت چھُ۔ اَوکنۍ چھُ جانی زِ شاعر زبانہٕ یِتہٕ شاعری ہنٛز زبانہٕ ہنٛد بحث یِہ عصری تنقید چھ شکل پسندیہ ہنٛزٕ ڈلِتھ کرتھ۔

شاعری چھےٚ تجربُک لسانی اظہار یِتہٕ تجربہٕ چھُ ژِکہٕ ناقابلِ اظہار۔ زبان ییلہٕ دود دگ، مزٕ، مُشک، دچھُمت، بوٗزمُت بیان ہیٚکہ کرِتھ، تخیلی تجربہٕ کتھ پاٹھۍ سنا ہیٚکہ کرِتھ۔ یہ برٕتھ کاہنہ شعر چھُ بذاتی اظہار بایتھ ژھرٕ بٔر ژھرکھٹہٕ یِتہٕ اَمہٕ بایتھ چھُ سہٕ ابلاغُک ناکافی وسیلہٕ اختیار کران۔ اَسی چھُ یِمنہٕ تجربہٕ کین حسی حرٚزن ناد دِوان۔ اَمہٕ ناد دِنہٕ ستۍ چھِ اَسی منتشر حسی محرکاتن ہنٛدس ردعملس منز یادٕ گمیُتس انتشارس ترتیب یِتہٕ تقویم انُن یٔژھان یُتھ اَسی اَتھ بپیٹھ سوٗچِتھ ہیٚکو۔ یِہ زَن گوو اَسی چھِ اَندری اَندری پٮ۪نس حسی موادس یِمنہٕ زبانہٕ منز ترجمہ کران۔ یِتہٕ ییلہٕ اَتھ ژھوپہٕ زبانہٕ، زیوٚ کڈِتھ یا قلمہٕ لیکھتھ اَسی صوتی یا تحریری اظہار چھِ دِوان، یہٕ چھُ ترجمُک ترجمہ بنان یِتہٕ اَدہٕ ییلہٕ یہٕ ترجمہ قٲریس تام واتان چھُ تمس منز یِتہٕ چھُ ترجمُک ترجمہ شروع سپدان۔ یِتھ کتھ سناپاٹھۍ ہیٚکہ تنقید شاعری ہنٛز ورٕتھنہٕ یِتہٕ فکر تارنچہٕ عملہٕ منز مددگار آسِتھ؟ لفظن ہنٛز علامتیت چھےٚ حساوی تفصیلن خیالس یِتہٕ وجدانس منز تبدیل کران۔ یوٚہے بتر چھُ انسانہٕ سُند امتیاز ـــــ یِتہٕ یوٚہے چھُ اَمی سُند بوٚڈ

المیہ تہٕ۔ امتیاز اوکنۍ زٕ زبانہٕ ہند ویسلے چھ اُسی ساسہٕ بدٕن ڈریٖن ہندی تمام انفرادی تجربہٕ ژہتہٕ ڈترس منٛز سوٗمبراوتھ بیٚیر پٕتھ بیٚیر پکناوان آمتی۔ تہٕ المیہ اوکنۍ زٕ اُسی چھ مجبوٗر گژھان زٕ لفظن ہندس رٕبھس منٛز بروٗنٹھ کُن آمژٕ برٕتھ کتھ ستی چھ اَسہٕ یا تہٕ اختلاف کرُن پیوان یا اتفاق ـــ نتیجہ : دُنیاہس منٛز جنگ وجدلک اژھن سلسلہٕ۔ مشٕچھے گژھان اَسہٕ زٕ لفظ چھنہٕ حقیقت بلکہ حقیقژ منٛز کڈمتی ساٗنی اندری معنے۔

برٕتھ لفظس چھ اکی آنہٕ گوڈنتھے زٕ معنے آسان : گوڈنیک گوو نیٚبری معنے یا وُنوٗ EXTENTIONAL MEANING یُس نہ زاہنہٕ صوتی اظہارس منٛز ویٚپرِ تھے ہیکہ۔ (اکھ بونہٕ کُن ہاوِوا وِنگہِ ستی مگر "بونہٕ" ہُند ناو مہ ہیو۔ یہ تہُنڈ چھان چھو تہٕ چھ سو بونۍ۔) دوٛیم گوو ارادی معنے یا INTENTIONAL MEANING یُس اُسی بیان کرنٕچ کوشش چھ کران۔ مثلاً "بونۍ" لفظک معنے آسہ وَنُن، دیو بونۍ چھ اکھ بوڈ بار کُل یتھ موٗڈی لنگ تہٕ بے شمار لنجہٕ آسان چھ تہٕ یتھ برٕتھ بہٕ ڈھرس ترٛے کھانٹھ آسان چھ تہٕ یُس۔۔۔۔ بیتر۔ یہ گے ترٛتھے ہش کتھا زٕ سکوٗل دوہن اوس نِکھُن پیوان زٕ گائے ایک پالتو جانور ہے جس کی دو آنکھیں، دو کان، چار ٹانگیں۔۔۔۔ اَتی چھ نَنان زٕ شاعر کیاہ سنا آسہٕ کران یٚیلہٕ تُس پٔننن اوٚی لبن زاوِلبن تہٕ کھرِ دار معنین زٕلو آسہٕ دِنی پیوان۔

دود سودای تتق بست آسمان نامیدمش

دیدہ بر خواب پریشان زد جہان نامیدمش

دل زبانرا رازدان آشنا یہا نخواست

گاہ بہماں گفتمش گاہی فلان نامیدمش (غالب)

اگر ہے شاعر یہ ہندٕن لفظن تہٕ لفظ ورتاوِن منٛز حقیقت بیان کرنٕچ کانہہ اہلیت آسہ ہے۔ یٚیلہٕ آسہے شاعری منٛز اکھ مستقیمی ارتقا سپدمُت تہٕ یتھے پاٹھۍ امہ کہ ذریعہ حقیقژ ہندس ادراکس منٛز تہٕ۔ اَزکی شاعر آسہن قدیم یونانی شاعو وکھو تہٕ رٔژ تہٕ تھٕ۔ شاعری تخلیق

کران، یا دِیہو مستقبلکۍ شاعر آسن سانہٕ کھوتہٕ بہتر شاعر ۔ اَسہِ آسہے تیٚلہِ انسانہٕ سُند سورُے
اَوندر نیبر زونمُت ہٕتہٕ برونٹھ کُن آسہٕن اَتھ منز نوٕ کامیابیہٕ ممکن ۔ مگر ژکہِ چھِ اَز تہٕ اُسی تتھی
نادِرٕ نہٕ کِس ژکرِ وِس منز ۔ اگاہے کیٚنہٕ یہ ونان گاہے تہٕ ۔ یوٚت اُسی زانان چھِ تیوٚت چھِ
اُسی زانان زِ اُسی چھینہٕ کینہہ تہٕ زانان ۔ یتھٕ پاٹھۍ چھےٚ انسانہٕ ہنز کلِہم شاعری تمام زبانن منز زبان
وَرتاونُک محض اکھ مخصوص ورتاو، یُس ساجس منز کانٛسہٕ کانٛسہٕ ہیچھنہٕ پیٚتہٕ عادت چھُ بنان ۔

شاعری منز ورتاونہٕ ییٚنہٕ واجنہٕ اَتھ زبانہٕ متعلق چھِ دارِیاہ نظریہٕ دِنہٕ آمتۍ ۔ یِم ساری
نظریہٕ ہیکو کھ اُسی ترٛین بڈین نظریہن منز باگرٲوِتھ : تقلیدی نظریہ، نامیتی نظریہ تہٕ دریافتی نظریہ ۔

تقلیدی زبان مانن والۍ چھِ زانان زِ شعری زبان چھےٚ شاعرس برونٹھے وجوٗد تھاوان ۔
شاعر ہیکن ییٚنہٕ کوٚشِشہِ سیتۍ پنٕنہِ زبانہِ اندر موجوٗد صاحبِ کمال شاعرن ہُند تقلید کٔرِتھ یا وستادن
نِش گرٛشِتھ سبقہٕ پاٹھۍ ہیچھتھ ۔ یہ چھُ بذاتی کلاسیکی تصوریمہٕ مطابق یِہ برتھ صنفہٕ ہنز ۔ شاعریہ
باپتھ موضوع تہٕ اسلوب گنڈِتھ ژوٗرِ برِتھ چھِ یِمن ہُند ورتاو چھُ انفرادی صلاحیژ پیٹھ دارمدار
تھاوان ۔ موضوعکۍ تہٕ اسلوبکۍ قاعدٕ تہٕ ضابطہٕ چھِ برونٹھے مقرر ، یِموٚ نشہٕ گریز کرُن گوو یہندی
کِنہٕ فنیچ پارٕ زانن نہٕ آسنہٕ ۔ افلاطونوی کیو ارسطوئی چھِ یِتھ کتھِ پیٹھ رٔلِتھ زِ پرِتھ کانہہ
تخلیق چھےٚ پنٕنہِ مکمل صورت پراونچ کوٚشِش —— تہٕ مکمل صوٗرت چھےٚ عینی ۔ ادٕکۍ کانہہ
تہٕ صنف آسہِ تن، تتھ منز شاعری ونن وول یا لیکھن وول چھُ عینی صورت پرٛاونہٕ موکھ سفرس
نیران ۔ دارمدار چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ کانہہ کوٚتاہ اہلیت چھُ تھاوان تم اصوٗل ضابطہٕ تہٕ قاعدٕ
۔ ورتاونچ یِم تس پننیو پیشرو ومیسر چھِ تھاوِمتۍ ۔ یہ اہلیت ییٚہ تیٚلی ییٚلہِ ہیچھن وول کُل تہٕ
ژیڑ کٔرِتہٕ راتھ دوہ پرٛانین وُچھ وُچھ ہیچھان روزِ ۔ ہورس (۶۵ ـ ۸ ق م) چھُ شاعریہ
ہُند فن" مقالس منز لیکھان زِ شاعریہ ہنز زبانہٕ ہُند لازمی شرط چھُ پارٕ او یا DECORUM
یتھ ارسطوون 'پریپان' PREPON ' ووٚنمُت اوس ۔ اَتھ منز کمال پرٛاونہٕ موکھ اوس تمۍ سُند
تجویز زِ رومکین شاعرن پزِ راتھ دوہ ہومرنین تخلیقن ہُند مطالعہٕ کران روزُن ۔

BE HOMERS WORKS YOUR STUDY AND DELIGHT
READ THEM BY DAY, AND MEDITATE BY NIGHT

ترجمہِ صدی یہِ منز اٰنی لانجاینسن پننس PERI HUPSOS مقالس منز کینہہ
روٗمانی تصور بروٗنٹھ کُن یتھ شاعری ہنز زبانہِ متعلق شٹھنیارس منز ہنا کولمُن پیہ۔ مگر تہ کرٕتھ
زوٗن تمو زِ شاعری کیٚت چھُ مرتفع (SUBLIME) اسلوٗب جایز۔ اَتھ منز چھینہ پننی پننی پاٹھۍ
پکنچ کاہہ باتھ۔ لانجاینس اوس زانان زِ تخلیقی زبانہِ ہنٛد مداہ تہ مقصد گژھِ مجنوٗنہٕ وار جلاو
EKSTASIS آسُن یُس تخلیقہِ ہندِ ارتفاع کِین پانژن جُزن ہندِ یکہِ وٹہٕ آسنہٕ ستی دوتلان چھُ
(۱) مرتفع تصور کرنٕچ صلاحیت (۲) الہامی تہ پُرقوت جذبہ (۳) تشبیہہ سازی (۴) مہذب
زبان تہ (۵) کلی شان۔ یمو جُزو منز چھِ گوڈنکۍ زٕ جُز فطری صلاحیت دِوان یوسہ نہٕ پرِ یتھ
کانسہِ لِنش ہیکہِ آسِتھ، باقی ترےٚ جُز چھِ فنی تقلید کرنہٕ ستی حاصل سپدان۔

مغربی تنقیدس منز روٗد کلاسیکیت ہند غلبہ برابر اردہاہمہِ صدی یہ تام۔ یوٗدوے اَتھ دورس
منز مغربن شیکسپیرس ہوی باغی شاعر تہ ڈرامانگار تہ پاد کرِی، مگر تقلیدی تصور نِسنہٕ ہیوٚک نہٕ کاہہ
تہ دوٗر ژلِتھ۔ یانہٕ شیکسپیر ہیوٚک نہٕ موضوع تہ بیان کِین وسیلن ہند انتخاب کرنس منز زیادہ
آزادی نِتھ۔

یپارِ روٗد مشرقی جمالیاتس منز شعری زبانہِ ہند اکوے نظریہ تہ یہ چھُ از تام تہ قایم
زِ شاعری پیٹھ قاعدٕ بند۔ سنسکرت جمالیاتکۍ ژوٚ نوے مدرسہ، یعنی النکار شاستر، ریتی شاستر
رسا شاستر تہ دھونہِ شاستر چھِ ژکہِ اکہِ ہے کتھِ پیٹھ بحث زِ شاعری ہنز زبانہِ منز کتھ پاٹھۍ
چھُ تخلیقی حسن یا 'داکرُتی' پاد یوان کرنہٕ۔ چوٗنکہ قاعدٕ تہ دستوٗر چھِ گنڈِتھ، وُچھُن چھُ زِ
اَتھ منز کیاہ چھُ قبح یا دوش —— تہ کیاہ چھِ صفت یا گون۔ بھاما، یامن، داندن، لوت
بھٹ نایک، آنند وردھن، ابھنوگپت، ممٹ تہ جمالیاتہ کیو باقی ماہرو چھِ اظہار، بیان، ترسیل
تہ ابلاغ بِنہٕ بِنہٕ بجنگ موضوع بنووُمت تہ یہ بحث چھُکھ حارٕن تہ پریشان کرنہٕ کِس حدس تام

زیٹھر وومُت۔ مگر یتہٕ کرِتھ تہٕ چھہٕ یمن ہٕنٛد بجنٛکۍ ژور مرکزی خیال، تہٕ زن گوو اُپما (تشبیہہ) رُوپکا (استعارہٕ) دیپکا (تشبیہہ) یمکا (صوتی تکرار یا قافیہ)۔ یمن ژٕہ شونی ہندۍ ہتہٕ واد قسم چھکھ بدِکنڈۍ مِتۍ تہٕ پتہٕ چھکھ ہأوِکۍ مِتۍ یم ورتاونکۍ ہتہٕ واد دوش تہٕ گون۔ یم ساری چھہٕ اَکس کتھِ پیٹھ ژِلتھ زور دِوان زِ شاعرس گژھہِ اکھ فطری صلاحیت یعنی "پرتِبھا" آسٕنۍ۔ یہ پرادنہٕ موکھ گژھہِ روایژ ہنز پوٗرٕ پوٗرٕ زان آسٕنۍ۔

عربی۔ ایرأنی شعری جمالیات تہٕ رُود علم بلاغت کین حدن اندر اندر رُوزِتھ شاعری ہنز زبانہٕ ہنٛدین دستوٗری اصولن زیادٕ زیادٕ واضح تہٕ ضابطہٕ بند بناوان۔ اَمیُک نتیجہ دراو زِ علم بلاغت بنیوو اکھ خودکفیل علمی شعبہ یتھ منز ماہرو پننۍ پأٹھۍ کمال ہوو۔ بھری بھری آویہ کتھِ پیٹھ زور دنہٕ زِ شاعرس پزِ اَمہِ علمچ اطاعت کرٕنۍ۔ بلاغتکۍ ژور ذیلی شعبہ یعنی ۱. بیان (تشبیہہ، استعارہٕ، رمز، کنایہ) ۲. بدیع (لفظن ہُند معنی تہٕ یمن ہند صوتی مزاج)، ۳. عروض (آہنگ، وزن تہٕ بحر) تہٕ ۴. قافیہ چھہٕ شاعرِ ہنز زبان روایژ ہنٛدس دأیرس اندر نوان تہٕ پرنچ کأنٕہ ہند خاطرٕ روایژ ہنز اطاعت لازمی زانان۔

شاعرِ ہنز زبانہٕ ہُند دوٚیم نظریہ یعنی نامیتی زبانہٕ ہند نظریہ چھُ کلاسیکی دستوٗرس خلاف رومأنی بغاوت۔ یوٗرپس منز بیلہِ مطلق العنانیت اند وأژ تہٕ جمہوٗریژ ہنٛدس کھُلہِ ہنس علم تہٕ ادب درمیأنی طبقہ کین عام لوکن تام تحریری شکلہِ منز۔ واتُن ہیوتُن، شاعری تہٕ درایہ تکراری ترتیب تہٕ آرأیشی موسیقیہ ہندِ قأدٕ منزٕ نبر تہٕ ہیوٚتُن انفرادی تجربس تہٕ مشاہدس نکھ یُن۔ شاعرِ متعلق سپزٕ یہ رائے عام زِ اَمِچ ہیت پزِ چھےٚ خودرو آسان یوٚسہ پننۍ زبان ہتھ زایُن لبان چھےٚ۔ "شاعری چھےٚ پُرقوت احساسن ہُند بے پھریک اظہار۔" وأرڈزورتھن دپیوو۔ یہ زبان ہیکہ زِ کُنہِ قاعدٕ بند اسلوبس منز قأد رُوزِتھ۔ یہ چھےٚ پننہ زبانچہِ روزمرٕ ورتاوچہ زبانہٕ منزٕ پننۍ شدت حاصل کران۔ رومأنی نقادو ووٚن زِ شاعر گژھہِ فطری اظہار ژادنہٕ سوکھ پانس اندی یمہِ معمولی بلکہ دہقأنی عوامچ زبان پانٕہ ناوُن تکیا زِ یہ چھےٚ قدیم کألی تکن

ہنٛز زبانہِ ہندۍ کینہہ آثار ژھٕرِتھ یمہ کنہِ اَمیک حساب دی مزاز ڈبہٕ چھُ ۔ وۄن گوٚو تمو
زوٚن زِ عام زندگیہِ تہٕ عام زبانہِ منٛز بنیہ شاعرانہِ تجرٕبٕ ندرت تہٕ اہمیت دریافت کرٕنۍ
چھُنہٕ پرِتھ کانٛسہِ ہُند طاقت ۔ کولرجن وۄن اوے شاعر ہیکہ نہٕ توتام کانہہ کمال پراوِتھ یوتام
نہٕ تس وسیع مطالعہٕ آسہِ ۔ یہ چھُ مطالعہٕ ستی ممکن زِ اسی چھِ محو، منطق تہٕ تخیل کین ضابطن ہُند
شعور تھاوان تہٕ مطالعہٕ ستی چھِ اسی یمن تجربہٕ کین ترکیبی جُزن منٛز تبدیل ہیکان کٔرِتھ ۔
مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھِ ساری رومانی شاعر اکس کتھِ پیٹھ متفق زِ شاعری ہُند اصلی آگُر چھےٚ فطرت ۔
شاعری ہنٛز زبانہِ ہُند یہ نظریہٕ کوٚر تمو سارِوے شاعرو اختیار یمو کنٛوہمہ صدی منٛز تہٕ تمہ
پتہٕ سماجی تبدیلی انٛنس منٛز شاعری کامہ لاج

شاعری ہنٛز زبانہِ ہُند دریافتی نظریہٕ چھُ امہ چہ موزوٗنیتُک ہُند قایل یُس امہ کین سارِنے
آمرانہ قاعدن ہُند نفی چھُ ۔ وُہم صدی اَزوٗنے وۄتلیوو یہ نظریہٕ، خاصکر تھ فرانسیسی
جرمن تہٕ انگریزی زبانن منٛز ۔ دوٚیو عالمی جنگو پتہٕ آیہ فکرِ منٛز تھٔہی کینہہ انقلاب یمو
شاعری ہندِس جمالیاتس پیٹھ سروٚن اثر ترٛاو ۔ ذوٚہ کھوٚتہٕ دوٚہ آو یتھ کتھ پیٹھ زور
دِنہٕ زِ تجربہٕ چہ باوٕژ خاطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ زبان بروٚنٛہہ کٕنۍ طے آسان ۔ ہیکہنا ازی کُس انسانہٕ
سُند تجربہٕ چھُنہٕ قاعدہٕ بند تہٕ رسمی ۔ تجربہٕ چھُ بذاتی مختصر آسان یُس مخصوص زمانس تہٕ مکانس
منٛز رونما سپدان چھُ مگر یمُک موٗل قدیم کالٕ انسانہٕ ہندِن اولی تصورن منٛز چھُ ۔ زبان
تہٕ ادب پراونہٕ بروٚنٛہہ چھُ انسان یتھ مُترٛاتھ پیٹھ لچھ بدن ؤرین زندٕ روٗد مُت ۔ اتھ
طویل زمانس بروٚنٛٹھ کنہِ چھِ زبانن ہندی تہٕ ادبکۍ کرٕژ تام ساس ؤری تہٕ آمنس برابر انسانہٕ
سُند "انفرادی" تجربہٕ چھُ زبانہِ ہنٛز صورت ژٕٹِتھ تہٕ قدیم کالٕ انسانن ہندِن بےناو زمانن ستۍ
اژھین رشتہٕ تھاوان ۔ شاعرس چھےٚ لہذا پرتھ کُنہِ تجربہٕ خاطرٕ موزوٗن تہٕ لامحال زبان
دریافت کرٕنۍ آسان ۔ امہ خاطرٕ چھُنہٕ کانہہ تہٕ چیز تیار بہ تیار ۔ یژھوٚن ادب آسہِ یا نوٚو، اتھ
منٛز چھےٚ تیلی کانہہ تخلیق سانہٕ موکھ اہمیت تھاوان ییلہِ اتھ منٛز مخصوص فردٕ ہنٛد ڈسی کٔنہِ

مخصوص زمانس تہٕ مخصوص مکانس منز مخصوص ترتیب ہیتھ کانہہ مخصوص تجربہ پیش آسہ
آمٕت کرنہٕ، سُہ تہٕ تیتھ پاٹھی زِ یہ آسہِ ناقابلِ تقلید۔ شاعرِ یہ ہنز پریتھ کانہہ تخلیق چھے
لکھنہٕ آمتہٕ نصابٕچ صوٗرت پراوِتھ شاعر ہنز شخصیتہٕ ہنز مقامی صوٗرت بنان تہٕ اہمیت
لبان۔ شاعرِ یہ ہنز تخلیقی عمل چھے خارجی دنیاہس نسبتہٕ یوٗن سیدتھ اکھ نجی مصروٗفیت
یتھ منز خارجی دُنیاہس منز کُنہ وِز رونما سپدیمتہٕ واقعہٕ ستی یادِ سپدیوو مُت ذہنی صوٗرتحال
زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ صفائی سان پیش کرُن چھُ آسان تہٕ امہٕ خاطرٕ چھے محنت کرٕنی پیوان۔
شاعرس یہ محنت چھے شاعرِ یہ ہنز زبانہٕ دریافت کران تہٕ اُمیک حسُن بنان۔ ذہنی تاثرُ
اظہارس منز تبدیل کرُن چھُ بذاتی ناممکن تہٕ پریتھ کانہہ شعری تخلیق چھے امہٕ باپتھ محض اکھ کوشش
آسان۔ اَتھ منز پوٗرٕ کامیابی پراوٕنی چھُ اکھ سراب۔ امہٕ باپتھ چھُ شاعرس نش اکوے وسیلہٕ تہٕ
سُہ وسیلہٕ چھُنہٕ تس پنُن، سُہ چھُ جماعتی تہٕ نسلی۔ تہٕ زِ ن گوو سہ زبان یتھ منز سُہ لیکھہٕ۔ یہ چھے
یہے نسلی تہٕ جماعتی زبان یوٚسہ تمِس شاعرس لاکن اکتسابی تعمیراتی مواد چھے فراہم کران۔ اَتھ
مجبوٗریہ ہنز حالژ منز چھُ انفرادی تجربہ پیش کرن وول شاعر تمے بشر صوٗرت تہٕ ماورائی تصوٗر
کامہٕ لاگنس پیٹھ مجبوٗر یمہٕ تتھ زبانہٕ منز برونٹھے موجوٗد چھِ تہٕ یمو منز نیرِتھ سُہ "پننی" زبان
دریافت کرنٕچ کوشش چھ کران۔

ڈاکٹر فاروق فیاض

مہجوٗر تہٕ جوٗش

# شاعرانہٕ رویہٕ تہٕ تاریخی حقیقتھ

یہ بحث اوٚک طرف ترٲوِتھ زِ ادب یا فن چھا علاقٲئی بٔندی ہُند قایِل کِنہٕ عالمی حِسن ہُند علمبردار یہٕ کتھ چھےٚ سکہٕ زِ کانہہ تہٕ ادب یا فن پارٕ ہرگاہ کوٗت تہٕ فرد ہنٛدِ ذٲتی سوٗچن ترایہٕ یا نوٗترٲتی ژھایہِ گژھن ہُند اظہار آسِتن چھُ بہرصوٗرت تمن متضاد ذہنی رٕوین، سماجی تہٕ تاریخی حقیقتن تہٕ فکری گژھن ہُند آینہٕ ہاوان یم اُکس مخصوٗص سیاسی، سماجی، اقتصادی یا تہذیبی گرٛتس منٛز زایُن لبان چھِ تہٕ یِم ساری اظہار چھِ کنہٕ نہٕ کنہٕ رنگہٕ کُہے اشارن، کُہے علامتن، کُہے تمثیلن تہٕ کُہے پرٛژن تہٕ کہاوژن منٛز پرٛتھ کُنہٕ زبٲنۍ ہنٛدِس ادبس منٛز ضروٗر میلان۔

توارٟخ تہٕ ادبکہٕ سنجیدہ مطالعہ تَلہٕ چھےٚ یہ کتھ واضح سپدان زِ تقریباً چھُ پرٛتھ کُنہٕ زبٲنۍ ہنٛدِ ادبکۍ موٗلہ اظہار لگ بگ ہوی آسان وونۍ گوو تہذیبی سوٗترس پیٹھ یِم علاقٲئی اظہار زبٲنۍ تہٕ ادبکین مختلف صوٗرژن منٛز اَسہٕ درینٛٹھِ چھِ گژھان۔ تِم چھِ تمہٕ سوسایٹی ہنٛدِ مخصوٗص جغرافیٲئی حالاتن منٛز زایُن لبن والین تمن لُکہٕ وٚطیرن ہنٛز باوتھ آسان یِم توارٟخ کین مختلف دوٗرن منٛز تعمیر لبان تہٕ تشکیل پرٛاوان چھِ۔ وونۍ گوو شاعرس کوتاہ تخلیقی بٔژ آسہِ یَنظر کاژاہ سٔرنۍ آسِس تہٕ ذہن کوتاہ پرژھلِ آسِس تیوٗتاہ آسہِ تمہِ ہنٛدِس کلامس شارُت تہٕ
باقی شاعرانہٕ گوٗن تہٕ۔ لیس ادیبس، شاعرس، فنکارس یمن وَلن پیٹھ ووستادانہٕ دسگاہ

آسہ۔ تمہٕ سُند فن پارٕ چھِ بڑی شاہپارہ ہیکان بٔنتھ تہٕ یتھ پاٹھی چھِ یتھ فن کار قومن ہند
تہذیبی تہٕ تواریخی ڈیکہٕ ٹکہٕ بنان ۔

کُنوہمہِ صدی ہُند آفتاب ییلہِ برصغیرکس بیٚنہٕ ڈٔلس بیٹھ لوسنس تیار اوس
ہندوستانس منز ییلہِ انگریز سامراجی نظامس تحت واریاہ مذہبی، سماجی تہٕ سیاسی انجمنہٕ
ہُند زال وہراونہٕ یوان اوس تہٕ ساسہ بدٕنہ وریٚن ہند فیوڈل STRUCTURE
تُنیل اوراہ محسوس کران ۔ کٲشرِ منز تہٕ اوس کُنوہمہِ صدی ہِندِ منز کالہ بیٹھے یورپی مُہم بازن
ماہر نباتات، کرسچین مشنریٚن، منتظمین تہٕ سوشل سکالرن ہندی ڈسی یُتھ ہوا نواہیوٚ تمہٕ
پادٕ گٔژھن یُس یتہٕ کیہنہ کال گٔژھتھ کٲشرِ منز کلچر کیو سیاسی رٔژساپچ بنیاد بٔنیہ ۔
اُتھی تبدیلی تہٕ TRANSITION کس دورس منز یعنے کُنوہمہِ صدی ہندس آخری دون ڈہلین
اور یور زاے ہندوستانس تہٕ کٲشرِ منز زٕ تتھی عصر شناس نفر یمو ذہنی بالیدگی پراوِتھ ینتہٕ
تخلیقی جدتہٕ ستی نہ صرف اکھ تیُتھ معتبر تہٕ معطر ادبی فضا پادٕ کوٚر بلکہ یموٚ ینتہٕ شعری ستی
سیاسی منظرنامکی زُلف تہٕ شیری ۔ یم چھِ غلام احمد مہجورؔ تہٕ جوشؔ ملیح آبادی ۔

مہجور ییو وُ ۱۸۸۶ء منز بٔتھنہٕ تہٕ جوشؔ ۱۸۹۸ء منز ۔ میانہِ یمہِ مقالُک مقصد
چھُنہٕ ہرگز تہٕ یہ زِ یمَن دون شاعرن ہُند شاعرانہ حُسن یی بَدٕ کڈُ تہٕ بلکہ تم IDENTICAL
تاریخی صداقتہٕ برٕ وہہ کُن انُن یمہِ ستی تہند شاعرانہ رُویہ اکھ مٲری موند ارتقا چھُ پراوان ۔

یہ منے گوڈے عرض کوٚر زِ مہجورن تہٕ جوشؔ سُند دور اوس تبدیلی تہٕ زبردست
سیاسی کیو سماجی کھسہِ وَسہِ ہند دور ۔ جاگیردرانہ نظامس تحت مستحکم سپدنہٕ واجنہٕ سماجی
تہٕ ثقافتی قدرن ہند چھکراوُک عمل اوس شروع گومُت نِو سماجی تعمیرُک، مذہبی اصلاح
پسندی تہٕ قومی تشخصکی آکار بَد کڈنس کُن اوس عوامُک ظون بیدار ہیوٚتمُت گژھن۔ یمن
سارنی تبدیلیٚن ہندی آثار تہٕ اظہار چھِ اَسہِ فنی پُختگی سان جوشس تہٕ مہجورس منز ییلہِ
پاٹھی میلان ۔ اگرچہ اُردوہس منز جوشس برونٹھ حالی آزاد تہٕ اقبال ہو ہو حبسہ ہُشار نفرو

یہ تبدیلی برونہہ ژینہٕ مژ آس نگر کاشر زبانی تہٕ ادبس منز۔ بنیو وامہٕ نوِ آگہی ہُند نقیب ہیکہٕ ہرے ۔

فیوڈل نظامس پتہٕ ژھاپہٕ یم جمالیاتی قدر ادبی منظر نامس پیٹھ مختلف قومن ہندس ادبس منز۔ وہ تلیہِ، تمیک اثر اوس برصغیرکِس ادبی منظر نامس پیٹھ تہٕ پیون لازمی۔ مہجورنہٕ تہٕ جوش سنز جوانی دورچ شاعری ہند مطالعہ تکہٕ چھےٚ یہ کتھ نٕ ییران زِ یم دوشوٕے شاعر آسی حُسنہٕ کِس ماچھ گنن ویور تلُنج سنج تہٕ پیٚژل کل تھاوان۔ مہجور تہٕ جوش دوشوٕے آسی حُسنکی دلداد یہ حُسن اوس نہٕ زمانہ و مکانہٕ کیو حدو ہنز کانہہ ABSTRACT MANIFESTATION بلکہ چھُ حسنک یہ تصوُر بُتہٕ آمژ ہنز کو چھ پھو جمر تہٕ اُکس خوب روتہٕ مارمٕتس جینایہ ہنز۔ CONCRETE صُورت۔ دوشونی ہُند حُسن اوس ارضی تہٕ دوشونی شاعرن ہندی تقاضہٕ تہٕ آسی بشری۔

بقولِ مہجور ؎

یارٕ سند مار موٚت سارٕ چھُمہٕ تھاوان
یارس لرِ پان ساوان چھس
کامہِ دِیار چھُنہٕ جامہٕ مُژراوان
پوشہٕ مالہٕ کرناوان چھس

ییٚہ جنسی تہٕ نفسیاتی بوچھ تہٕ وُتھ بھیٚژن واجین کیفیژ چھےٚ اتھ جوشنٕ شاعری پٔرِتھ سپدان ۔

ہائے کیا گوری کلائی میں ہے لچھا دل فریب
ہائے کیا چاندی کی ہیکل ہے ستم ڈھاتی ہوئی

جوش ہندس مجموعہ کلام "نقش و نگار" س منز یِنہٕ پاٹھی "شباب تہٕ حُسن" کنہٕ ماران بلبہٕ چھ یوان، مہجورنہٕ تولہٕ شاعری منز تہٕ چھ دلبر سینہٕ مُژرِتھ نٔر آلونس پیٹھ مجبور کرناوان۔

بار بار آنکھیں اُٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
اِس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکاتی ہوئی

جوش ۃ مہجور دوشوٚے چھِ جمالیات حُسن ستۍ ستۍ شِدت جذباتکۍ ۃ پرستار۔ مگر یہ جذباتیت چھِنہٕ محض خارجی حالاتن ہُند دیُت بلکہ چھنٕے یہ ہیجان خیزی بشری ضرورتن ہِند تکمیلک آرزو ۃ بقول محمد یوسف ٹینگ مہجور ایک رند بھی رہا اور حُسن مجاز کا پرستار بھی۔ آزاد ۃ چھِ اتھ حقیقتس کُن عارضس لیکھنہٕ آمتس اُکس خطس منز اشارہ دِوان۔

آج بوڑھے نظر آتے ہیں۔ نتیجہ بھی دیکھو ان کی محفل میں
عورت کی جگہ خدا لینے لگا۔

وُہمہِ صدی ہندِس دوٚیمہِ ڈٲکِس شرٛوعس منز ییلہِ ہندوستانس منز NON-COPE RATION MOVEMENT ۃ خلافت تحریکہِ کِس پوٚت منظرس منز قومی ۃ وطنی جذبن نوٚو آیہ کاڈ ہیوٚت کڈُن ۃ سامراجی طاقتَو، ہندوستانی لوٚکن ہُند قومی جذبہ لیہ موکجہِ کرنکۍ نوٚو ۃ ظالمانہ وٚل استعمال اَنن ہیٚتی۔ اَمہِ ستۍ ووٚتلیو لوٚکن منز انقلابُک جذبہ زیادے پہن ۃ پرتھ طرفہ گوٚو سیاسی بیداری ہُند اکھ نوٚوے ہوا نواپادٕ۔ سماجُک حساس طبقہ کیتھ ہیکہِ اَمہِ تبدیلی ہِند احساسہٕ نِش بچھِ رٕوزِتھ۔ شاعر روٚمان بنے یہ شاعرِ انقلاب۔ کشیرِ منز ۃ اوس مہاراجہ پرتاپ سنگھنہٕ مرنہٕ برونہہ کیہنہ کال موزوٚرن ہنز اکھ تحریک زبردست طاقتہٕ ستۍ دباونہٕ آمژ۔ نگرامی تحریکن دیُت آزادی ہندِن نوٚون مجاہدن وُتش ۃ یتھ پاٹھی آیہ گوڈنچہِ لٹہِ شخصی راجس خلاف سیاسی منصوبہ منظم پاٹھی تیار کرنہٕ۔

وُہمہِ صدی ہندِس دوٚیمِس ڈٲکِس آخرس پیٹھ اُس سیاسی بے اطمینانی ۃ معاشی بدحالی طیس پیٹھ یمیُک نقشہ SIR ALBION BANNERJI ییمہِ آیہ دٲیراوان چھِ۔

" JAMMU AND KASHMIR STATE IS LABOURING

UNDER MANY DISADVANTAGES, LABOURING UNDER POVERTY AND VERY LOW ECONOMIC CONDITIONS OF LIVING IN THE VILLAGES AND PRACTICALLY GOVERNED LIKE DUMB DRIVEN CATTLE - THERE IS NO SUITABLE OPPORTUNITY FOR REPRESENTING GRIEVANCES AND THE ADMINSTRATIVE MACHINERY ITSELF REQUIRES OVERHAULING FROM TOP TO BOTTOM TO BRING IT UP TO THE MODERN CONDITIONS OF EFFICIENCY

P.N BAZAZ چھُ لوکن خصوٗصاً مسلمانن ہنز معاشی بدحالی ہُند اظہار یِیمہِ آیہِ کران۔

THE POVERTY OF THE MUSLIM MASSES WAS APPALLING, DRESSED IN RAGS WHICH COULD HARDLY HIDE HIS BODY AND BAREFOOTED, A MUSLIM PEASANT PRESENTED THE APPEARENCE RATHER OF A STARVING BEGGAR THAN OF ONE WHO FILLED THE COFFERS OF THE STATE.

یِمن حالتن منز کتہٕ روزِہا مہجوٗرس محبوٗبہ ہندی زلفہٕ ہیچان یاد۔ تمیٚ کوٚر جوش ہندی پاٹھی انقلابس ہتہٕ بغاوتس ہنز باتھ وَکھ۔ جوش اگر اَمہِ شعری رُویہٕ کہِ تبدیلی ہُند اظہار یِمہٕ آیہ چھُ کران۔

ہٹ کہ اب سعی وعمل کی راہ میں آتا ہوں میں

خلق واقف ہے کہ جب آتا ہوں چھا جاتا ہوں میں

پھر اُٹھوں گا ابر کے مانند بل کھاتا ہوا

گھومتا گھرتا، گرجتا، گونجتا گاتا ہوا۔

تہٕ مہجور چھ امہٕ نوآگہی ہُند عرفان یِمہٕ آیہٕ مولہٕ ناوان۔

چھنے ہو چھمہٕ پوشہٕ ٹھر باغس گمی آبس گمہٕ ناگس

کھسن چھم اذ برُ لاگتھ آسمان باران تراوُن چھمُ

یا

اگر وز ناوہن بستی گلن ہُند تراو زیر و بم

بنُیل کرٕ، واو کرٕ گگرای کرٕ طوفان پیدا کر

یتھ پاٹھی جوش نِس کلامس منز امہٕ نوشعری آگہی ہنز شروعات "شعلہ و شبنم" ہتہٕ سیدان چھے مہجورنِس کلامس منز۔ چھُ یہ موضوعی نوریہٕ تہٕ تبدیلی لیلہٕ پاٹھی پیام مہجور سلسلہٕ ناوی کلامہٕ ہتی سیدان۔

موضوعس ستی ستی چھُ زبانی ہندس بناوٹس۔ بیٹھ تہٕ امہٕ نوتبدیلی ہند اثر پیوان۔

نزاکت چھے تکرارک جامہٕ رٹان تہٕ سرگوشی چھے آہ گریز نیارک اظہار ہِراوان۔ فطرت کین منظرن ہند شعری اظہار چھُ پوز دِہ شونی شاعرن منز میلان مگر مہجور نہٕ شاعری منز ڈل تہٕ نسیم، تارسر نہٕ مارسر، درنگ تہٕ برنگ چھنہٕ محض جمالیاتی آسودگی ہندی سامانہٕ بہم کران بلکہ چھُ شاعر کشیر ہندین حُسنہٕ کین یمن ناگہ رادن ہندِ شاعرانہٕ اظہارہٕ ستی کاشرین منز قومی شناخت کین آثارن تہٕ تہذیبی عظمت کین آکارن کُن عام کاشرن ہند ظون پھرناونچ اکھ شعوری کوشش کران۔

جوش تہٕ چھُ یتھے پاٹھۍ پننٮ۪ن وارِیاہن نظمن منٛز ہندوستان کِس قدرتی حسنٕ کِس پۄت منظرس منٛز ہندوستانٕکہِ قدیم تہذیبی عظمتُک باوتھ کران۔

دوشوٕنی شاعرن منٛز چھُنہٕ فطرت نگاری ہُند مقصد تہٕ مُدعا محض LANDSCAPE ہُند نقشاو بلکہ چھُ اتھ پۄت ژھایہِ اکھ شدید قومیت کہِ جذبُک ووتلاو۔ قدرتکۍ حسین نظارن مثلاً شالہٕمار، نشاط، اچھبل چھنہٕ فقط فرحتکۍ تہٕ فراغتکۍ سال گاہ کِس صورتس منٛز ووتلان بلکہ چھِ کاشرن ہند احساسہٕ جمالکۍ تم آثار ینٛتھ برونہہ کُن یوان یمن ہُند تصورے یوت تہٕ کاشرن ہنٛزِ عظیم BEAUTY ہِنٛز کالک شدید احساس دِوان چھُ۔

یمن دوشوٕنی شاعرن نش چھُنہٕ فطرت محض خارجی منظرن ہُند بیان بلکہ چھُ یہِ وطنس نِسبت جذباتی رِشتُک دٔلیل تہٕ فراہم کران۔

روسی انقلابہٕ کِس پۄت منظرس منٛز یُس بوش موزورن تہٕ کاشکار طبقس کھالہٕ آو تہٕ یتھ پاٹھۍ تم قدرت کِہن خزانن ہندی وارث آیہِ مقرر کرنہٕ تمیُک پۄت کُنز چھُ اَکہِ کم کاسہٕ ہوٕے مہجورس تہٕ جوشس منٛز میلان۔ دوٕنی گوو یِنہٕ جوش عقیدتاً اتھ تحریکہِ ستۍ وابستہٕ سپُد تہٕ گِنگرو مہجورن صرف اَمہِ فلسفُک سوزٕے یوت تہٕ ساز تھوٗون بڑوُنے۔

جوش چھُ کاشکارس یِمہِ آیہِ فطرت کِہن اسرارن ہُند وارث گنٛزران تہٕ تہذیبُک پرورد گار تسلیم کران چھُ تتہٕ چھُ مہجور موزورس تہٕ کاشکارس تمام قدرتی وٚسیلن ہُند جائز وارث گنٛزران۔

یہ سماں اور اک قومی انسان یعنی کاشتکار
ارتقا کا پیشوا تہذیب کا پروردگار

دُنیہِ ہٕنٛز دولت چھےٚ تہنٛزے کُل تہند تہنٛزے زمین
راج تہنٛدُے تاج تہنٛدُے باج دار گوو تاجدار

مہجورَن تہٕ جوٗش دوشوٕے اٰسۍ سماجہٕ کِس تمہٕ طبقس سٟتۍ وابستگی تھاوان یُس ہندٕ شُمار بلواسطہٕ یا

COLABORATORS OF THE
بلاواسطہٕ استحصالی طبقن منز شمار اوس گژھان تہٕ یِم

RAJ اٰسۍ یِوان تسلیم کرنہٕ ۔ مہجورَ اگر PIRZADA طبقس سٟتۍ واٹھ اوس تھاوان یِمن

سرکارہٕ ڈٟسہٕ واریاہ مرعات حاصل اٰسۍ تہٕ اوس جوٗش جاگیر دارانہٕ خاندانُک

چشم و چراغ ۔ مگر دوشوٕنی منز یوسہٕ کتھ مشترک چھِ سو گَیہٕ یہِ زِ یِمہٕ ہندِس کلاس منز چھِنہٕ

ELITE
کُنہٕ جایہٕ ELITE ORIENTATION نظرِ گژھان ۔ یِم دوشوٕے شاعر چھِ

تہٕ تِہندِس مخصوٗص وطیرس پٹھ طنز کرِتھ پننہٕ جذباتی وابستگی

FEUDAL ELITE
سماجہٕ کِس یتھ کھورِ تہٕ مُشر اوٗد متین طبقن سٟتۍ ہاوان

چھُ مہجورَس گریسی کورِ سور پَچ حوٗر ونناوس پیٹھ مجبوٗر کرناوان تہٕ جوٗش چھُ NOBLITY

PARAGON OF BEUTY
رٔیس زادین ہندین وضعدار حُسنس مقابلہٕ اُکِس سیٚزِ سادِ "مالنہٕ"

تسلیم کران ۔

آرہی ہے باغ سے مالن وہ اٹھلاتی ہوئی
مسکرانے میں لبوں سے پھول برساتی ہوئی
بار بار آنکھیں اٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
اس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکائی ہوئی

مہجورَس تہٕ جوٗشَس دوشوٕنی پیٹھ چھُ یہِ الزام یِوان دِنہٕ زِ ہرگاہ یِم عوامی آرزوین
تہٕ اُمنگن ہندی علمدار بنِتھ شعری ہندِس تبہٕ ڈنڈس پیٹھ برزلیہ، تیلہٕ کٔمۍ چیزن کرِ یِم
شخصی راجہٕ کِس مولادرن ہندی قصیدٕ گیوٗنس پیٹھ مجبوٗر ۔ مہجورَ اگر بہ کاک دٕر وزیرِ وزارت
تہٕ پرتاپ سنگھس پیٹھ قصیدٕ گیوان چھُ تتہٕ چھُ جوٗشَن نظام حیدرآبادس پیٹھ قصیدن ہندی
قصیدٕ گیوان ۔ بہٕ وَنہٕ یی زِ دوشوٕنے گیوناوی وقتہٕ کِس تاجدارن ہندی بٲتھ روزگارکی
غمن تہٕ بیتیہٕ نہٕ کُنہٕ چیزن ۔

شخصی راجِکِس خاتمس پیٹھ پیٹھ ہِیلہ تحریکِ آزادی ہنز توصیف بندی سیکولر بنیادن پیٹھ وسوار کرنچ کوشش آیہ کرنہ۔ سیاسی فلسفچ یہ تبدیلی کھُر نہ وارِہن حلقن ٹار کیتنہ۔ یتھ کِنی آیہ واریاہ تم سازشہ کرنہ یمیک مطلب کشیر منز سایہ بدلن وُردِین پیٹھ محیط بھائے برادری ہندِس جذبس زکھ واتناونہ اوس۔ مہجور یُس انسان دوستی، مذہبی بھائے چارگ رودار اوس کتھ ہیکہ اَچھ وٹِتھ یہ سورُے سپدِتھ۔ چنانچہ لِچ تمی ہندِس شارِ مضرابس زیرِ نہ گیوون۔

ذات بتہ اتھ کانتہ رن ہنز چھوکئی
خواہ مخواہ دُور کرمہ یاد و یانہ واکئی

جوش سند چھ "وقت کی آواز" نظمہ منز تمثیلی طورِ اَتھی حقیقژ کُن اشارہ کران۔

مہجور سِنہ جوش یوْد وُے تمن کینژن خوش اقبال شاعرن منز چھ درج یمن پننہ زندگی منزے عوامی مقبولیت حاصل گیہ مگر یہ کتھ تہ چھ یمن اتھ احساس اندری کوران زِ تہند کلامک روح آو نہ اصل پاٹھی سمجھنہ۔ مہجور چھ اتھ احساسس یتھ پاٹھو زیو دِوان۔

مہجور کانترِ کانسہ ژُزونکھ نہ وُنتام
یِم زانہنے تم وُنہ چھ زیتے پوز کانہ زاو

جوش چھ تیتھین لوکن اوْن ڈِنتھ یتھ پاٹھی خندہ کران

اندھوں سے جب پڑا ہو ملنے میں واسطہ
اے جوش آپ یوسفِ کنعان ہوئے تو کیا

۱۹۴۷ ءَس منز پیٹھ برصغیرس منز زہ آزاد مملکتہ وجودس منز آیہ۔ نقلی جغرافیائی سرحدو تہ آدی جسمس تہ جانس اندر ژھین۔ بوے گو و بائیس نش جدا۔ ریچ ہولی آیہ ونن پیٹھ گندنہ۔ وانسہ وادن ہندی وچھس منز رچھمتی خواب گیہ بیتہ بزی۔ جوش چھ اتھ قومی بحرانس منز یمہ آیہ لوکن پیٹھ زار زار اونک تلقین کران۔

روحِ بشر کی موت ہے خونخواری و فساد          اپنے غضب سے جنگ ہے سب سے بڑا جہاد

اے دوست سعی امن سے ہوشیار دبامُراد    انسان کے دماغ کا سرطان ہے عناد ....

تہٕ ہجور چھُ تواریخی کاشرِ کردارن کُن کاشرِ ہندِ طوٗن پھرناوِتھ تمن منز بائے بنُت قایم تھاونس پیٹھ اصرار کران۔

کوٗر بٹس پیٹھ زوٗ فداقہٕ گوجاری
از تمے کتھ یاد پاوِو پانہٕ واُنی
یوٗد تھوٗو اتھ واس توہہ لوٗشوٗنہٕ کانہہ
تھِن کرِتھ ییٚنہٕ پوشہٕ ناوِو پانہٕ واُنی
بائے سُند باپس شوٗبیا تھاوُن ملال
گنڈ دِلن ہندی مرزاوِو پانہٕ واُنی

ہجوٗر تہٕ جوش ییمہٕ آیہ انقلابی نغمہٕ گیوٗتھ قومی بیداری ہُند جذبہٕ خوفہٕ لوٗکن منز یاد کوٗرتہٕ آزادی ہندن یمن خوابہٕ جزیرن ہند تموٗ تخلیقی سارا وس کوٗرمُت، آشن تہٕ وومیزن ہنز یمہٕ خلاٰلی مندورن تموٗ تعمیر آیہ کرنہٕ، عوامی حکومت بننہٕ پتہٕ باسیو زِ یمن مندورن ہیوٗنُے وقتہٕ کیٚو سالابی گتو پتہٕ شگاف پیٚنی۔ تہندن حساس دِلن پیٚو گرٕ اے تہٕ انقلاب کین نغمن بلہ سے ییکھ زن تہٕ لےٚ بگریمژ ہش۔ عوامی راجہٕ کین یمن ادارن تہٕ فردن ہتی یموٗ پننہٕ سماجکہٕ تعمیر نوٗک رشتہٕ جوڑمُت اوس، باسیو کھ زِ آزادی ہنز نوٗنوہ تہٕ ویلوٗر تلنہٕ پتہٕ دِتھ تس زن جبراطلاق۔ جوش اگر ماتم آزادی" نظمہٕ منز آزادی ہندین یمن علمبردارن خبر ہیوان چھُ ہجوٗر چھُ پننہٕ نظمہٕ "آزادی" منز سماجہٕ کین تہٕ آزادی ہندن یمن ٹھیکہٕ دارن مرزہٕ ورشن کران۔

بنبر شیخ زانہٕ کتھ ہُند معنہٕ تس ژٕلی خانہٕ دارن ہنتھ
نہٕ گود فرِی یاد کرِتس پتہٕ کنہٕ وہ برگر بپایہ آزادی

یہ آزاد ی چھےٚ سورٕ گٕژھ حور پھیر یا خانہٕ یتہٕ خانے
فقط کینژن نرن اندر چھےٚ ماران گرایہ آزادی
یہ آزادی چھےٚ تراوان متزلبس کُن سُمنگ باران
کران ساٚنس زمینس بیٚھ ژھرے گگرایہ آزادی

تَتہٕ تہٕ چھا زمیندارکا شکار نانگار تہٕ چھا بڈ دیکدار
تَتہٕ تہٕ چھا آلزبن رنگہٕ رنگہٕ نعمتہٕ کمی لبن گرٕ ھاں بتہٕ مار

خوابن ہُند شیشہٕ محل چھلہٕ چھلہٕ گرٕ ھنس پیٚٹھ، چھُ جوشس اکہٕ نوِ بغاوتک درس یتمہٕ آیہٕ دِوان۔

فٹ پاتھ، کارخانے، ملیں، کھیت بھٹیاں
گرتے ہوئے درخت، سلگتے ہوئے مکان
بجھے ہوئے یقین، بھڑکتے ہوئے گمان،
ان سب سے اُٹھ رہا ہے بغاوت کا پھر دھواں

## کاشرِس منٛز

# رامایَن

رَتن تلاشی

ہندوستانچ خاطرے کانہہ زبان آسہِ ترٛتھ یتھ منٛز نہٕ رامایَن یا رام کتھا اکہِ نہٕ بیٚیہِ رنگہٕ لیکھنہٕ
آمٕژ آسہِ۔ رامایَن چھِ کاشرِ زبٲنؠ منٛز تہٕ مختلف شاعرو لیکھمٕژ۔ یمن منٛز ساری کھوتہٕ اہم پرکاش رام کُری
گامؠ سُنٛد "رام اوتار چَرِت" چھُ۔ یہِ رامایَن چھُ یِمہ لحاظہٕ تہٕ اہم زِ یُونس تام چھُ یوٚہے اکھ رامایَن چھاپی
صورتس منٛز دٔستیاب۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ بیٚیہِ تہٕ کینژَن رامایَنن ہُنٛد ناو ہینہٕ یِوان۔ یمن منٛز ۱۹۱۸ہس منٛز لیکھنہٕ
آمُت "وِشنو کوشُن" وِلیشوٗر پرتاپ رامایَن، ڈب گاندربل کِس نیٖل کنٹھ شرما سُنٛد رامایَن شرما تہٕ ترٛسلہٕ
کِس آنند رام ترٛسلہٕ سُنٛد "رام اوتار بزبان کشمیری" شامِل چھِ۔ مگر یِم ترٛیشوے چھِ وُنہٕ چھاپس کھسنے۔
اَمہٕ سببہٕ یِلہٕ تہٕ کاشرِس منٛز رامایَن موضوعس پٮ۪ٹھ قلم تُلنہٕ یِیہِ تَمہٕ ساعتہٕ ہیکہِ پرٛکاش رامنس رامایَنس
کُنے زۄر توجہ مرکوز سپدِتھ۔ یتھ مقالس منٛز تہٕ چھُ مے اَوے یوٚہے رامایَن زیادٕ ہَن زیرِ غور اونمُت۔
پرٛکاش رامنہٕ "رامایَنُک سنہٕ تصنیف چھُ ۱۸۵۴ء تہٕ باقے ترٛیشوے اَچھاپؠ رامایَن چھِ اَمہٕ پتم۔
یتھ پاٹھؠ چھُ پرٛکاش رامُن "رامہٕ اوتار چَرِت" موجودٕ تحقیقہٕ مُطابق کاشرِ زبٲنؠ ہُنٛد گوڈنیُک رامایَن۔
بیشتر ہندوستٲنؠ زبانن منٛز چھِ رامایَن یا رام ادب سدا اَہمہٕ صدی بروٚنٹھے لیکھنہٕ آمُت۔
اَتھ مقابلہٕ چھُ کاشرِ زبٲنؠ منٛز اَمِچ تصنیف سیٹھاہ ژیری سپٕزمٕژ۔ شِتی کنٹھس پٮ۪ٹھ کُری گامس تام چھِنہٕ
اَسہِ کانٛسہِ تہٕ رام بَکھتہٕ شاعر سُنٛد ناو کُنہِ گرٛشھان۔ یتھ دورس منٛز ہندوستانچن مختلف زبانن منٛز رامایَنہٕ

ذٕرٕ پھلاوُن آمژ رام بھَکتی ہنٛز رِوایَتھ بام عوروٗجس واتمژ آس کٲشِرِ منٛز آسی تھ دورس منٛز لل دید تہٕ روپہ بھوانی ہِوی شاعر شیو فلسفکس نِرٲکار دیس للہِ کھوٗل کران۔ کٲشِرِ منٛز ووتلیس نگن بھکتی ہنٛز پہ رِوایتھ تتھ دورس منٛز ییلہِ یہ ہندوستٲنی زبانن منٛز ہیمیژ آس۔

وون گو رام بھکتی ہنٛز رِوایژ ہنٛز عدم موجوٗدگی ہُند مطلب چھُنہ یہ زِ یژکاش رامس بروٗہ نہ کیا چھِنہ رام یارامس سٟتی وابستہ ذٕلیہ کٲشِرِ منٛز متعارف آسمژ۔ بلکہ چھ تتھی کینہہ اشارٕ میلان یمو ستۍ ظاہر سپدان چھُ زِ کٲشِرِ منٛز چھِنے بروٗنہہ کالہٕ تہٕ رامایَنچ ذٕلیہ مروٗجہ آسمژ۔ مثلن شیخ العالمہٕ سُند یہ شرک[1]

| | |
|---|---|
| دٕشہ راونس نیتو جشن | تس ہلمت وتے ووتو |
| رازٕ رامس وشل وشن | پانہٕ آشن تس کیا دِتو |

چھُ یتھ کتھ کُن اِشارٕ کران زِ تَس زمانٕ وقتہٕ تہٕ چھ رامایَنچ قصہ کٲشرِ پاٹھرن ہنٛدی موضوع آسی مَتی یمن لوکھ بڈٕ چاوسان وُچھان آسی تہٕ[2]

ہیٛنٛدی دورس منٛز چھُ کینٛژو سنسکرت شاعرو رام ادبس پٮ۪ٹھ قلمہٕ بَرٕژر کوٚرمُت۔ اتھ سلسلس منٛز چھُ کھیمندرٕ سُند "دشم اوتار" ناٹک اہم۔ امیوٗ پتہٕ یُتھ ادب چھُ پورٕ تھے۔

رام چھُ وشنو سُند اوتار مانہٕ آمُت تہٕ وشنو مَتُک اثر چھُ نیل مت پرانس منٛز تہٕ۔ اتھ پرانس منٛز چھُ "ہی مانا" ناوکہ اکہ تیوہارُک ذکر یُس موجوٗد دورُک گو نگُل ہیوٚا وسمُت چھُ۔ کُملی چھ امہٕ دوہ سیتایہ ہنٛز پوزا کران آسی مَتہٕ۔ وشنو مت چھُ لتادیتہ تہٕ تَس پتہٕ تہٕ باتے مَتن ڈرلوز کٲشِرِ رائج روٗدمُت۔ مگر پرزٕ چھُ یہ زِ امہٕ باوجوٗد تہٕ پیٛدٕ تہٕ رام کلٹ CULT کٲشِرِ منٛز کٕنہ تہٕ تواریخی دورس تمہٕ انہامہٕ مقبوٗل ییمہ انہامہٕ یہ ہندوستانکین مختلف علاقن منٛز سپد۔ چنانچہ نیل مت

---

[1] کلیات شیخ العالمؒ۔ (دوٚیم ایڈیشن) ص۔ ۱۸۲

[2] مزید مطالعہ باپتھ۔ کمو۔ کٲشُر لُکہٕ پاٹھر (غارمطبوعہ)

[3] نیل مت پران۔ ص۔ ۱۹۸

پُرانس منز یِمہِ سیتا پوٗزا یِہ ہُند ذکر چھُ تتھ پسِ پردِ تہٕ چھُ سیتا لفظُک ویدی تصور کارفرما۔ ویدن منز چھُ لفظ "سیتا" زمینہِ ہُنز۔ وۄہ پداوار ۄ قوۄژ ہُنز۔ علامژ زنگٕ ورتاونہٕ آمُت یِمو وق سورنس سیتٕ بھوٗمی دیوی" ہُنز صوٗرتھ پراوِ تہٕ نیٖل مت کِس کمیٖلی سا جس منز زمینہِ ہُنز وۄہ پداوار ۄ قوۄژ ہُنز پوٗزا چھِنہٕ تہٕ غار معموٗلی کتھ۔ یِہ کتھ تہٕ چھےٚ توجہ طلب زِ نیٖل مت پُرانس منز چھِنہٕ تتھ کُنہٕ بڈٕ ڈکُ حوالہٕ میلان یِمیُک واٹھ رام سِنز زندگیہ یا کُنہٕ کارنامس سیتٕ آسہِ ہے۔

پتھ کالہٕ کٲشرِ منز رام کلٹ مقبوٗل نہٕ آسنٕچ بیاکھ شہادت چھےٚ یِتہٕ زِ اُسہِ چھِنہٕ تواریخن منز تتھ کُنہٕ تہٕ ویشنو مندرُک ذکر میلان یتھ منز رام سِنز موٗرتی اُسمژ چھےٚ۔ حالانکہ للتادتیہ ہندِس پرہاسپورس منز چھُ "راماسوامِنٕ"[۲] ناوُک اکھ مندر اوسمُت مگر بقولہِ کلہن چھےٚ اَتھ ویشنو سِنز رۄہ یہ موٗرتی اُسمژ یۄسہ بنگالی تخریب کارو کیشو سوامن زانتھ بُھترٲوِمژ آس۔

بہر حال یِمو کتھو تہٕ چھُ ٹاکارس پدان زِ راماینچ کتھ مُروجہ آسنہٕ باوجود تہٕ ہیچ نہٕ رام سِنز اوتاری شخصیژ تہٕ تِسنز بھگتی کٲشرِ منز ہندوستانکین مختلف علاقن ہُنز ہش مقبوٗلیت پراوِتھ۔ امی ہیوٚکہٕ کاشرٕ سونچ تتھ پاٹھی پانس کُن متوجہ کرِتھ یتھ پاٹھی یہ کرشنہٕ سِنزِ تعلیمہ تہٕ تِسنزِ اوتاری شخصیژ کوٚر۔ شاید ہیکہٕ اَمیُک وجہ پرانہٕ کٲشرِ ہُنز سیاسی جغرافیہ تہٕ تہذیبی لین دین تہٕ اُرتھ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یِتہٕ زِ شاید دژ نہٕ کٲشرِ ہندی غالب ریوٲیتی فلسفن ویشنو متس پوٚر پاٹھی پننہِ الگ پرژنتھ قایم کرنس اتھ وتھ۔

کٲشرِ زبٲنی منز تِل ادبی سوٗتھرس پیٹھ رام بھگتی ہُنز ریوٲیژ ہُند دس پرٛکاش رامن پننہِ "رام اوتارژریت" لیکھِتھ۔ تس میوٗل امہِ قسمچہِ بیانیہ شاعری باپتھ ماحول تہٕ سازگار۔ تس بروٚنہہ

---

[۱] جان ڈاوسن۔ اے ڈکشنری آف ہندو میتھالوجی۔ ص ۲۶۱

[۲] بقولہِ کلہن للتادتیہن کرنٲو پرہاسپورِ کھُڈاے یِیتہٕ مندرکۍ آثار دراے۔ اَتھ اُدس درواز کُنہٕ کھنتھ زِ یہ مندر بناونو رامن تہٕ لکھمنن۔ امہِ مندرچ ویشنو موٗرتی آیہِ بادشاہ ہندِ ڈسو اَکِس نوٚس مندرس منز تھاونہٕ۔ اَتھی مندرس آو راماسوامن ناو تھاونہٕ۔ راجترنگنی ش ۲۷۴

دھارمِک شاعری ہنٛز۔ غالب صنفہ آسہٕ واکھ، وژُن تہٕ پدیم ییٚمہِ اکار دیہ بکھتی باپتھ موزوٗن آسہٕ۔ مگر تَسُند زمانہٕ اوس مثنوی صنفہ ہند عوٗرُوجُک دور۔ اکہِ طرفہٕ اوس تمن کاشرِن شاعرن ہُند اکھ کاروان یُس آمُت یِم فارسی بیترِ زبانن ہندی منظوٗم داستان کاشرِ اوس کُن لگِمتی آسی تہٕ دوٚیِمہِ طرفہٕ آسی پرمانند ہوی شاعر یِمَن بکھتہٕ باو باوہٕ باپتھ ہندوستانی دیومالاہن ہنٛز باوژ وسیلہٕ بناوُنس درِپے۔ چنانچہ تَسندی زِٹھی ہمکال پرمانند تہٕ محموٗد گامی ہنٛزن طویٖل نظمن تہٕ مثنوِیَن ہُند شوہراوس دٔرِ دٔر تام۔ ممکن چھُ زِ تِھس ماحولس منٛز آسہٕ ہے دیہ بکھتہٕ تہٕ شاعرانہٕ ذوق تھاوَن وٲلِس پرٛکاشس رامس تہٕ یتھہِ شاعری باپتھ وتش لونگمُت۔

دوٚیِم کتھ چھےٚ یہٕ زِ افغان دورِ حکومتہٕ پتہٕ پیٚیہِ کشیٖرِ سکھ تہٕ ڈوگرا اقتدارس تل آسہٕ تہٕ یہ چھُ اغلب زِ اَتھ دورس منٛز آسہٕ ہے شُمالی ہندوستانکین سادن سنتَن ہُند کشیٖر کُن روزُو ہُریومُت تہٕ یِمن سٕتی آسہٕ ہے کشیٖر ہندٕن دیہ بکھتن تہٕ ووتھہٕ بہنگ موقہٕ میلان۔ چنانچہ پرمانند تہٕ وٲتشنہٕ رازدانس متعلق چھےٚ تذکرٕ نوٚیسویرٕ ٹھن ووتھہٕ بیٹھن ہنٛز۔ ذکر کرمٕتہٕ۔ ممکن چھُ زِ کرِ کرِ گامس تہٕ آسہٕ یہٕنہٕ ہی صوحبتہٕ زیرِ اثرٕ رام کتھا کاشرِ اوبٕ کل گیمٕتہٕ۔

یہ کتھ تہٕ چھےٚ دلچسپ زِ کاشرِ زبانی ہندی ساری رامائن چھِہ ڈوگرٕ دورس منٛز۔ لیکھنہٕ آمٕتہٕ تہٕ وٲلِشنہٕ کولن چھُ پرٛتاپ سنٛگھس۔ خوشنوٗدی برٛاونہٕ باپتھ یِمَن رامائن تَس کُن منسوٗب کرِتھ تھ "وشنو پرٛتاپ رامائن" ناو تھوومُت[1]۔ ڈوگرِ دورس منٛز ے چھُ کشیٖرِ منٛز تِمن کینٛژن اہم مندرن ہُند تعمیر تہٕ سپدمُت یِم رام یا رامائنکین باقے کردارن سٕتی وابستہٕ چھِہ۔ بہرحال ڈوگرٕ راجن ہنٛز رام بکھتی ہنٛز۔ دلچسپی سُنہٕ وراٚے تہٕ ہکو یہ اندازٕ لگٲوِتھ زِ اَتھ دورس دوران آسہٕ ہندوستانکیو مختلف علاقو پیٹھٕ رام بکھتَس ہند جان تعداد کشیٖر کُن آمٕتہٕ یِمَن ہنٛز۔ ووتھ بیٹھہٕ سٕتی کشیٖر ہندٕن گوٗنامَن تہٕ اَمِچ دلچسپی پادٕ سپدیمٕتہٕ آسہٕ۔ یِمہ کہ نتیجہ کاشرِ زبانی منٛز تہٕ مختلف گوٗنامَو رامائن لیکھنس قلم آزمائی کرِ کاشرِ زبانی ہندی رامائن چھِہ جدید ہندوستانی زبانَن ہندٕن بیشتر رامائنین ہندی پاٹھی

---

[1] کشیٖری زبان اور شاعری۔ جلد دو

اُدھیاتمہ رامائنکس طرزس پیٹھ۔ ادھیاتمہ رامائن چھُ اکھ لوکٹ پُران ییمُک تصنیفی زمانہٕ ۱۴ہم صدی
مانہٕ یوان چھُ۔ اتھ پیٹھ چھُ ویدانت فلسفُک اثر تہٕ۔ اتھ رامائنس منز چھِ رام تہٕ سیتا وِشنو تہٕ لکھمی
ہندۍ اوتار مانہٕ آمتۍ۔ اَمہِ رامائنُک اہم مقصد چھُ رام بجرُک تہٕ رام بھکتی ہُند پرچار تہٕ پھالناو۔ کاشرِن
رامائنن منز تہٕ چھِ رام تہٕ سیتا وِشنو تہٕ لکھمی ہندۍ اوتار ہاونہٕ آمتۍ تہٕ یمن منز تہٕ چھُ ادھیاتمہ رامائن
تہٕ تُلسی سٕنز شُہرہ آفاق تصنیفہ "رام چرت مانسکی" پاٹھۍ رام بھکتی بجر بخشنہٕ آمُت۔ رام کتھایہِ ہنز اولین
تصنیف چھےٚ والمیکی رامائن۔ مگر امیُک رام چھُ اکھ ہیرو تہٕ نَزِ کانہہ اوتار۔ سُہ چھُ اکھ بُلند اخلاق تہٕ
بااصوٗل انسان یُس ننیس مالِس سُند بول بجا انہٕ باپتھ راجت ترٲوِتھ وَن رٲٹان چھُ۔ آشنہٕ ہنز راچھ
راوچہِ باپتھ سوٚدرس تَرِتھ راونس سۭتۍ جنگ کران چھُ تہٕ عوامچہِ خوٚشی باپتھ ذٲتی مسرتن ہُند ہوٚٹ چیران
چھُ۔ بودھ تہٕ جین جاتکن منز تہٕ چھےٚ رامہٕ سٕندِ اَمہِ آدرش اخلاقچ تصویر برونہہ کُن یوان۔ مگر ادھیاتمہ
رامائنس تام واتان واتان چھےٚ سمیہ پھرس سۭتۍ رام سٕنز شخصیتھ انسانی سوٚتھرٕ پیٹھ ہیوٚر کھسِتھ
اوتارۍ رب پزاوان تہٕ اَمہِ پتہٕ یم تہٕ رامائن تصنیف سپدۍ تمن منز چھےٚ بیشتر پاٹھۍ رام سٕنز یہے
شخصیتھ ووتلاونہٕ آمژ۔ ادھیاتمہ رامائنکۍ پاٹھۍ چھُ کاشرِن رامائنن منز تہٕ خاص پاٹھۍ پرکاش
رامائنس منز تہٕ رام تہٕ سیتایہِ ہُند زنم پاپھ تہٕ ادھرمچ علامتھ راوُن مارنہٕ سببہٕ سپدمُت۔

پرکاش رامنہِ رام اوتارچہِ کتھہِ ہندۍ ووژنہِ یوٚدوَے زیادہ ہیٚن ادھیاتمہ رامائنس
ہستی رلان چھُ ووُں گوو ادھیاتمہ رامائن ییتھ پاٹھۍ رامانج سٕنز وِشنوی فلسفہ برتھ چھُ پرکاش
رامنس رامائنس منز چھِنہٕ تمہِ حسابہٕ فلسفی زاوی جار ژُکاونہٕ آمتۍ۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہ تہٕ زِ پرکاش
رامن چھےٚ امچہِ دلیلہِ منز تہٕ کُنہ کُنہ الگ رنگ کھارنچ کوشش کٔرمژ تہٕ کیہنہ تم قصہٕ تہٕ دلیلہٕ تہٕ شامل
کٔرمژ یم نہٕ ادھیاتمہ رامائنس منز چھےٚ مثلن "لوکوش ژربت" یُس اتھ سۭتۍ ضمیمہٕ رنگۍ شامل چھُ،
چھُنہٕ والمیکی یا ادھیاتمہ رامائنس یا بیٚیہ کُنہ قدیم رامائنس منز شامل۔ یمن منز چھِ صرف ستھ کانڈ یا
حصہٕ مگر یم رامائن مختلف جدید ہندوستانی زبانن منز شُراہمہِ سدا ہمہِ صدی دوران لیکھنہٕ آیہٕ
تمن منز چھِ اکثر ستو بجایہِ اٹھ کانڈ تہٕ اٹھمس کانڈس منز چھِ لوکوش ژربتکۍ واقعات شامل کرنہٕ آمتۍ،

یمن منز خاص پاٹھی لوٚ تہٕ کوٚش سُند رام تہٕ تسندِ بایِن سیتؠ کرنہٕ آمت جنگُک ذِکر اہم چھُ یٖلہٕ زن یہ ذِکر چھُنہٕ کُنہِ تہٕ قدیم رامائنس منز درینٛٹھ گژھان ۔ اوٹھمہِ صدی ہندی مشہور سنسکرت ناٹک نگار بھوبھوتی ین چھُ پننس "اُتر رام چرِت" ناٹکس منز یہ جنگ ہوومُت ۔ مُمکِن چھُ زِ ہندوستانکین مختلف علاقن منز مروٗجہ لکہ کتھن منز تہٕ آسہِ ہے امہِ جنگُک ذِکر یُس پتہٕ میو رامائن لیکھن والیو تہٕ پننِن رامائنن منز شامِل کوٚر ۔ یہ ذِکر آسہٕ پرٛکاش رامن تہٕ کُنہِ بوزمُت یا پوٚرمُت تہٕ یتھ پاٹھی کوٚر تمیٚ تہٕ پننس رامائنس منز یہ الگ پاٹھی لوکوٚش زِریت عنوانس تحت شامِل ۔

پرٛکاش رامنس رامائنس منز چھِ رتھی بیٚیہ تہٕ کینہہ قصہٕ تہٕ کتھ یم نہ والمیکی یا ادھیاتمہ رامائنس منز چھےٚ ۔ یمن منز چھےٚ اکھ دٔلیل سیتایہ ہندِس زٔنمس متعلق ۔ امہِ متعلق چھےٚ بلکہ زبانہٕ ہندِن مختلف رامائنن منز تہٕ وکھٕ وکھٕ دٔلیلہٕ نظر گژھان ۔ مثلن تبتی تہٕ کھوتانی رامائن تہٕ جاواکہ "سیرت کانڈ" مطابق چھےٚ سیتا راون تہٕ مندودری ہنز کوٗرؠ ۔ جیوتشن ہنز پیشگوئی مُطابق زِ بالغ یُنہٕ پتہٕ بنہٕ سوٚ راونہٕ ہنز معشوقہ تہٕ تسندِ خاندانٕچ تباہی ہندٕ وجہ ۔ صوٚندقس برتھ سمندرس دارِتھ دِنہٕ آمژ آس تہٕ چھیکرس آس راجہ جنکس نش واتمٕژ یمی سوٚ پننہٕ کورِ ہندی پاٹھی رٔچھ ۔ ادبُت رامائن، آنند رامائن تہٕ کھمندرنس دشم اوتارس منز تہٕ چھےٚ سیتایہ ہُندِ راونس نش بچھٕ ژینہٕ سنتان واتنٕچ ذِکر یُس پتہٕ پیشگوئی ہندِ خوفہٕ کِنی مندودری ہندِ مشورِ راجہ جنک ہندِس علاقس "میتھلایہ" منز زمینہٕ تل دوٚبراونہٕ یوان چھےٚ تہٕ بیٚیہ تس راجہ جنکس حاصل کرانؠ چھُ ۔ "دشرتھ جاتک" میلشاچہِ "رام سیری تہٕ انڈونیشاچہِ "رام کیلنگ" کتھہٕ مطابق چھےٚ سیتا دشرتھ ہنز کوٗرؠ یُس راونس نش واتِتھ پتہٕ تسندِ دٔسی سوٚدرس دارِتھ دِنہٕ یوان چھےٚ ۔ پرٛکاش رامنہٕ رامائنہٕ مطابق تہٕ چھےٚ سیتا راون تہٕ مندودری ہنز کوٗر ووٚن گوو امہِ منز ۔ چھےٚ کشیر ہندِ حولہٕ مُطابق سوٚدرہٕ بجایہ کولہٕ ہنز ذِکر امہِ منز تہٕ چھُ راجہ جنک سیتایہ زمین کھنتھ میٚنزٕ تل کڈان ۔

کاشرس رامائنس منز چھےٚ مہراونہٕ دٔسی رام تہٕ لکھمن ژوٗرِ نتھ پاتال واتناونٕچ دٔلیل بیٚیہ

---

ط یہ بیٚیکھ مقامی اثر آسِتھ تہٕ مُمکن چھُ زِ یمن تہذیبن منز آسہِ ہے تھدورس منز INCEST جایز ۔

رتن ہنومان تینس نیچوس ستۍ جنگ کرنہٕ پتہٕ موکلاوتھ انان چھُ۔ یہ دلیل تہٕ چھےٚ نہٕ ادھیاتمہ رامائنس منز۔ بلکہ چھےٚ یہ دلیل سنسکرت زبٲنی ہندِ ہےٚ "آنند رامائنس"[1] منز۔ ووٚن گوو اتہٕ چھ مہراونہٕ بدلہٕ اہراوُن یُس صرف لکھمنس ژوٚر نیتھ پاتال واتناوان چھُ۔ اتھ منز تہٕ چھ ہنومان ہندِ ہن شرن ہند ذکر۔

پرکاش رامنس رامائنس منز چھُ سیتایہ ہنز راوَم ہند قصہ تہٕ یمہ مُطابق رام سیتایہ رٲوَم ہنز سازشہ کنۍ اجودھیاہ منز کڈتھ ژھنان چھُ۔ "رام اوتار ژریتُک" ترتیب کار ڈاکٹر بجی ناتھ بند چھُ اتھ پرکاش رامنہِ تخلیک پٲداوار مانان یُس نہٕ صحیح چھُ۔ یہ قصہ یوٚدوے والمیکی، ادھیاتمہ تُلسی یا بیٚیہ تہٕ بیشتر رامائین منز چھُنہٕ امابوز الیہ پٔتھ یتھے ہیو قصہ چھُ بنگٲلی زبٲنی ہندس مقبولہٕ عام رامائن "کرتی واس" رامائنس منز وُچھناوُنہٕ آمُت۔

"رام اوتار ژریت" چھُ ساڈس مثنوی ادبس منز شاٲمل مگر یہ چھُ بیشتر مثنوی ادبہ نشہٕ یمہ لحاظ وکھرٕ زِ یہ چھُنہٕ کُنہِ اکہِ مخصوص داستانُک ترجمہ۔ یعنے یمۍ رامائن تصنیف کرنہٕ وزِ چھُنہٕ پرکاش رام بیٚیہ زبٲنی ہندس کُنہِ مخصوص رامائنس پوٚرتابع رُود مُت۔ بلکہ چھ تمۍ اتھ منز تمہ مختلف کتھہ تہٕ شامِل کرمژِ یمہ تمۍ مختلف وسیلو اورٕ یپورٕ بیرمژِ یا بوزمژِ چھےٚ۔ ووٚن گوو کُلس پٔٹھ چھُ امہ رامائنُک مزاز یمہ حسابہ ادھیاتمہ رامائنس ستۍ ہشر تھاوان زِ امہ کین مختلف کردارن چھُ مذہبی تہٕ عقیدتی مُل مایہ کھارنہٕ آمُت۔

مُختلف زبانن ہندین کینژن رامائین منز چھُ شاعرانہ فنُک تہٕ کتھی ہند رسُک اکھ تیُتھ مٲری موٚند سنگم زِ یمن چھےٚ تِمنس ادبس منز اکھ پوشہٕ وٕنی حیثیت حاصل۔ شاعرانہ فنس منز چھُنہٕ والمیکی رامائن تہٕ کم کینہہ۔ بلکہ چھُ اتھ منز والمیکی سُند مقصد ہے ترتھ شاعری پیش کرنی اوسمُت یوٚس لوکن دُنیاوی زندگی ہند بوٚد و لابوٚ نشہ ہنا موکجار دِتھ ہُدُ یا پیٚچ مسرت تہٕ فرحت بخشہے۔ دھارمِک نوعیتکی بیٚیہ تہٕ کینہہ رامائن چھ یمنو فنی خصوصیژ و موجب بیٚنہٕ زبٲنی

---

[1] آشا بھارتی، رامائن کے ناری پاتر (ہندی) ص ۲۵

ہندی نمایندہ فنپارہ بنیمتۍ۔ ہندی یُک "تُلسی رامائن" بنگٲلی "کرتی واس رامائن" مراٹھی "سیتا سویمور" آسٲمی "مادھو کندلی رامائن" تامِل کمب (KUMB) "رامائن" تہٕ تیلگو "دیوپد رامائن" چھےٚ یتھہٕ کیٚنہہ مثالہٕ یمن ستۍ یہٕ کٲشرۍ رامائن یمن منز پرٛکاش رامُن رامائن تہٕ شٲمِل چھُ مقابلہٕ کرِتھ ہیکَن تکیازِ یمن منز چھےٚ کیٚنہہ فنی لغزشہٕ۔ مثلن نی تو "وِشنو پرتاپ رامائن" اَمِ روٲنی چھےٚ اُردو، پنجٲبی، ڈوگری تہٕ کٲشرِ زبٲنی ہندِ ستہٕ ساسہٕ ورتاوس ستۍ متاثر سپُرمُت تہٕ باضے چھُ قٲری تہٕ یہٕ سونچان سونچان راوان زِ یہٕ کمہٕ زبٲنی ہنز تخلیق مانہون۔ چنانچہٕ وِشنہٕ کولس چھُ رامائن کٲشرِ شعرن منز وکھناوِتھ بجایہ پرتاپ سِنگھ خوش کرنُک مقصد توٗتھ اوسمُت۔ اَمہٕ سبب چھُ تمۍ پننِ فن اَتھ مقصدس پیٹھ قوربان کوٚرمُت۔ ووٚنۍ گوو اَتھ مقابلہٕ چھُ پرٛکاش رامُن رامائن سرس میٚچ زبان شوٗزہٕ تہٕ سہل چھےٚ۔ کُنہٕ کُنہٕ یوٚدوَے سنسکرت تہٕ فارسی زبٲنی ہندۍ لفظٕ تہٕ ورتاونہٕ آمتۍ چھِ تِمہٕ چھُ عام فہم تہٕ عام ورتاوُک۔ اَتھ منز چھُ محاوراتی زبٲنی ہُند ورتاو تہٕ۔ پرٛکاش رامنۍ خوٗبی چھےٚ یہے زِ اَمۍ چھےٚ وۄپر زبٲنی ہُند بورزورٕ پانس کھورمُت۔

سہل زبٲنی ہندِس ورتاوس ستۍ ستۍ چھےٚ پرٛکاش رامن یہِ وۄپرٕ دلیل کٲشرِ ماحولہٕ تہٕ فضاہِ ستۍ رنگنچ کوٗشش تہٕ کرمٕژ۔ کٲشرۍ تیرتھ، پوشہٕ ذاژ، باغ، بال تہٕ وَن ہُندۍ ہیلہٕ ورتاو کٔرِتھ چھُ اَمۍ نہٕ صرف اجودھیا تہٕ ڈنڈک وَنس منز کٲشرِ ہوا نوا تہٕ فضا پادٕ کوٚرمُت بلکہ چھِن رامائن کین کردارن تہٕ کٲشرِ سکوٗنت دِنچ کوٗشش کرمٕژ۔ مثلن سیتایہٕ ہُند زمینس تَل غٲب گژھنُک قصہٕ شنکر پورکس تسکرناگس ستۍ وابستہٕ کٔرِتھ چھُن اَتھ کٲشُر رنگ کھورمُت۔ شاید چھُ شوٗزِ تہٕ سہل زبٲنی بییہٕ مُقٲمی ماحول ووٚتلاونہٕ موٗجب یہِ اوٚہتد رامائن کٲشرِ مثنوی ادبکہٕ برٛژہٕ امبارٕ منز الگ بیٚدِتھ تمن کینژن مثنوی ین منز شٲمِل سپُدمُت یمو عوٲمی سوٚتھرس پیٹھ مقبولیتھ پرٛاو۔

ووٚنۍ گوو ضروٗری چھُنہٕ زِ کانہہ مقبوٗل فنپارٕ کیا آسہِ فنی لحاظٕ بُلند۔ یتہٕ چھُ پرٛزرٕ پرٛکاش رامُن رامہٕ اوتار چھُ شعری خصوٗصیژ و بجایہ بییہٕ عقیدتی تہٕ بھکتی ترٛٲیہٕ موٗجب مقبوٗل سپُدمُت تہٕ پرٛکاش رامُن مقصدتہٕ چھُ ہرٕشٲعری تخلیق کرنہٕ کھوتہٕ پننۍ بھکتی جذبہٕ باوُن اوسمُت۔

یُہُنٛہ کنہٕ چھُ تس یُہے مقصد نیٚپنِن فنی صلاحیژن ہُند بَرپوٗر اظہار کرنس حایِل سپد مُت ۔ رامایَنُک
پلاٹ چھُ بیٚنہٕ باڈہٕ موجب تیٚمہ زاتھ منز چھِ رزمیہ کِہ گوٗن تہٕ تہٕ رام تہٕ سیتایہٕ ہندِس ہجر وصلہٕ کِس
داستانٕکِس صوٗرتس منز بزمیہ گوٗن تہٕ ۔ ووٚنۍ اگر امہٕ ڈلیلہٕ ہنز باوتھکاری باپتھ چھ ابزمیہ اندازٕ
ورتاوٕ ایٚکُ مجموعی توثر سپدِ متاثر تہٕ ہرگاہ چھ ارزمیہ اندازٕ ورتاوٕ تمہٕ سِتۍ تہٕ سپدِ شاعرانٕہ فنس
منز خلل ۔ پرکاش رام تہٕ چھُ چھ ابزمیہ اندازس لور رُدمُت یَمہٕ سیٚہ امہٕ ڈلیلہٕ ہنز تاثراتی توٗژھ
پوٗرپاٹھۍ بروٚنہہ کُن چھنہٕ آمژ ۔ ہرگاہ تمۍ کانہہ درمیانۍ وَتھ ژٔٹمٕژ آسہٕ ہے ممکن چھُ زِ تسنز شاعری آسہے
زیادٕ جاذبِ نظر ۔

پرکاش رامنَ چھُ کنہٕ کنہٕ قصہٕ غارضروٗری طور ژھوٚٹرٕ ومُت تہٕ کنہٕ کنہٕ زیٚٹھرٕ ومُت ۔
مثلن دوٚن بٲینن غابچھ تہٕ کھرٕ دیو سُند جنگ چھُ اشارتاً باوُنہٕ آمُت ۔ اہلیایہٕ ہنز ڈلیل چھےٚ بلاوجہ
دوٚیہِ لٹہِ دِنہٕ آمژ ۔ کینژن کتھن منز چھُن ڈلمُل تہٕ ٹھوومُت ۔ مثلن تارا آسا سگریو ہنز آشنٛیٚنۍ
کِنہٕ وٲلی ہنز ۔ یہِ چھُنہٕ واضح سپدان ۔ یاناگن ہنز ۔ ماجہ سوٚرسایہٕ ہُند ذکر چھُن مُذکرس منز کورمُت ۔
کینژن مکالماتی شعرن منز چھےٚ اکی سے خیالس ٹانٛٹھ کھارنہٕ آمژ لوٚیہ غارضروٗری طوالتُک
باس دِوان چھےٚ ۔ یہِ طوالتھ چھےٚ کینژن لیلاین منز تہٕ ۔ اَتھ منز موجوٗد لیلاین ہُند گنٛجار چھُ یہِ کتھ
بروٚنہہ کُن انان زِ پرکاش رامُن مقصد چھُ رامایَنچ ڈلیل وَننہٕ کھوتہٕ پیٚنہٕ بھکتی لوٚلُک اظہار کرُن
ادیمُت ۔

ووٚن گوٚو امہٕ ساری باوجوٗد تہٕ چھُنہٕ اَتھ منز ۔ تھٔتھن شعرن ہنز ۔ کمی یم دلکش واقعہ
نگاری تہٕ جذباتھ نگاری ہندِ کرٛتی نموٗنہٕ چھِ ۔ راونہٕ سندِ ڈسی سیتا ژوٗرِ نُک واقعہ ، سیتایہٕ ہنز
اگنی پریکھشا تہٕ رامہٕ سُند لوٚنہٕ کوش گوڈنچہِ لٹہِ وُچھنُک منظر چھِ جان شاعری ہندۍ نموٗنہٕ تہٕ پرکاش
رامنہٕ فنی صلاحیژ ہُند اندازٕ چھُ یِتھی وِے شعرو تہٕ سپدان ۔ یِتھی ہوۍ شعر نموٗنہٕ نظرِ تل تھاوِتھ ہیکون
"رامہٕ اوتار ژریت" کاشرِ مثنوی ادبُک اکھ موٗلُل فن پارٕ مانِتھ تہٕ ہرگاہ کنہٕ فن پارُک موٗل بیٚتھ کتھ
پیٹھ آسہٕ زِ یہِ کتھ حدس تام چھُ قاری ین ہُند دل رٔٹتھ ناوِتھ ہیکان تیلہٕ چھُ "رام اوتار" کاشرِس

ادبس اکھ بیش بہا ہُرٕر ژکیازِ یہِ چھُ کاشُر مثنوی ادبُک سُہ فن پارٕ یُس پتہٕ میوٚتہٕ ییوٚ ژورو پیر پوٚبیٖھ
کہٕ یہِ وُری بروٚ نہٕ تام وندٕچن تہٕ زنین راژن منٛز۔ الہٕ پلہٕ پژتھ بڈٕ گرس منٛز پرنہٕ یوان اوس تیٚمہِ ستیٚ
کاشرٕن ہندس رام کتھا یہِ ہندِس موٗنڈیمتِس یادٕ وُترس نوٚ پین لیٚج ییمہٕ کہ نتیجہٕ رامایَن کین اساطیرن
واقعاتن، حادثن تہٕ متظرن ہُند دُنیا سازٕ دوٚہہٕ دِشکہٕ بول چالک تہٕ وونہٕ باوژ ہُند اَژہِن
انگ بنیوو۔ چنانچہ پرکاش رامس بروٚنہہ کاشرِ شاعری پیٹھ اگر نظر ترٛاوو شاید گژھہ اَسہِ شیخ العالمؒ
ورٛاے کُنہِ تہٕ رامایَن کین کردارن تہٕ قصن ہند تخلیقی ورتاو نظرِ۔ مگر پرٛ کاشِ رامس پور کٔنؠ
لوٚدوٚے اَسی تٔمِس ادبس چاہے شاعری آسہِ یا نثر، ژھانڈ دِمو اَسہِ گژھن رامایَن ماخذچن
علامژن، تلمیحن تہٕ تمثیلن بیترِ ہنٛز مثالہٕ ہا نظرِ یم یہ کتھ ہاوان چھِ زِ کاشرِس منٛز۔ چھُنہٕ رامایَن
چھُ اکھ مثنوی بلکہ چھےٚ وونی اَیہِ اَدرن ساٚنس سوٚنچس تہٕ فکرس تِ ترٛ۔

# اقبال تہٕ آزاد

## اکھ مختصر تقابلی جایزٕ

ڈاکٹر رُخسانہ تبسّم

کُنوہمہٕ صدی ہُند دور اوس تمام عالمہٕ خاطرٕ سیٹھے اہمیت تھاوان۔ یہ دور اوس انتشارُک، بغاوتُک تہٕ انقلابُک دور۔ دٕرِس جہاں اوس نوٚن خاین تعبیر ژھارنس منز محو۔ روٗسکہِ اشتراکی انقلابن اوس سورُے دُنیا پانس سٟتۍ آوُرمُت۔ باقے ملکن ہنٛدۍ پأٹھۍ اوس ہندوستانس پیٹھ تہٕ امیُک اثر پیومُت۔ سیأسی، سماجی، تہذیبی تہٕ علمی تحریکہٕ آیہٕ بارسس۔ ہندوستان اوس انگریزن ہندِس قبضس تَل۔ لوٗکن ہنٛدن جذباتن سٟتۍ اوس گنڈنہٕ یوان مختلف نوعیتکۍ ٹیکس دی دی اَسۍ لوٗکھ پتھرِس لاریمتۍ۔ روٗسی انقلابس تحت ینہٕ واجنہٕ اٲسۍ اشتراکی، یا ترقی پسند تحریکہٕ منز باسے یہِ لوٗکن کوٗشش تہٕ یہٕ پرٛتھ فرقس سٟتۍ تعلق تھاون وٲلۍ لوٗکھ گیہٕ متفق پأٹھۍ اتھ تحریکہِ سٟتۍ وابستہٕ۔ اُتھۍ منز۔ وُتھۍ کینٛہہ نفر یموٚ زن سیأسی تہٕ سماجی شعبن منز رہنمایانہٕ رول ادا کوٚر۔ یموے منز اوس اقبال تہٕ اکھ۔ لوٗکن ہنٛز بد حالی، استحصال، انسانیت سوز تہٕ اخلاق سوز واقعہٕ وُچھتھ اٲس اقبالس خوٗنس گرِٛتھ لگان۔ تمہِ حالات و واقعاتن ہُند جایزٕ روٗدُس بڈٕ سنجیدگی سان ہیوان — ابتداہس منز روٗد اقبال توٲبہ شاعری

کران۔ مگر وقتک تقاضہٕ تہٕ موقعہٕ نزاکت وُچھتھ پھیر تمہٕ پننہٕ شاعری ہُند روخ تحریکِ آزادی کُن تہٕ لوگ ملی نغمہٕ تہٕ آزادی ہندی باتھ گیوُنہٕ۔ تمہ پتہٕ تمہٕ نظمہٕ یمو ستی حب الوطنی ہُند جوش تہٕ ہمت پاداہ گژھان۔

اقبالن کٔر رنگارنگ موضوعات پیش۔ نوی نوی استعارہ، تشبیہات، تلمیحات وغارہ پیش کٔرتھ کوٚرُن زبانہٕ تہٕ پرزر تہٕ پننہٕ شاعرانہ تخیلہٕ ستی کٔرِن لوکھ اکس نوٚس ماحولس ستی واقف۔

چونکہ اقبال اوس پذاتی کاشُر۔ کشیرِ ہندِ حالات و واقعاتن نِشہ باخبر روزتھ روُد اقبال اکہٕ نہٕ پہٕ بٔییہٕ زنگی کاشرِن ہندس حقس منز آواز بلند کران۔ کاشرِن ہنز بدحالی، محکومی، افلاس تہٕ ظلم زیادتی ین ہُند اوس اقبالس مشاہدہ۔ یہ سورُے وُچھتھ اوس سُہ دل برداشتہٕ گژھان۔ کشیرِ ہنز کتھ دُنیہکین تمام ایوانن منز واتناونہٕ خاطرہٕ چھ یمہٕ آیہٕ پننین جذباتن ہُند اظہار کران۔

باد صبا اگر بہ جینوا گذر کنی      حرفے زما مجلس اقوام باز گوے

دہقان و کشت و جوئے خیابان فروختند

قومے فروختند وچہ ارزاں فروختند

نہٕ صرف یتے یوت بلکہ آیہ لاہورس منز اکھ کمیٹی تشکیل دِنہٕ یتھ "انجمن کشمیری مسلمانان" ناو تھاونہٕ آو۔ اتھ منز پوٚر اقبالن کشیرِ پیٹھ پنُن کلام۔ امہِ علاوہٕ سپُد اقبالنہٕ سربراہی منز اکھ بہلہ پایک جلسہٕ منعقد یتھ منز کافی تعداد س منز لوکو شرکت کٔر۔ سُہ اوس عملی طورتہٕ تحریکِ آزادی کشمیرس ستی وابستہٕ۔

؎۱ "لاہور میں کشمیریوں کی فلاح وبہبود کے لئے

جو انجمن سرگرم عمل تھی۔ اس کے جنرل سیکرٹری

علامہ ہی تھے"۔

---

؎۱ شیرازہ، اقبال نمبر جلد ۱۶، شمارہ ۳، ۴، ۵، ۶۔ جموں و کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز صفحہ ۱۸۳

تَس اوس وِزِ وِزِ کٲشِرِ ہِند خیال یِوان ۔ غولامانہٕ زندگی ۔ انتشارُک ماحول ، مایوسی ہٕ غُربت ، ظلم ، جبرِ ہوی حالات آسی تَس وَچھ کوٗران تۄے تہٕ چھُ خُدائے ہندِس بارگاہس منز دست بدعا سپدِتھ منگان :

تۄڑ اس دستِ جفاکش کو یارب

جس نے روحِ آزادیٔ کشمیر کو پامال کیا

اقبالَس اوس کٲشِرِ ستی سخ محبت تہٕ کٲشُرٲسنس پیٹھ اوس فخر کران تہٕ تمیُک اظہارِ تہٕ اوس سیٹھاہ والہانہٕ اندازس منز کران ۔

تمہ زگلے خیابان جنت کشمیر

گویا یہ دور اوس سُہ دور ییلہِ زن سارِے ہندوستانَس منز اقبالَنہٕ شاعری ہُند شوہرِ چھُ آسان ۔ جد و جہد آزادی ہنز تحریک جھن اُکس نوٗس مجلس منز اُٹھی ہوان آسِن ۔ (انگریزن خلاف) یِموے چیز وکور آزادُن ذہن مُتاثر ۔ مہجورَس تہٕ آزادَس برونہہ آسی کٲشِرِ شاعری منز صوفی تہٕ سرّی نظریات تہٕ فلسفہ بیان یِوان کرنہٕ مگر آزادَن تہٕ مہجورَن دیُت کٲشِرِ شاعری نوٚو رنگ تہٕ عام مسائل ، زندگی ہندی مختلف موضوعات تہٕ زندہٕ زوٗ کردار آیہ پیش کرنہٕ ہیت ، مواد تہٕ اوسلوٗبس منز آو نوبر تہٕ وُسعت ۔ آزادَس برونہہ یوٚدوے مہجورِ لوٗکن ہندِ بیدار گژھنچ بشارت چھُ دِوان یہ وُنھ زِ ۔

بہہ گیہِ گوس بیدار کُنہٕ کیتہٕ بولُن گوم

مگر مہجورٕ روٗد زیادٕ ترٕ رِوایتی شاعری نوٗس پیرٲوی ہنز کران تہٕ یتھ پاٹھی چھُ سُہ کُلس پیٹھ رومانی شاعرن منزے گنزرادنہٕ یِوان ۔ آزاد تہٕ روٗد گوڈٕ گوڈٕ مہجورِنِس نقشِ قدمس پیٹھے پکان مگر جلدے کوٚر تمی امہٕ نہجہ لیٚنہِ انحراف بلکہ دُنو بغاوت کرن تہٕ لوٗکن منز سماجی شعور باڈ کرنہٕ تہٕ لوٗکن بیدار کرنُک ذریعہ بناو تمہ پننہٕ شاعری ۔

ووتھ پاہٕ پننٕ ستر کرٕ بَن پاہٕ پننٕ رہبر اوتارتے پیغمبر تم آسی یِوان پیٹھ کالے

تُل میأنۍ پانٕ سارِ سمیٚک بور کلس پیٹھ
ملکن تہٕ فلکن لرزٕ ووٚتھ ڈیشتھ یہِ جگر میون

پھیر مہٕ پوٚت تُل قدم نیرٕ ژٹھتھ یِم حجاب
یی ونان انقلاب اُتھی چھہِ دپان انقلاب

یِتھہٕ پأٹھۍ کوٚرُن لوٚکن ہندِ ین کمِن اکھ نوٚو آلو۔ ۱۹۳۱ء منٕز۔ اَس کشیرِ منٕز مہاراجس خلاف تحریک وُتھمٕژ۔ اَتھ تحریکہِ سٟتۍ آسۍ شیخ محمد عبداللہ، غلام رسول کامگار، غلام محمد عشائی چودھری غلام عباس تہٕ مولانا مسعودی ہوی کینہہ پٔریمتۍ لیکھیمتۍ نوجوان وابستہٕ گٔمتۍ۔ ۱۹۳۶ء منٕز آیہٕ "انجمن ترقی پسند مصنفین" وجودس۔ تمام ادیب کیو شاعر سمے یہِ تہٕ ہیوٚتکھ ژلتھ میلتھ بروٚنہہ پکُن۔ یہِ اوس سُہ وق ییلہِ لوٚکن پیٹھ ظلم وجبر حدٕ روٚس اوس سپدان تہٕ لوٚکن ہندِ ین دِلَن منٕز اوس شدید نفرتُک جذبہٕ ووتھیومُت۔ صرف اَس تھٕ زیرِ دیٚنۍ ضروٗرتھ تہٕ یہِ کأم چھےٚ ترقی پسند تحریکہِ ذریعہِ انجام دِنہٕ یِوان یوٚسہٕ لوٚکن پھیکہِ پھیکہِ بَرا آیہِ۔ یِمن گوڈٕ وَنہٕ آو نہٕ آزاد اوس گوڈٕ گوڈٕ لولہٕ شأعری کران مگر پتہٕ وطنُک، ثقافتی، سمأجی، تمدنی تہٕ سیأسی استحصال وُچھتھ اوس تَس ووٚنۍ زُلف تہٕ خال مشیومُت۔ نوجوانن ہُند بے دردانہٕ قتل، مسکینن تہٕ مظلوٗمن ہنٕز آہ وزأری سٟتۍ اوس آزادُن دل مجروح گوٚمُت۔ تٔمِس اَس اکھ عجیب بےٚ قرأری تہٕ آخرس بنیہ یہِ یہےٚ بےٚ قرأری آزادنہٕ انقلأبی شأعری ہُند سبب۔

آزاد روٗد سنجیدگی سان اقبالُن مطالعہٕ کران۔ تٔمۍ سمجھُ اقبال پوٗرٕ پأٹھۍ۔ تٔمۍ سُند کلامہٕ باسیوس دَیہِ وُن تہٕ تَہندۍ اثرات روٗد قبوٗل کران۔ آزادن زون بےٚ کسی تہٕ بے بسی پیٹھ واویلا کرنہٕ بجایہِ مُناسب لوٚکن منٕز۔ غأرت تہٕ جوش پأدٕ کرُن۔ ہرگاہ یہِ سبٹھاہ مشکل اوس مگر آزادَن دیُت جُرتہٕ سان انقلابُک نعرٕ۔

پان پننٕ پرزناوچھاوپنُن لولہٕ باغ
داغِ غولامی مٹاوہاوپننٕ دل دماغ

پننہٕ وطنہٕ کین لوکن اوس آزاد بیدار تہٕ ہشیار گرُھنہٕ باپتھ وَنان۔ خاص پاٹھو نوجوان یِمن ہندین اتھن منز پننہٕ وول وق چھُ آسان زِ یہٕ چھُنہٕ موقعہٕ لرتراونُکھ یا شونگنُکھ بلکہ پننین کوٹھین پیٹھ ووتھنُکھ۔ یِموجوانو پننہٕ وطنہٕ خاطر زُو دِتی تِمن ہند خواب پورٕکرنُک اقبالنہِ پاٹھۍ اوس آزاد تہٕ یِمن جوانن پننہٕ عظمتُک تہٕ پننہٕ اہمیتُک احساس دِوان وَنان۔

اقبال ؎

عقابی روح جب بیدار ہوتی ہے جوانوں میں
نظر آتی ہے اُنکو اپنی منزل آسمانوں میں
نہیں تیرا نشیمن قصرِ سلطانی کے گنبد پر
تو شاہین ہے بسیرا کر پہاڑوں کی چٹانوں میں

آزاد ؎

گُلن منز چھکھ ترٲوِتھ لرٕ بچھاوِتھ مخملُک بستر
گُلن تہٕ گلشنس اندر گرٕھاں چھا شیر نر پیدا

دونوے چھِ مسلسل عملہ تہٕ جدوجہد کہ قایل نہٕ زِ جمودُک، آرام طلبی تہٕ سستی ہندی۔

اقبال ؎

میروسلطان وتردوبازوکعبتین شان دغل
جانِ محکوماں زتن بردندومحکوماں بخواب

آزاد ؎

بروہہٕ کین زندگی پیٚرِ دٕ ژٹھ دم بدم
شان خدائی تہٕ یوٚد پیٚرِ دٕ بنی برمہٕ غم

پھیر مہ پوٚت تِل قدم نیر ژٕ ژٕتھ یِم حجاب
یِی وَنان انقلاب اٰتھی دپان انقلاب

اقبال ؎

ہند کے شاعر و صورت گر و افسانہ نویس
آہ بے چاروں کے اعصاب پہ عورت ہے سوار

آزاد ؎

صد حاف ہزار افسوس تس دردِ غزل خانس
یس خام خیالن پتھ آرام دِنگ راوے

اقبال ؎

سرما کی ہواؤں میں عریاں ہے بدن اُس کا
دیتا ہے ہنر جس کا امیروں کو دوشالہ

آزاد ؎

اُسی چھو کہ لد جگر ہیتھ وٕدی وٕدی چھ خوٗن ہاران
تمہِ خوٗنہ سوٗن قاتل زٕنگی زٕنگی دوشال آسیا

پروفیسر شفیع شوق چھ اقبالُن تہٕ مارکسی فلسفک اثر آزادس پیٹھ ہاوان لیکھان

ؔ "اکِہ طرفہٕ اوس آزاد کارل مارکس ہندِ فلسفہٕ نِشہ زبردست متاثر، مگر بیٚیہِ طرفہٕ اقبال سٕنٛدِ جوش آفرین شاعری ہُند مداح۔ یِم زٕ اثر چھِ زٕلیتھ تمی ہنزِ شاعری انقلابی بناوان"

لہ کاشُر ادبُک پوٚت منظر، کشمیری ڈیپارٹمنٹ ۱۹۷۹ء صفحہ ۱۲۲۔

آزاد ؎

کُنے پرواز طوطس بُلبُلس کاوس تہٕ شہبازس
وٕلیکن وچھ تفاوتھ کیٛتر پروازس تہٕ پروازس

اقبال ؎

پرواز ہے دونوں کی اسی ایک فضا میں
شاہین کا جہاں اور ہے کرگس کا جہاں اور

اقبال ؎

وہ جوئے کہستاں اچکتی ہوئی
اٹکتی لچکتی سرکتی ہوئی
رُکے جب تو سِل چیر دیتی ہے
پہاڑوں کے دل چیر دیتی ہے

آزاد ؎

بٕڈبن، بیرٕن سٕنبن ووگنبن ژٕٹھ والاں چھُس بوشہٕ
درٕن تکرٕن ہٹرٕن شٕرۍ ہٹھی گرٕشھتھ ڈالان چھُس ہوشہٕ

"وِرٕ ہیوٚرس مقابلہٕ چھُ آزادن یٕسلہٕ پاٹھۍ اقبال کٲشرس اندر ورتوومُت۔ اُمی سندِس شیطان ہندِس تصورس تہٕ علامتہٕ، اُمی سندٕن علم تہٕ عشق کٕنن خیالاتن، اُمی ہنٛز حرکت و انقلاب واجیہٕ زندگی ہندٕن نظمن بلکہ اُہندِس شارٕ اسلوٗبس تہٕ وزنن تام چھِنے یٕدرِس ہیتھ لوٚد تٕہ اوٚہ کوشش تہٕ گوٚڈنی اُمی کٕرمٕژ۔ ظٲہرا اُوکنی زٕ آزاد اوس باشعورتہٕ باٲنی ذہن ہیتھ آمُت تہٕ تمٕ سندی ذہنن لوٚب اقبالس نش سگ تہٕ رنگا بہٕ"[1]

---

[1] امین کامل، سون ادب، کلچرل اکاڈمی

UNIVERSITY RESEARCH JOURNAL

# ANHAAR

## 2001

## taqabuli adab

(COMPARATIVE LITERATURE)





**DEPARTMENT OF KASHMIRI**
**UNIVERSITY OF KASHMIR**
**HAZRATBAL, SRINAGAR - 190 006**



ISBN : 81-87351-02-0

Printed at :- Makoff Printers